ژٕ دآہمہ تہٕ پنٛدآہمہ صدی ہنٛز کاشُر شاعری

# انہار

کاشرِ ادبُک سلسلہ دار مطالعہ : خصوصی شمارٕ ۵عا



کاشُر ڈپارٹمنٹ، کشمیر یونورسٹی، سرینگر

کشیر یونیورسٹی ہنٛد کٲشر ڈپارٹمنٹُک رسالہٕ

# انہار

## ژوداہمہ پنداہمہ صدی ہنٛز کٲشر شاعری

(خاص شُمارٕ)

ایڈیٹر —— ڈاکٹر مرغوب بانہالی



کٲشر ڈپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی حضرتبل سرینگر

یونیورسٹی رِسرچ جرنل، فیکلٹی آف آرٹس

# انہار


جلد ——— ۱۱

شمارہ ——— ۱۴

وری ——— ۱۹۸۸ء

گوڈنیک چھاپ ——— اکھ ساس

مول ——— ۲۰ رۄپیہ

خطاطِ سرورق ——— معراج ترکوی

کاشُر ڈیپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی حضرت بل، سرینگر

# ترتیب

# گوڈٕ کتھ

کاشُر ڈپارٹمنٹ چھُ پنٛنین سالانہٕ سیمنارن ہندِ خاطرٕ بُزرگ کیو نوجوان قلمکارو ڈُسی لیکھنہٕ آمتین مقالن پٮ۪ٹھ اکھ بیش بہا ارزتھ زانان۔ یِمہٕ کِنۍ یہندِ رٔژھرُنک مُناسب انتظام تہٕ کرنہٕ چھُ یوان۔ یِتھین سیمنارن ہندِس ماحصلس پٮ۪ٹھ مبنی اہارٕگ خاص شمارٕ چھِ تدریسی تہٕ تحقیقی مقصدس پوٗرٕ دِنہٕ رٔنگی سانِہن طالبِ علمن تہٕ ریسرچ سکالرن سیٹھاہ بکار یوان۔ مثالہٕ پاٹھۍ شیخ العالمؒ نمبر، لکہٕ ادب نمبر تہٕ گرٛیرن نمبر بیترِ۔ یُس پٮ۪ٹھ یوٗزھ میہٕ کاشرِ زبانۍ ہندِ دستیاب ادبُک عہد بہٕ عہد تفصیلی مطالعہٕ کرنُس کُن کشیرِ اندر تہٕ کشیرِ نیبرٕ موجوٗد صاحبِ نظر لُکن دعوت دِیُن۔ یِتھہٕ زٕن اکھ مفصل ادبی تواریخ مُرتب کرنچ وَتھ بیٚیہٕ ہن روشن سپدِتھ ہیکہٕ۔ چنانچہٕ سپدُ اتھی مقصدس تحت ۱۹۸۷ ہُک سالانہٕ سیمنار معروف ادبیاتہٕ چین ابتدائی دوٕن صدین دوران تخلیق سپدِمتِس کاشرِس ادبی سرمایس پٮ۪ٹھ بلکہٕ آو امہٕ دورکین ادبین حصہٕ آمتِس معاشرس مزید مطالعہٕ کرنُک تہٕ سنز کرنہٕ۔ سیمنارٕ خاطرٕ ژارنہٕ آمتہٕ موضوعُک عنوان اوس یِتھہٕ پاٹھۍ مقرر سپُد "رٕژھ دٲہمہٕ، پندٲہمہٕ صدی ہنز کاشر شاعری"۔ امہٕ تھو امہٕ کتھ خاطرٕ ہُن ذہن صاف تہٕ واضح زامہٕ پتہٕ

سیمنارہ خاطر آسہٕ قدرتی طور اَسہٕ آینہٕ شُراہمہٕ صدی پیٹھ وُہمہٕ صدی تام پنُن لوٚسفر بروٚنٹھ کُن پکناوُن۔ سائنس گوٚڈنکس قدمس قدر کران کرٚ کینژو بزرگ ادیبو تہٕ نوجوان نقادو پننٕ موٚللی مقالات پیش۔ کینژو ادیبو کرٚ گوڈنکہ پھرِ اتھ کاممنز شرکت۔ اَسی چھِ دہ شوبنی قسمہٕ کیٚن اتھ واس دِنہٕ والین ہندی مقالات شُکرگذاری سان اُنہارکس سیٹھ شمارس منز شامل تھوان۔ پیٚٹھ میوٗل اَسہٕ وایس چانسلر پروفیسر مشیر الحق صابنہٕ بیٚیہٕ ڈین سٹوڈنٹس ویلفیر ڈاکٹر معراج الدین صابنہٕ ذاتی دلچسپی کِنہ یوم مہجور پننہٕ سالانہٕ سیمنارک حصہ بناونک تہٕ موقعہ یمہٕ کِنہ مہجور صابنُن تفصیلی مطالعہ کرن والین پننین ایم اے فاینل کیٚن طالب علمن تہٕ اتھ موضوعس پیٹھ تحقیق کرنک شوق تھوَن والین سکالرن ہندِ خاطرٕ تہٕ اَسہٕ کینہہٕ مقالہ تیار کرناوِنی پیٚیہٕ۔ اَسہٕ چھیہٕ وہ مید زِ سالانہٕ سیمنارہٕ تہٕ یوم مہجور تقریباتن ہندٕ زٕ ژھرنہٕ پینہٕ ووٗل یہ مواد پیٚدٕ پسند امیک لگہار بہٕ تہٕ معنویت گژھہٕ تمہٕ وقتہٕ پننہٕ مطلوبہٕ منزِل پراونس منز کامیاب۔ یِیلہٕ کٲشری دورٕ پتہٕ زٕگ دورس، مغل دورس، پٹھان دورس تہٕ سِکھ دورس تام تخلیق سپدیمتہٕ کٲشر ادبک صحیح متن مشخص کرنکہ طریقہٕ اَسی آیند کیٚن سیمنارن منز موضوع بحث بناوِتھ ہیکوکھ۔ یمہٕ شمارک بیشتر حصہ چھُ کٲشیری دورکس کٲشرس ادبس سیٚتی تعلق تھوان۔ البتہٕ چھُ مہجور صد سالہ تقریبہٕ ہندِ وساطتہٕ حاصل مُت سپدمُت مواد تہٕ امیک اکھ حصہ بناونہٕ آمُت۔

ڈاکٹر مرغوب بانہالی
صدر شعبہ کشیری

# لل

مجروح رشید

## پیٹھ سپد مُت تنقید

(اکھ موخصر ساہ)

کاشُرِ چھِ پننس کُنہِ بیرس تیلہِ مازان ییلہِ گوڈ وڈ وپر لوکھ تمچ لگہِ ہارکی هُند اعلان چھِ کران۔ میہ چھُ یتھ کتھِ پیٹھ پوٗر یقین زِ اگر نے انگریزی تہ باقے زبانَن ہنزن کتابن منز کشیرِ ہندِ حُسنک ذکر آسہے شاید ما آسہ ہے پزٕ کاشرن پتہ بہان زِ کشیر چھیہ اکھ خوبصورت علاقہ۔ یہ پوم اوٚ موکھ وٚنٕ زِ للہ واکھن ہُند تذکرٕ ییلہِ تہ زانہہ سپدِ تیلہِ بییہِ گوڈنیتھ یوٗرپی لکھارن ہُند ناو ہیوٚن۔ یہ چھیہ اکھ مجبوٗری تہ تہ اکھ المیہ تہ۔ میہ چھُ یتھ کتھ پیٹھ تہ یقین زِ اگر نے یوٗرپی لکھاری للہِ ہندِ عظمتُک باس دیہن شاید ما آسہِ ہے سوٗ وُنہِ تہ سانہِ خاطرٕ للہ مژٕ یا فقط اکھ خُدادوست زنانہ تہ بییہِ نہ کینہہ۔

لَلہ ہندِ پُوٗرٕ لیکھن والین منز چھ گریرسن، برنٹ تہٕ رچاڈ ٹمپل قٲبلِ ذکر۔ یِمو چھ لَلہ ہندِس فنس متعلق کم تہٕ تِمہٕ وقتکین مُختلف فلسفن متعلق زیادٕ لیوٗکھمُت۔ تِمن اوس وَننہٕ آمُت زِ سو آس اکھ خاص فلسفچ مانَن واجیٚنۍ یہ پُٮ۪د اوٚ موکھ تہٕ، تہٕ کیازِ شو فلسفچ اصطلاح چھِیہٕ لَلہ ہِنٛزِ ہا کھٕ ورتاومٕژ۔ یِمو نقادو چھ لَلہ واکھن منز ورتاونہٕ آمژن بحرن متعلق تہٕ بحث کوٚرمُت یمن ہِنٛز چھ کُنہٕ جایہ کینہہ تنقیدی اِشارٕ تہٕ میلان۔ کاشُر زبان آس یُوٗرپی یَن ہندِ خاطرٕ سٮ۪ٹھاہ اجنبی لہٰذا اوس نہٕ تِہندِ خاطرٕ ممکن زِ تِم ہیکہٕ ہَن لَلہ دٮ۪دِ ہندِ شاعرانہٕ شخصیتُک پُوٗرٕ پُوٗرٕ مطالعہ کٔرِتھ، نہٕ کٔرِتھ تہٕ چھِیہٕ کاشِر زبان یمن ہِنٛز احسان مند۔

یُوٗرپی لکھارن ہندِس تحقیقس منز یِم کوتاہیہ روزٕ تِمن ہِنٛز نشاندہی چھِیہٕ پروفیسر جیالال کولن پننہٕ انگریزی کتابہٕ (LAL DED) منز کٔرمٕژ۔ یُوٗرپی لکھارٕ ہاۍ تذکرہ نگارنہٕ زِ نقاد۔

لَلہ ہُند گوڈنیُک نقاد چھُ عبدالاحد آزاد۔ آزادن چھ بڑٕ عرق ریزی تہٕ محنتہٕ سان لَلہ ہُند مطالعہ کوٚرمُت تہٕ پٮ۪لہٕ تہٕ زانہہ لَلہ متعلق لیکھنہٕ یہِ لیکھن داکس بنیہ ضرور تِمہ سِنٛز کتاب "کشمیری زبان اور شاعری" پرٕنۍ۔ آزادن یہ کینژھا لَلہ واکھن متعلق لیوٗکھمُت چھ تہٕ سوٗے ہیکون اَسۍ تواریخی تنقیدکس زُمرس منز شامل کٔرِتھ۔ سُہ چھُ پننس مطالعس دوران جایہ جایہ لَلہ واکھن ہُند حُسن تلاش کران، ژِھینان تہٕ تِتھ داد دِوان۔ سُہ چھُ لَلہ واکھن ہندِس لسانی زاوی جارس سان تہٕ اَہَم اہمیت تسلیم کران۔ آزاد بحیثیت اکھ نقاد چھُ پننہٕ کتابہٕ "کشمیری زبان اور شاعری" ہندِس ترٛیمس جلدس منز نمودار پٮ۪دان۔

آزادس پتہٕ چھُ پروفیسر جیالال کول لَلہ واکھن ہُند مطالعہ کٔرِتھ تِمن متعلق پننۍ تاثرات لیکھان۔ سُہ چھ اکھ طرفہٕ لَلہ واکھن ہندِس موادس متعلق بحث کران تہٕ یمن غلطین ہِنٛز نشاندہی کران یِم گریرسن کران چھُ تہٕ بیٚیہ طرفہٕ چھُ لَلہ ہندِس کلامس

تنقیدی نظرٕ تراوان۔ پننہِ انگریزی کتابہٕ "LAL DED" منز چھُ بار بار یمہٕ تتھ
ہنز ژینہٕ وَن دِوان زِ انگریزی زبانہِ منز لَلہٕ واکھن ہُند ترجمہ کرِتھ چھِنہٕ سو تیہہ
باتھ روزان یوسہٕ یمن پننہِ اصلی زبانہِ منز موجود چھےٚ۔ سُہ چھُ یہ کتھ تہٕ وَنان زِ
اَکِس ووپر زبانہِ منز لیکھن دِز چھُنہٕ بہٕ لَلہِ ہندِس بجرس ستۍ انصاف ہیکان کرِتھ
سُہ چھُ لَلہٕ یہٕ خراجِ عقیدت پیش کران زِ سو چھےٚ پننہِ صنفہِ یعنے واکھہٕ زنگ
تمام کاشرِن منز فنی نقطہ نگاہ کِنہ سرس۔ کول صاب چھُ ترِن لَلہٕ واکھن ہُند
تجزیہ کرِتھ وَنان زِ لَلہٕ واکھن چھُ پنُن اکھ اسلوٗب تہٕ روٗح تہٕ یَے زِ چیز
چھِ لَلہٕ واکھن ہنز اصلی پہچان۔ سُہ چھُ بڈٕ زور دِتھ یہ کتھ وَنان زِ لَلہٕ ہُند
اسلوٗب چھُ اکھ بدوٗن اسلوٗب یُس نہٕ بیٚیہِ کانٛسہِ ستۍ رلہِ۔

اوتار کرشن رہبر چھُ لَلہٕ واکھن متعلق بحث کران تتھ
ساری سے مواد س سام ہیوان۔ یُس تمہٕ سنز کتاب "کاشرِ ادبچ تاریخ"
لیکھنس تام بارسس اوس آمُت۔ سُہ چھُ لَلہٕ ہنز شاعری منز لَلہٕ ہند
وقتکۍ حالات لبنچ کوشش۔ تمہُند مرتبہ چھُ بحیثیتہٕ محقق زیادٕ تہٕ
بحیثیتہٕ نقاد کم۔

پروفیسر رحمٰن راہی چھُ لَلہٕ واکھن ہُند مطالعہٕ خالص فنی
زاوی جارن کِنہ کران۔ راہی سنہِ تنقیدُک سارِوے کھوتہٕ اہم
وصف چھُ یہ زِ سُہ چھُ لَلہِ ہندِن اوسطورن تہٕ عقیدن ہُند بحیثیت
نقاد احترام کران تہٕ پننہِ ذات چھُ تنقید لیکھن وز پتھ کُن
تھوان۔ راہی چھُ لَلہٕ ہُند مطالعہٕ کران کران یہ اہم کتھ برونہہ
کُن انان زِ لَلہٕ ہندِس کلامس منز چھُ اکھ اندرٕمی جنگ نظر گژھان

پرزر ہے مانو تیلہ چھ یوہے اندری جنگ للہٕ ہندن واکھن آفاقی بناوان۔ راہی چھُ للہٕ واکھن ہندس موروثی اظہارس داد دوان تہٕ ایمیک تہٕ حسن بدٕ کڈان۔ راہی ہندس تنقیدس منز چھ کنہٕ کنہٕ ساعتہٕ تھی جملہٕ نظرِ گژھان یمن منز شاعری زیادٕ تہٕ تنقید کم چھُ آسان۔

للہٕ واکھن ہندن مختلف پہلون پیٹھ یمو بُزرگ لکھارو بحث کورمُت چھُ تمن منز چھ ڈاکٹر بلجی ناتھ پنڈت، پروفیسر کاشی ناتھ در، ڈاکٹر مرغوب باہنالی، محمد یوسُف ٹینگ، ڈاکٹر رشید نازکی، موتی لال ساقی تہٕ ڈاکٹر ٹی،این گنجو قابلِ ذکر۔ امہٕ قسمکس تنقیدس متعلق چھیہٕ اہم کتھ یہ زِ یم ساری نقاد چھ للہٕ ہندن واکھن منز تمہٕ وقتکی عکس ژھانڈان تہٕ تمن فلسفن ہنز وژھنے کران یم اتھ وقتس منز اکھ اکس قریب آسی یوان۔

نۍ ہِیہ ہندن نقادن منز چھُ ڈاکٹر شفیع شوق تُند ناو ہیوٗن میہ فرض باسان۔ تمُ ییمہٕ محنتہ تہٕ ہمدردی سان للہٕ واکھن ہندس فنس متعلق لیوٗکھمُت چھُ تہٕ ہیکہٕ نہٕ کُنہٕ حالس منز مشتراوِنہٕ یِتھ، شفیع شوق نس تنقیدس منز یوسہٕ اہم کتھ میہ نظر گےٚ سو چھیہٕ یہ زِ یُس ون وآتس چھُ تہٕ تمن بظاہر بے واٹھ شبہن ہنز اہمیت واشگاف

کران یِم اکِس للہٕ واکھن منز نظر گژھان چھیہٕ تہٕ یِمن پانہٕ وٲنٛی اکھ باطنی رشتہٕ چھُ۔

پتِمن کینژن وریِن منز یِمو نوجوانو للہٕ دیدِ ہندِس کلامس متعلق پننین خیالاتن ہند اظہار کوٚر تہٕ یِہندی مضمون شیرازٕکین کانٛژن شُمارن منز شایع سپدی یِمن منز بشر بشیر، عزیز حاجنی، فاخر حزین، رشید راشد شامِل۔

# لل دېدتہٕ شیخ العالمنٕ شاعری
# سماجی پس منظرس اندر

رشید راشد

یہہ دلیوٗنٛد دور چھُ ژُداہِم صدی ہُند اکھ مُغل دور۔ یُس دۄراو پانٛژٕ کمزور تہٕ نااہل بادشاہ۔ اَیکُ ثبوٗت چھُ اَتھ برونٛہہ کنہٕ تِہنٛدِس پرایِم منسٹر رامہٕ ژنٛدرٕ سٕنٛز چالاکی۔ اَمہِ صدی ہٕنٛدین گوڈنکین دہن ؤرِشن اندر چھِیہٕ کٲشِرِ اندر اہم شخصیژ وارِد یِدان۔ کینہہ آیہِ بحیثیتِ فوجی، کینہہ بحیثیتِ پناہ گزیِن تہٕ کینہہ بحیثیت حملہٕ آور۔ زلجو ہٕنٛدی حملن چھِ کٲشرِ کانگرین لارناوِتھ وزیرن تہٕ اَمیرن چھِن تیر پھاٹناوِمٕژ۔ تِہنٛدی فوجن چھُ عوامس اکِس بتر کوٗر مُت۔ رینچن سٕنٛز کٲشرین پیٹھ حکوٗمت کرنٕچ تگ ووڈ تہٕ رٲز اَنٛدری وارٕ کٲم کران۔ ہُیارٕ رُود شاہ میر تہٕ بارسوٗخ لوٗکن ہُند ساتھ حاصل کرنہٕ خاطر وارٕ وارٕ کٲم کران یُتھ زُ تہٕ

باگ ڈور سنداریخ زور آزمایی کر۔ یتھس ماحولس منز ییتہٕ کاشرین ہنز
نظر سیاسی افراتفری تہٕ خوف وہراسس کُن آسہٕ پھرٕ لل دید ہنٛس
شخصیت تولد۔ تس سند زاسنہٕ ہیکو نہٕ گنڈتھ ژٕھتھ مقرر کٔرتھ البتہٕ
ہیکہٕ دوٚیم تہٕ تریم عشرک کانہہ وٕری تس سند تولد پیدنک وٕری
آستھ۔ یہ کتھ وَنوٚ یتھ کٔنی تہٕ زِ لل دید زایہ پرٛتھیہ پوٗٹھیہ تہٕ انتقال
لوٚبنٕ آٔتھی ژوداہمہ صدی اندر۔ تسندس ۱۳۳۵ء زاسنہٕ آسنس
پیٹھ چھُ اکثر اتفاق۔ لل دیدِ ہندس وٕتھنس یٖہنس منز روز بیٚیہ
تہٕ کینہہ شاعرانہٕ شخصیژ علمی تہٕ فلسفیانہٕ لحاظہٕ اثر انداز۔ سدھ مول
تہٕ لل دیدِ ہند ادش تہٕ چھُ شاعرن اندر گٔنز راونہٕ یوان۔ مگر شاعرانہٕ
مکالمہٕ نگاری یوسہٕ صرف گٔرشن تام واٹھن پیٹھ مبنی چھیہٕ ہیکہٕ نہٕ
یہند شاعر آسنچ سند آستھ۔

البتہٕ ہیکو یہ کتھ ضرور وٕنتھ زِ اتھ دورس منز ہیکن شاعر
آستھ تہٕ ضرور ہیکن آستھ یکیازِ واکھ فارم چھُ اکھ عامیانہٕ فارم اوسمت
تہٕ اَمِچ غایت چھیہٕ عام آسمژ۔ اگر کانہہ عام شخص کانہہ کتھ گنگراوان آسہے
سہٕ آسہے آٔتھی لیہ اندر گنگراوان۔ اَدموکھ چھیہٕ یہ کتھ تہٕ نٔنی زِ لل دیدِ ہندِ
خاطر چھیہٕ یہ فارم پھٕہہ دِتھ روٗزمژ۔ اَمِچ رلوایتھ چھیہٕ یہ جم پدو تہٕ مہانے
پرکاش پیٹھ زوان روٗزمژ۔ البتہٕ چھیہٕ یہ کتھ وَنٛنی لایق زِ لسانی طور چھُ
للہ واکھ اَمہٕ صدی ہندِ تمدنکی عکس لفظکین قالبن اندر بران۔ اَسہِ چھُ
لل دید ہند کلامہٕ پٔرتھ تمہٕ دورچ ہمہ جہت سماجی، سیاسی، تمدنی فکری

یا مذہبی زندگی کُن یکوٹہ ظوِن گژھان ۔

شاعری چھنہٕ چھضےٕ یوت، بلکہ پننہٕ دوُرک تواریخ، زبان تہٕ تمدن
تہٕ بروہہ کُن انان ۔ زبان مطالعہ کرنہٕ وِزِ نوٚوُ گوشہٕ نتہٕ نیرنس کُن چھُ
ROY HERVAY PEARCE وَنان زِ

" STUDYING LANGUAGE WE STUDY HISTORY, WE STUDY HISTORY SO THAT WE CUT STUDY LANGUAGE, STUDYING HISTORY WE STUDY CULTURE, STUDYING A CULTURE WE STUDY ITS POETRY, STUDYING ITS POETRY WE STUDY ITS LANGUAGE, SYSTEM IS ONE AND THE WHOLE."

HISTORICISIM ONCE AGAIN

ترجمہ: "زبانہٕ ہُند مطالعہ کران کران چھِ اَسۍ تواریخ
پران ۔ اَسۍ چھِ تواریخ مطالعہ کران گووِزِ اَسۍ
چھِ ہکان زبان مطالعہ کرِتھ ۔ تواریخ مطالعہ
کران چھِ اَسۍ تمدن مطالعہ کران ۔ اکھ تمدُن مطالعہ
کرِتھ چھِ اَسۍ اَمِچ شاعری مطالعہ کران ۔ اَمِہ کا ایچ
شاعری پران چھِ اَسۍ زبان مطالعہ کران ۔ طریقہ
چھُ کُنُی تہٕ کُلی"

اُسہِ چھِ ادب پارٕ مطالعہ کرنہٕ وِزِ اکثر یتھین ہتھیارن کشش
کڑان تہٕ صرف حظ حاصل کرنہٕ خاطرٕ یہٕ پران ۔ شاعری چھیہٕ
قارِیَس تلمیحاتن تہٕ عام رِلواجس، پوشاکس تہٕ کھیٚن چیٚن کیٚن طریقن سیاسی
حالاتن ہنٛز پرامن یا غار یقینی تہٕ شاعر سٕنز ذاتی آورینہٕ کُن ظون ضرور
پھران ۔ یم چیز مطالعہ کرنہٕ وِزِ چھِ نوٚو نوٚو گوشہٕ نٕنہٕ نیران ۔ لل دیدِ
ہندِس دورس منز یِمہٕ شاعری ہندی کینٛہہ محرکات ۔ فلسفیانہٕ اوکطرف
تھوٚوتھ وُچھو اُسہِ زِ لل دیدِ ہنٛز ۔ شاعری کاتیاہ گوشہٕ ہیکن نیرتھ تہٕ تمہٕ
دورٕچ کینٛہہ سماجی پوٚت منظرچ محرکات وُچھنۍ چھِ ضروری ۔

لل دیدِ ہندِس لوکچارس منز چھِ سیاسی افراتفری ہند اثر سماجی
زندگی ہنٛزِ تبدیلی کُن پھیورمُت آسان ۔

لل دید چھیہٕ پننہِ ماحول شیو فلسفہٕ کیٚن نریامبکا تانترن
ہندِس اثرس اندر وُچھان ۔ لل دید چھیہٕ سماجی زندگی اندر تلخ تجربو
اندری پانہٕ گذران تہٕ کینٛہہ تجربہٕ بڑٕ سنجیدگی سان زینان ۔

لل دید چھیہٕ نوٚو مذہب نزدیکی سان وُچھان تہٕ زینان ۔

لل دید چھیہٕ تمدنی زندگی ہنٛزِ ربہٕ ربہٕ تہٕ اہم تبدیلی اندر
پانہٕ آوری آسان ۔

سائنس فہمس منز یِہٕ واجنی کاشُر شاعری چھیہٕ ژوداہمہٕ
صدی پیٹھے شروع گژھان ۔ یہٕ صدی چھیہٕ کلچرل سنگم آسنہٕ کنہِ تہٕ خاص
اہمیت تھوان

اَتھ چھِنہٕ سیاسی طور تہٕ پزٕ پاٹھۍ اہمیت حاصل۔

تمدنی پوٚت منظرس منز چھُ یہِ اکھ اہم پرٛاو۔

اقتصادی زندگی کُن نظر تراوِتھ چھُ اَتھ صدی یہِ نشاۃ الثانیہ

ہِکُ ہیوٗ دورُس لبنہٕ یوان۔

ادبی طور چھِنہٕ یہِ صدی دۄن تہذیبَن تہٕ تمدنَن میٛل کرِتھ

پیش پیش روزٕہٕ۔ تہٕ دۄن ہمہِ صدی برونہہ یوسہٕ کاشُر شاعری چھم پد

تہٕ مہانے پرکاش رنگ چھِنہٕ، چھِنہٕ عام فہم۔

یمو دۄ یو صدیو پیٹھ یوسف شاہ چک نِس دورس تام چھِنہٕ

اَکھ شُرنی خاموشی اَدبس اندر لبنہٕ یوان۔

یم چھِ کیہہ تناظر یمَن اندر دۄن ہتن وریَن ہنز شاعری

وُچھنہٕ لایق چھِنہٕ حالانکہ حضرت شیخ العالمٕ ہٕندِس دورس دوران تہٕ چھِ پننی خاص

تنوع وُچھنہٕ لایق۔ حالانکہ یمَن دۄشوٕنی شاعرن نِش چھُ ذاتی رۄحانی

کرب تہٕ تجربہٕ تہٕ نِشِن کُن تام واتناوُن تہٕ شارن ہُند قالب رٹان۔

اَتھ بڈِس دورس اندر چھِنہٕ خاص پاٹھۍ کاشرِ شاعرو اندر یمے ز

شخصیژ پننہِ بجرِ تہٕ کار تھٔر ازٕ تہٕ اَمہِ قایل کرِتھ۔ ییلہِ زن اَتھ دورس

اندر لوکٹ شاعر گذریمتۍ چھِ یمَن اَتھ ہنز شخصیژ نِش کینہہ تہٕ

اہمیت چھِنہٕ؎

---

؎ یمَن لوکٹن شاعرن اندر چھِ بڈشاہ۔ سدھ مول، نصر بابہٕ، شاہٕ بی بی،

یودٕ بٹ بینٕہ ناوٕ ہنٛس لایق۔ ونہٕ چھُ یوان زٕ زانہٕ ولاس چھُ نظمس اندرے وُنہٕ آمت۔

بنیادی چھِیہٕ لل دید ہندو فلسفکی رموز تہٕ اسرار مطالعہٕ کران

تہٕ پالان تہٕ آخر تتھ مقامس بیٹھ واتان یتہٕ سو پرتھ اندٕ شُو سُند ظہور

لبان چھِیہٕ۔ یہٕ سپُد تیلی ییلہِ تمہٕ تتہٕ بیٹھ گیانکی امبر پرِ۔ یہٕ سپُد

تیلی ییلہِ تمہٕ زِ تسٕ سرِ اسرارِ معرفت کوڈٕتھن۔ شاعری ہندِس پوت منظرس

منز چھِیہٕ کُنتہٕ ہنز زیٹھ رُوحانی تہٕ فلسفیانہٕ آب ہوا بیٛچ اڈٕرن میلان۔

یہٕ اڈٕرن چھِیہٕ شُو مکین اصولن سگ دِوان رُوزمرہٕ تہٕ لل دیدِ ہنزِ

شاعری منز کوڈٕمُن کارِ تھوٚد بجر لوٚن، یتھ منز سماجی زندگی ہندی عکس

تہٕ کرنہٕ کنہٕ درینٹھی گژھان چھِہ۔ کاشر شاعری ہندِس گوڈٕ کالس منز یمہٕ

تصنیفہٕ شُو متکین اصولن ہنز عکاسی کران چھِیہٕ تمہٕ چھِیہٕ مہلنے پرٕ کاشُش

تتی کنہٕ۔ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ واکھ۔ "مہلنے پرکا شیچ" زبان چھِیہٕ

اپ بھرمش۔ پراکرت چونکہِ امہِ زبانی ہندی مٔول چھِینہٕ رُودی متی سانِس

فہمس منز۔ لہٰذا ہیکو نہٕ اسی امہِ کامہِ ہنز ادبی قدرِ ہند اندازہٕ کرِتھ۔

مگر اگہِ پرنہٕ تلہٕ تہٕ وُچھنہٕ تلہٕ چھُہ باسان زِ اتھ بیٹھ چھُ شُو فلسفکِ الہامک

اثر[1] واکھن تہٕ شرکیک فارم چھُ گنڈنے۔

یہٕ چھُ سُہ دور ییلہِ دِوان تمدنُن ہند سنگم تہٕ میل سپدان

اوس اکھ اوس پننی قدم مضبوط بناوان تہٕ بیاکھ اوس ڈکہِ ہیوان دِنہٕ۔

بقولِ ٹینگ صاب "لل دید ہندِس کلامس منز چھِیہٕ اکِ تمدنکہِ وُجارٕ گژھنچ

شکست وریخنچ سوے دردناک کریکھ زھو پیہٕ ہند عالم پادٕ کران

---

[1] ترلوکی ناتھ در: "شومت تہٕ کاشر شاعری" کاشر ادبک فکری پوت منظر۔
صفحہ ۴۷۔۴۸

نیُس بیدٕل ہنٛدِس کلامس خاصہٕ چھُ ؎

دہ شوٗنی شاعرن ہُند کلامہٕ چھُ سماج مطالعہ کرنہٕ خاطرٕ مواد آیتن تھوان - یہِ چھُ زٕ مواد یتھ کنُ تواریخ کینہ کنہٕ اشارٕ دِوان چھُ تہٕ کینہ چھُ اچھ وٕڈٕ تھے تھوان - اَتھ چھُنہٕ کانہہ شک زِ لَل دیدہٕ ہنٛز شاعری چھیہ مافوق الفطری موضوعن للہٕ کھول کران مگر تمہٕ خاطرٕ چھِ تمہٕ تمے ہتھیار، تمے آلات کتاورزی۔ سوے زمین تہٕ بیول استعمالس اَنی متی (یعنے یوسہٕ زبان ورتاونہٕ چھن تہٕ تمکی الفاظ) یم سائنس موروٗضی دُنیہس اندر کانہہ خاص حیثیت تہٕ قدر تھوان چھِ۔ یوس حیثیت سماجی طور سیٹھاہ اہم چھےٕ۔ دِلس زتش واتنہٕ خاطرٕ یم جتنہٕ خاز سو کران چھیہ تہٕ تتھ اندر یم مشکلات تس درپیش چھِ، تتھ چھُ تمہٕ سہٕ بیان دیتمُت زِ بیک وقت چھ تٕسنٛز اضطراری کیفیت تہٕ ظاہر سپدان تہٕ سماجی زندگی ہُند اکھ لوکُٹ کھوتہٕ لوکُٹ عکس تہٕ درینٛٹھ گژھان - سو چھیہ پنٛدس ہارنہٕ وُچھتھ واویلا کران تہٕ نادٕ تارٕ خاطرٕ التجھ

سو چھیہ آمن ٹاکین پانٛکی پاٹھی شمان
سو چھیہ ڈی دزٕونی گژھ وُچھان
تہٕ ڈمی چھیہ کراج وُچھان

یم ژور روٗپ چھِ سماجی زندگی ہنٛدی ژور عکس برونٛہہ کنُ انان یوٗدوے

---

؎ کشیری ادب کوٗل دید کی دین

کم اہمیت واُلۍ چھِ۔ مگر کانٛہہ نہٕ کانٛہہ درجہ تہٕ چھکھ۔ لفظ آدم ٹاگی۔ گج تہٕ کراج چھِ اکھ خاص طبقچ نمایندگی کران۔ یتھین ہوٚبن واکھن اندر یوٚدوٕے پٕہ شاعرن ہند غرض یہ حالت باوُنۍ چھیہٕ ییٚنکہِ اَسی عکس وُچھان چھِ مگر تواریخس اندر سماجی زندگی ہٕنز یہ لرٕ لور تھونہٕ یتہِ چھِ نوٚبن گوشن ہنز تہٕ نشاندہی ییٚدہٕ ہیکان۔ وُچھتو یِم عکس کتھہٕ کنۍ چھِ واکھن اندر ییٚنہٕ معجزاتی منظر پیش کران۔

چندس وُچھم تہٕ ہانٛہ اتے
ناوتارس دِمہٕ کیا بوٚد

آمہٕ ٹاکین لوٚنی زن شمان

ڈمی ڈیٹھم درزوٚنی گجی
ڈمی ڈیٹھم کراجی ماس

ییٚلہٕ اَسی اَمی انمانہٕ یمن دوٚن شاعرن ہند کلامہٕ وُچھو اَسہِ ییہِ واریاہ حِصہٕ ییٚتھ لبنہٕ یُس کٕنہٕ نہٕ کٕنہٕ رنگہٕ تمہِ دورکہٕ سماجک منظر باوان چھُ۔ یہِ کتھ ہیکو ییٚتھ کنۍ تہٕ وُنتھ زِ سماجی زندگی اندر یُس طور طریقہٕ یُس رسم ورواج تہٕ یُس SOCIS POTENTIAL زیادٕ موثر ادٕ سمت چھُ تمی چھُ ہہندِس کلاس ییٚتھ کٕنہٕ نہٕ کٕنہٕ رنگہٕ ییٚنہٕ دخل دیتمُت تہٕ یہٕ مداخلت چھیہٕ یمن طبقاتی لفظن ہند انگ تہٕ ییٚتھ کنۍ چھُ اَسہِ اُزکس دورس

اندر تمہِ دورُک سماج اکھ خاص جہت ہیتھ برونہہ کُن پیوان۔ مگر اَسہِ چھینہ
توآرِخس پیٹھ تقویَت گژھتھ یمَن ہُند مصداق اکھ گنڈِتھ ژٹھ پُرٕ بنأوِتھ
برونہہ کنہِ تھاوِنہِ کوشش کرِنی۔

پیوٚنکہ تِم ڈینڈ ہندیٚن دورس دوران چھِنہ بجایہِ خود کانہہ توآرِخ
لیکھنہٕ آمُت، بلکہ چھُ تس پتہٕ کیہہ کیہنہ کالی لیکھنہٕ آمُت تہٕ یہ لیکھنہٕ آو
تمیک مورخ اوس دربارس سٕتی تیتھ کنی وابستہٕ زِ سہ توآرِخ روٗد زیادہ تر
بادشاہی تہٕ سیاسی توآرِخ ییمہِ اندر کم کانہہ سماجی زندگی ہندِ تذکرٕ آسنہِ
وومید آسہِ تہٕ تی چھُ پیدٕ مُت تہٕ۔ بڈشاہ ہندِس دورس اندر یُس بڈشاہ
ہنز زیرکی تہٕ انصاف پسندی پیٹھ ڈرامہ (منظوم یا نثرس اندر) زانہٕ وانس
تہٕ زانہٕ ژرت زنگی آسُن یُس شوہر ازنہٕ سانین کنِن تام کرِتھ دِوان
دومُت چھُ سو چھینہ تہٕ بدس ہنس تام ہوٚچھ آواز۔

مگر ییلہِ کُلی طور یمہِ زٕ ضدی یہ مطالعہِ کرو تہٕ اَتھ وسیع دورس
اندر چھِ یم امکانات اغلب زِ کیہنہ نوی طور طریقہِ آسن قبوٗل آمتی کرنہٕ تہٕ
کیہنہ آسن ترک آمتی کرنہٕ یہ زِ تمدنی ثقافتی، سماجی طور طریقن تہٕ لسانی
تبادلس اندر اکھ لازمی کتھ آسِتھ ہیکہِ۔ اَتھ کتھِ چھینہ توآرِخ گواہ زِ
ساداتن ہندِ وآرِ کشمیر سپدنہٕ پتہٕ سپد اسلامی رسم و رواج متعارف
یُس اسلامی نقطہ نگاہ کنی قبوٗل تہٕ کرنہٕ آو۔

ہندی دورس دوران اوس کاشُر سماج دون بڈین گروہن
منز منقسم سپدمت۔ اکھ بُنیاد آس صرف امیری تہٕ غریبی۔

امیر طبقس اندر آسی اکثر برہمن تہٕ یہندٕ ے اوس زیاستر اثر ورسوخ باقے طبقن پیٹھ۔ تمہٕ آسی مختلف دل ورتاوتھ غریبن نیتھ ہوان تہٕ پننی بالادستی قایم تھوان۔ تِل دید چھیہٕ یمن ہُند کردار پانہٕ پرکھاوان تہٕ یہندی نفسٕ سانگ پانہٕ وُچھان۔ سو چھیہٕ پانہٕ اُکس پرِی مِتس ینکھی متس گرس اندر زامژ تہٕ اَزِ اوُسس شو درشن باگہٕ آمُت۔ یمہٕ کِنی اَتھ مصنوعی تیندی لوہ لنگرس خارباد کوٚر تہٕ نیتھ ہینہٕ والین بٕتھ پیٹھ نیوٚن تیتھ کٕنی طنزکرِتھ زیہنز اصلیت پیسنی آشکار۔

پرِتھ تہٕ لوٚزِتھ برہمن ژھیٹن
آکر کھٹن تہند وید ہتہ
پٔٹنچ سٕن نِتھ تھون مٹن
مُہتھ مَن گرٕ ھبکھ اہنکاری

چونکہ برہمن چھیہٕ ہندو دھرمس منز سو ذات رُوزمژ یم مذہبی پیشوامانٕنہٕ چھِ لِوان تہٕ آسی تہٕ لِوان۔ یہند ڈسی یہِ فعل سپُدن ماہیکہٕ نہٕ ممکن آسِتھ۔ البتہ ماہیکہٕ یہِ کتھ آسِتھ زِ یہنز کارکردگی آسہا ژوٚر پیدٕ نکس معاملس اندر پوٚت منظرس منز یمہٕ کِنی لل دید پوٚت منظرس اندر یم گندن والی کردارٕ ے چھِ ایکسپوز نٕہمتی کرِتھ۔

تہٕ یتھے پاٹھی اسلام مکمل طور متعارف گژھنس ستی تہٕ لوگ تموے سماجس پیٹھ سکہ جماوُن یم عامٕ لکن نِشہ یپنہٕ پان اسلام زانہٕ ڈن دِپان

آسی - یم چھِ تمے ٚ لگھ یم سماجی رۄتبہٕ ژھانڈنس پیٹھ رۄزِتھ آسی - تموٚ تہٕ لوگ
سۄ طریقہٕ کار ورتاوس انُن یُس ہندو دورس اَندر برہمنو بیتھ ہینہٕ خاطرٕ استعمال
کورمُت اوس - اَمہِ طبقکین لگن ہندی نفر پاتھر اوس حض یشح پانہٕ وچھان
تہٕ زرزان - سۄ چھُ وجہ زِ تم رۄدی نہٕ اَتھ طبقس کُن انگشت نمائی کرنہٕ نش پتھ -

ملا ڈیوٚ ڈھم ماچھ کھیوان
ہاکس دِیان یہ چھُ کچھ
ڈاکر ژھنان باکر کھیوان
مشند دِپان زاٰ اَتہٕ چھُ یچھ

اَمہِ طبقچ یہ بالادستی تہٕ سانگ برونہہ کُن اَنُن گیوو یہنز سماجی زندگی
اندر غلط طریقہٕ کار وَرتاوِتھ سماج نبے مقام وَتن کُن نیُن - گۄنہٕ تہٕ قوس اندر ییلہِ
یہ فیوڈل اِزم پادٕ گژھان چھُ، سۄ طبقہٕ چھُنہٕ قطن یرژھان بلکہ لکن ہنز خوشحال
زندگی ینمہِ بتے ییہنز اجارداری ییٹھ صرف یہہ تہٕ کشیرِ اَندر چھُ برونہہ کالہِ
پیٹھ اُمی طبقن تہٕ مکمل پاکھٹے پیڑاوٕلی کرِمژ - یہ چھُ سۄ طبقہٕ اوسمُت تواریخ
یمَن ہنز ذات ڈامر باوان چھیہٕ -

"BETWEEN THE TILLERS OF THE SOIL AND THE KING THERE STOOD THE POWERFUL[1] DAMRAS WHO WERE THE FEUDAL LORDS"

---

[1] STUDIES IN HISTORY OF KASHMIR BY M.L. KAPOOR

ترجمہ: "کملین تہ بادشہس درمیان آسی طاقتور ڈامریم زَن فیوڈل لاڈ آسی"

حالانکہ کشیر چھیہٕ اَکھ بوٚنیمس طبقس پیٹھ دارمدار تھوٚوتھ تہٕ یہٕ بٔنیم طبقہٕ چھُ اکثر گریستین ہُند روٗدمُت۔ کاشتکاری ہنز آمدنی پیٹھ چھیہٕ حکوٗمت زیاتر چلان روٗزمژ۔" ہندوٗ دورس منز اوس ملک فصلکس شیمس حصس پیٹھ تہٕ دورِ سلاطینس اندر نصفس پیٹھ گذارہ کران[۱]۔

حضرت شیخن رح چھُ غریبن ناش گژھان واویلا کوٚرمُت۔

غریبن گژھان دہ ہے ناشو

ہندو دوراند واتنس ستی ییلہٕ کاشُر بجایی تہٕ پاپرجایی کٔن پکان اوس بہٕ زَن بڈشاہ ہندس دورس اندر لیکھنہٕ آمُت تواریخ باوان چھُ تیلہٕ گژھی بہٕ حضرت شیخ ہندِ دمن پیٹھ طنزکی نقوش اَکھ ستی تعناد کھیٚنی۔ ہیرم پاپرجایی تہٕ غریبن ناش گژھن چھُ اکھ لمحہ فکریہ بنیتھ ووتلان۔ حالانکہ اَکھ جایہ چھُ یہِ وُچھُن تہٕ ضروری زِ حضرت شیخس اندی پکی کم کم حالات چھِ آسی ستی۔

۱. حضرت شیخ ہندس ولادت لبنس دوران اوس سلطان شہاب الدین ہنز بہودری ہُند شوہر۔

۲. سلطان ہندن آخری دہن دوران اوس کشیر اندر قحط تہٕ امہٕ زلوٗن خالی ہُند چرچہٕ آسہٕ ہا لازمی من حضرت شیخ ہندن کنن ووتمُت۔

---

VALLEY OF KASHMIR LAWRANCE ۱

(iii) حضرت شیخ سندِس لوکچارس دوران یاتہ آسہ ہے یمہ کتھہ ہُند چرچہ زِ
سُلطان قطب الدینن چھُ بیٹھا یہ ستۍ نکاح کورمُت یا تہ چھُ مسلمانن
ہندِ اثرِ رسوخکہ زورِ پیٹھ یہ عمل عام اوسمُت ۔

سلطان سکندر ہسنز اسلامی طرز حکومت استعمال کرنی تہ
غار مسلمانن پیٹھ روب داب آسُن آسہ ہے حضرت شیخن یا نہ
وُچھمُت تہ حضرت شیخ چھُ اُکس حساس وُچھن واجی ہندی پاٹھی تمہ
وُچھان ۔ تمۍ آسہ سلطان سکندر ہسنز لوکچہ واٹنہ ہُند مرُن تہ وُچھمُت
تہ عامہ ممکن چھُ یہ اشارہ آسہ تۆری کُن

راج کوٚر سکندرۍ تاجدارن
تمۍ کتھہ مال یتھ پانس ستۍ
دِل دِتھ ژھونڈ دِہہ پٔیلہ مزارن
اُسہ بروٚنٹھ اُہی گامتۍ کیتۍ

سُلطان علی شاہ تہ شاہی خانُن دور تہ چھُن وُچھمُت ۔ سماجی
زندگی اندر تبدیلی چھنہ یکدم پیدٕ ہیکان ، بلکہ یہ عمل چھِنہ آہستہ آہستہ
کار فرما روزان تہ سلاطینن ہندس دورس چھُ سماجی طور ہندو دورس
ستۍ واریاہ وابستگی روزمژ ۔ ہیارۍ چھنہ یمن دۄن شاعرن ہُند دور
تہ کم کینہہ الہٕ پلہٕ چھِ زِ یتھ وُرین پیٹھ یم دحاط کرتھ تہ لۆت زِلوٚکھ
دور ہیکہ نہ سماجی طور ہوٚوے آستھ البتہ چھ کینہہ رسم و رواج یتھی
تہ آسان یم سماجس اندر موٚل دِتھ چھ آسان یہند پراٹنہ سماجی زندگیہ

اُدرِ کھُل پیدان چھِیہٕ ۔ پوٚزا یہٕ دوران یمَن اشیا یہٕ استعمالن ہُنٛد
ناو "نیل مَت پران" دِوان چھُ لل دٮ۪د ہنٛدِس دورس اندر تہٕ چھِ
تمہِ استعمالس آسی میتھٕ پیوان اَنہٕ ۔ لل دیٚد اگرے یرٕ ھ پوٚزاے یوٚہ
زوٚ زرتہٕ بنان چھِیہٕ تٮ۪ہٕ ژٹان چھِیہٕ بلکہِ اَند چھُ ذکر تمَن چیزَن ہُنٛد
اَتھ ٹاٹہٕ ژٹمنس اندر میلان ۔ گوٚ وسماجی طور کیہہٕ طور طریقہٕ چھِیاسی
افراتفری ہندس ولگننس اندر تہٕ زندہ روٗزِتھ ہیکان ۔

کش پوش تیل دیپہٕ زل ناگرٕ تھے

یمن چیزَن ہُنٛد ذکر میلنہٕ ستی ہیکو نہٕ یتے مطلب کڈتھ زِ مذہبی
طور اہمیت آسنہٕ کِنی چھُ یمَن ہُنٛد استعمال اوسمُت پیدان، بلکہِ چھُ یمَن
چیزَن ہُنٛد کاشت تہٕ وُچھُن لایق آیا یم چیز آسیا کشیر اندر کاشت
پیدان کِنہٕ درآمد آسی پیدان ۔ یتھ ہیکَن یہندِ تذکرٕ ستی بیَیہٕ تہٕ گوشہٕ نیرتھ ۔
کوٚنگہٕ پوشکہٕ تذکرٕ چھُ لل دٮ۪د یِیلہٕ پاٹھی کوٚرمُت تہٕ حضرت شیخن چھُ تشبیہاتی
طور گوٗنگل کرنہٕ بیٚتھ کرٛاو کرنس تام اکہٕ زیٚٹھ تگ ودوٚرِ بازیافت
پیش کرمٕژ ۔ دانہٕ واجنٛد دانہ دانس یہٕ یتہٕ الہ بانی ہیتھ روزن تہٕ
بیٚہ ہینہٕ واسس دانس لور پوٚتی ٹاسراے تُلتھ کامہٕ لایق بناوُن
چھُ اُز تہٕ سانہٕ گامی زندگی اندر لبنہٕ یوان ۔ اگرے اَیکُ تذکرٕ
حضرت شیخن روحانی تجربہٕ باونہٕ خاطرٕ اکھ تمثیل وُذمٕژ چھِیہٕ تمہِ باوجود
تہٕ چھِیہٕ سماجی طور وُچھنہٕ کِنی یہٕ یِنہٕ دورِچ سماجی زندگی ہنٛز عکاسی
ہُنٛد اکھ زاویہٕ ہاوان ۔ کاشت کرن والی فصل چھِ اکثر تمہِ آسی تہٕ

یم پانٕس استعمال پدان آسی ییمہٕ اَندرٕ آسی تمن لوکن کھین چین وُچھتھ ہیکان چھِ۔ یمن فصلن ہُند کاشت یا یم کھینہٕ ژنگی استعمال کرنُک تذکرٕ چھُ دٕ شوٗنہٕ شاعرن ہٕنٛز میلان زِ اَمہٕ ہٕنٛز چھُ عام زندگی گُزارنُک معیار تہٕ برونہہ کُن پکان۔

نیٚشہٕ پوٚدی اُنِتھ وانہٕ لاگن۔ شیخ العالمؒ
وون مٹھ کپس تہٕ ان

یا

للہٕ دراَیس کپہٕ پوش ٹٹرے۔ للہ دید

یا

ژرٹن یارٕ تہٕ گنڈن وارے
وون ہاکھ سوژل تہٕ کرٕم
ہنگہٕ لوکھ تہٕ گرس نارے
کھیٚنہٕ زن بہن یم
حض شیخ

یا

ہنگہ لوکھ تہٕ زرہ نبہٕ ڈُلی
یٚیتہٕ کنجن وُبگہٕ ژھو

اَمہٕ دورُک بٔبیہٕ خاص کھینہٕ چینکی چیز چھِ یم روٗدی متہٕ یمن

ہُند تذکرٕ کُنہٕ نہٕ کنہٕ دٕ ہ شوٗ نی شاعرن نِش میلان ۔ ان ، مُنٛڈ ، گُرس ، پینگٕ ، ترٕ ہ ب ، ہاکھ ، دٕ وہِل ہاکھ ، ندُر ، آنچار ، سوٗ ژل ، بتیر ۔ زلچو ہُندِس حملس دوران لوٗٹ کھسوٗٹس منز ییٛنہٕ وٲلۍ چیز چھ غلاتہٕ علاوٕ دانہٕ خاص اوسمُت ۔ زلچو ہندی فوجن " کھو غلہٕ تہٕ توٗل تیوٗت یہٕ ہیٛوٗ گمُکھ " نہٕ مگر دورِ سلاطینس اندر چھُ خاص پاٲٹھۍ سوٗلبہٕ اوسمُت ۔ کمیٚن آسہا یوان مُہنتھ ننہٕ تہٕ یمہٕ آسہا یوان بازرن اندر سوٗلبہٕ کنہٕ ۔ یہٕ زن لارنس سُند بیان چھُ زِ سلطانن ہُندِس دورس اندر آس حکوٗمت نِصف غلس ہیٛتھ چلان ۔ مگر " بہارستان شاہی " چھیہٕ زین العابدین ہُندِس دورس منز اَیہِ فراوٲنی ییٛتھ کنٕہ باوان ۔

" و ارزانی اغذیہ و ماکولات و ارزانی غلہ و حبوبات
در عہد وے چنداں بود کہ در ہیچ زمانے آں چناں
نشاں نمی دہند در معاری ملک و آبادانی مملکت
مساعی جمیلہ بجائے آورد ۔ و اکثر قریات و مواضع
عطیہ و بسیار اراضی نام روع و معطلہ کہ بہ
سبب نظرت ذوالجو خراب و ویران شدہ بود
بواسطہ اہتمام مساعی او معمور آبادان گشت " [۲]

البتہٕ ییٛن دٕ ہ شوٗ نی شاعرن نِش چھِنہٕ نٕژ پاٲٹھۍ کھنکین چیزن یا

---

[۱، ۲] بہارستان شاہی

چھنکہِ چیزن ہند ذکر تہٕ میلان یُس کُنہِ سماجچ امہِ نہجہ ہنز دَتھ بدٕ کڈنس کافی روزٕہے۔ حالانکہ لل دیدٕ ہند کھوتہٕ چھُ حض شیخنس کلاس اندر کینہہ خاص اشارٕ میلان۔

یتھے کُنۍ چھُ دوہہ دِشچہ زندگی اندر پوشاکھ اکھ خاص اہمیت تھوان۔ کشیرِ ہند موسمیاتی ماحول چھُ ضرور بلون پوشاکن کُن ظلون پھران تہٕ دوشوے شاعرو چھُ امی نہجہ کنۍ پوشاکک تہٕ ذکر کورمُت یعنی شیخ العالم چھُ جندس پارٕ لگان تہٕ لل دید ترٕ ژلنہ خاطرٕ ابر ہوان مگر دوشونی ہنز شاعری نِش چھنہٕ پوشاکچ ساخت تہٕ بناوٹ وۄتلان۔ حالانکہ یہ چھُ ضرور زِ ساد بلون ہند تاکید چھکھ کورمُت یہ زن یہندٕ طریقہ کارک خاصہ چھُ۔ مگر سادٕ بلون ہند ذکر کرتھ چھُ یکدم تمن پوشاکن کُن ظون گژھان یم سماجی طور عام معیارٕ ہیُور چھِ اسی متی۔ پوشاکس ستی ستی چھُ زیوراتن ہند استعمال تہٕ تمہ دورس منز اوسمُت۔ یہ پوشاکھ چھُ سلاطینن ہندس ابتدائی دورس تام تہٕ یہندٕ ہندس اثرس تل ورتاوس منز اوسمُت۔ بلہارن تہٕ نستن روِنگ برنک رلواج چھُ اتہٕ وۄتلان۔ حالانکہ "تاریخ حسن" تہٕ چھُ الہٕ بلہٕ اتھی دورس کُن اشارٕ دوان۔

"در دور دیرینہ مردمان کشمیر در تابستان
وزمستان سرا کسوت پٹو لباس می پوشیدند
کرتہ پاجامہ درمہ کارٕ نہ لونگی"[1]

---

[1] تاریخ حسن جلد اول صفحہ ۲۵۲

تہٕ حضٕ شیخ وَنان

وۄڈٕ کاژنہٕ تہٕ مُنلی وٗلی

میٚہانس بٔتھ کھیوان

امیُک اِشارٕ چھُ مخصوص لکَن ہندِس لباسَس کُن یٔتھ بجر چھ نظر وُچھان آسہ ۔ مگر یہٕ پوشاکھ چھُنہٕ طبقاتی تہٕ مذہبی بُنیادن کُن سون ظٔہرن پھران۔ البتہٕ ہیکہ ہے پوشاکھ اَتھ ابتدائی دورس اندر مشترکہٕ تہٕ آسِتھ۔ اَتھ متعلق چھُ " بہارستان شاہی " یتہٕ وَنان۔

" و چوں در آں زماں بیشتر مردم مشرک و کافر بودند

و شعائر کفار میان اہالی ایں دیار شایع و مستعمل بود

سلطان قطب الدین کسوت و لباس کافراں داشت و بام فرودند۔

و حضرت ایشاں ترک آں کسوت نمود و لباس اہل اسلام

اختیار فرمود و حضرت ایشاں قطب الدین را یک کلہ پوشی

از لبتہ خاصہ خود تبرکاً عنایت فرمود" [۱]

دوشوے شاعر و چھ کیہہ ہند کاشت اطمینانہٕ سان بوومت تہٕ لل ڈیدِ چھ کیہہ ہند مختلف مرحلو منز گذرِتھ ہتھس تام واتن تہٕ بیان کوٚرمُت۔ یتھ اندر کاڑ اندرس کھسُن تہٕ یتہٕ دوٚنس نِشس واتُن یتہٕ توٚمبین اژن پن بن، وۄوٗرِ تُند ووننُ، دوٚبی سُند

---

[۱]۔ بہارستانِ شاہی صفحہ ۲۶۷

سز تہٕ صابنہٕ چھلنہٕ یُن تہٕ اَدٕ سزٕ ہندِ ڈسی امبرٕچ شکل رٹنٕ واضح کرٕمژ ییمہٕ کنہِ امہِ لحاظٕ مختلف کارکُنن کُن تہٕ اشارٕ میلان چھُ۔

لل بہٕ دراٗیس کیہہ سَرنے
کاڈ تہٕ ڈوٗنی کرٕنم یرنے کتھ
تہٕ ییلہِ کھارنم زاوِجہٕ تے
وووُری وانہٕ گُیم اَلانٕ لتھ
ڈوٗبی ییلہِ چھاوُنس ڈوٗبی کَنہِ پیٹھے
سز تہٕ صابن مژھنم یَیژے
پشٕ ییلہِ پھرنم ہَنہٕ ہَنہٕ کاٹژے
اَدٕ لَلہٕ میہٕ پراوُم پرمہٕ گتھ
تَتہٕ از ڈیشِم کیسہِ کھنان
لفر میہٕ وُچھ زٕ وُچھنہِ گژھ

کاشرِ چھِ یتھ کالہٕ پیٹھٕ مختلف طریقو پٹھ پان رنزناوان رودی متٕ، ییمیٕ نشاندہی ہارونچو تال تہٕ اونتٕ پورکین کھنڈراتن پیٹھٕ دوٕ تلیمتٕ کینہہ تصویر کران چھِ۔ امہٕ لحاظٕ چھُ کاشرٕن ہنزِ زندگی منز پاتھر اکھ خاص جُز رودمُت۔ امیکُ طرح چھُ بنیادی طور مندرن تہٕ دہارن اندر صرف مذہبی رلواجہٕ کنہِ رودمُت مگر واریہ وار چھُ اَمی باضابطہٕ محظوظاتن اندر اژِتھ عام زندگی منز قدم تروومُت۔ چونکہِ یتہٕ امہِ

صدی ہندِس اِبتداہس منز چھُ نژنس تہٕ گیونس دِکہٕ لوٗگمُت، تکیازِ اسلامکہٕ پھہلاوچ تحریک چھیہٕ سیدنین ہندِ واٗرِد سپدنہٕ زور ساں پکان۔ مگر امہٕ باوجوٗد تہٕ ہیوٗک نہٕ یہٕ فن ختم سپدِتھ۔ اکیُک رِواج چھُ دوشوے ہہلہ پایہٕ شاعرو چھُمُت تہٕ حضٕ شیخن رحہ چھُ کُنہٕ نفسہٕ کمِن ساگن ہندِس پوٗت منظرس منز ورتوومُت ؎

کیٚلک گرِ گرِ رٕنٕش لاگن تہٕ

یُتھ پاٹھۍ لاگن منز رنگن

تہٕ مَل دیٚدرِنش چھُ ڈراھِک حضٕ " ناٹکس لفظ استعمال کرِتھ" اکھ خاص دُنیاوی اہمیت تھوان۔ حالانکہ باقی کینہہ گِندنکُ ذکر چھُنہٕ یمَن نِش واضح پاٹھۍ میلان، بلکہٕ چھ سماجی طور یُتھ مواد تہٕ یمَن آیتن تھوومُت زِ ڈراھِکُ حضٕ یا ناٹکس لفظ چھُ یِنُن قدیم تواریخ آیتن نھوان۔ مخطوطاتن اندر چھیہٕ ژمرِ لوٗ ستی لژھ ڈوٗن واجنِ سوندرِ روبہٕ خاتن اندر مہکی تہٕ رسکی پیالہٕ ضروٗر آپران یمیُک اشارہٕ باز جلوکہٕ بیٹھ زُک دورس تام کینژن ہندین دربارن ہند سروٗد تہٕ ناٹک دِوان چھُ۔

سوندر ڈیٹھم ہُرِی و کھاوان

ژمرِ ستی ڈوان لژھ

یا

سوندرن ستی چھُوتھ موٗلو،

"بیکھ ہے پایٚس یاون مژٕی" نظمہِ اندر چھُ حفض شیخنٕ یاون مژ ہندی
روٗپ مختلف انمانہٕ پیش کٔرِی متۍ۔ اُتی چھِیہٕ سو کاے ناوِتھ پکان تہٕ اُتی
چھِیہٕ لایق وو ہٕزی ہٕژی گلناوان، اُتی نایکن (سنگیت کارن) ستۍ رنگن منز
یوان تہٕ اُتی سادن مہتھ نوان تہٕ اُتی چھِیہٕ کٔرِیہ ہندی کُڈل نہوتھ نوان۔
اَمہِ تلہٕ چھِیہٕ یہ ژھینوَن تہٕ میلان زنسوانی حُسن چھُ بازرن کُن نیرنہٕ
اَمہِ لحاظہٕ تنگ دو کران زہ ہیرم طبقہ چھُ اوسمُت اَچھِ بے نقابی
جان پٲٹھی مازان۔ تواریخ چھُ اَتھ گواہ زِ بادشہن ہندین دیوان خانن
اندر تہِ چھِ نٔژِنجہِ تہٕ سرُدچہ محفلہِ لگان آسمژٕ۔ جشن آسی لگان
تہٕ خاصکرِ تھ وتستایہ ہندس جشنس منز آسہ گیتہ رینہٕ ہنٛز خاص
مقام تھوان۔ "سلطان زین العابدین اوس ہینین مٲری مُندی
ووکرکس زانہٕ لانکہِ ہندین تہٕ ڈلہکین سو نہٕ تہٕ روپیہِ لانکہِ ہندین
پولینن پیٹھ جشن لاگان پیٹھین موقعن پیٹھ اوس مس باگرنہٕ یوان۔
سنگیت کار تہٕ گیتہ رینہٕ کورِ آسہ سامعینن ہنزہِ کارکردگی ستۍ محظوظ
کران"[۱]

ساننہٕ سماجی زندگی اندر چھُ زنانہِ خاص روتبہ تہٕ اہمیت
روٗزمژ۔ زنانہٕ ہُند سماجی کِردار چھُ قومی ترقی تہٕ تہذیبی زندگی پیٹھ
خاص اثر انداز روزان۔ چونکہِ یمہٕ زٕ صدیہِ چھِیہٕ ثقافتی تہٕ سماجی

---

[۱] STUDIES IN HISTORY OF KASHMIR. M.L. KAPOOR P.184

زندگی اندر خاص تبدیلی ہنز حائل مگر کاشُر زنانہ چھیہ تھُی طور طریقس
لور روزمرہ۔ البتہ چھیہٕ اسلامی طرزِ زندگی ہندس متعارف گژھنس ستۍ
ستۍ یہندس پوشاکس منز نئی تہ ٹاکارہ تبدیلی۔ تِمند روتبہٕ تہ تِمند
رول چھُ تِتھے یا کٹھی رودمُت یُس بنیہ اَمہ کالہ برونہہ چھُ اوسمُت۔
زنانہ ہُند سیاستس اندر حصہ نیُن۔ تعلیم پرٕنی تہ اَمہ خاطرٕ اقدام تُلنی اگرے
ہیُر مس طبقس تام محدود رودمُت چھُ تاہم لل دید بجایہ خود زنانہ اُستھ
تہ مُنز یمہ طبقچ اُستھ تِمند اُکس فلسفی ہنز زندگی گذارنی چھنہ بجایہ خود
کیہنہ لوکٹ مثال۔ البتہ دۄشوے شاعرن نش چھُنہ "کینژن ژبی چھیہ
شہجی بوٗنی" یا بر یپٹھ ہۄنی وُنتھ تہنز فطرتے پوت آشکار کران، بلکہ
دیوان خانن اندر تہنز زینت بنئی تہ چھُ زنانہ ہندس سماجی روتبس
بیکہ اندہ ٹوٗن کڈان۔ یہ ہیکوٗ یتھ کنہ تہ وُنتھ زِ سو چھیہ اکھ تماشہ بنتھ
تہ سماجس اندر زندگی گذاران آسمٕژ۔ سو چھیہ بحیثیت سوندر گچھ
مندورن گچھ کران تہ ہانزنی بنتھ گامہ گوم پھیران تہ ندری آنچار
کنان۔ زنانہ ہندی دۄشوے روٗپ چھہ بڈٕ بے نیازی سان
ہمو کلامس اندر باوی متی۔ سماجی پوٗت منظرس اندر اگر یمن دۄشوٕنی
شاعرن ہُند کلامہ پرکھاونہ ییہ بنیہ تہ کیہنہ وارپاہ گوشہ ہیکن نئی
نیرتھ یورکُن تواریخ کم ہیہن اشارہ دِوان چھُ یا یمنگ تذکرہ
کرنے تواریخن منثر ودمُت چھُ، تکیازِ یمن دۄشوٕنی شاعرن
نش چھُ شعوری طور سماجک اکھ زندہ تہ خاص حس تہ سماجی

زندگی اندر اگرنے بلہ دیۂ شعوری طور تبدیلی انِنہٕ نِہ آس مگر تٔمنٕدٕ
استعمارٲتی نظام چھُ سماجکُ خاص عکس برونہہ کُن انان تہٕ یتھے کٕنۍ
چھُ حضرتٕ شیخنۍ تہٕ اکھ سماجی انقلاب یُتھان انٕنُ یُس اسلامی نقطہٕ
نگاہ کِنۍ خاص اہمیت تھوان چھُ۔

ژوڈا ہمہ، پنڈا ہمہ صدی ہنز

# رُوحانیت

مرزا عارف

یہ نکتہ میں نے سیکھا بوالحسن سے
کہ جاں مرتی نہیں مرگِ بدن سے

(اقبالؒ)

روُح چھُ اَمر۔ دَ یہ پیٚٹھ تہٕ وا ہنچ یوت چھیہٕ فرق نہٕ چھِ ساری بڈی مذہب اَکھ نیتجس پیٹھ واتی متی زِ یہ انسانی جوہر یتھ اَسی زُو یا روح چھِ وَنان تہٕ یتھ قرآن مجید "اَمرِ ربّی" خُدائے تعالیٰ سُند فرمان یا حکم وَنان چھُ ۔ چھُ ہمیشہ روزن وول۔

خُدائے بندِ بوٗ ٹا ٹھو چھُ روح اَکھ حدس تام بدٕ ہچو بُند شو نِشہٕ آزاد کو رمُت زِ تیٚمہ تیٚتھ ، دود دگ کانہہ چیز چھُنہٕ یمن پیٹھ اَثرانداز سپدان۔ یم چھِ خوفہٕ تہٕ غمہٕ نِشہٕ آزاد گژھان

تہٕ یمنٕے متعلق چھُ خُدائے سُند ارشاد " اِنَّ اَوْلِیَاءَ اللّٰہِ لَا خَوْفٌ عَلَیْھِمْ وَلَا ھُمْ یَحْزَنُوْنَ )

پرانہٕ وقتہٕ پیٹھٕ چھُ رُوح ترقی کرناونہٕ باپتھ رُوحانیت روکس آگرس یعنے خالقس تام واتہٕ ناونہٕ خاطرٕ یاتس ستی ملناونہٕ موکھہٕ بڈٕ ی زٕ طریقہٕ رٕودی متی۔ اکھ یہٕ زِ دُنیہس لتھ دِتھ زندہ لاگتھ گرباری تراوِتھ پھرٲری سپدُن یا گوبھ رٹنہٕ تہٕ وَن ژھنڈٕ نیا گرہستی زندگی ہتہٕ منٕے ہیٔنو تہٕ رُوح ترقی پرٲوِنٕچ کوشش تہٕ کرٕنی۔

نبیَن تہٕ اوتارَن ہنز رُوحٲنی زندگی چھےٚ مثالی آسمژٕ۔ گرٕ بار تہٕ تہٕ دُنیہچہٕ رنگا رنگ کامہٕ تہٕ منٕے ہیٔژمژٕ۔ مگر تمی بندٕ یم خاصہٕ خُدا بنیہٕ چھِ دعویٰ دِلو رُوحانیتہٕ چَن بلندیَن پیٹھٕ واتی متی۔ سیٹھاہ چھُ دُنیا مُشروومُت۔ راتس دوہَس ست الست رٕودی متی۔ مگر صحاب صابو تابعو تہٕ تابعینوَ چھُ طریقہٕ رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم پراوِتھ انتہایی رُوحانی ترقی تہٕ پراومژٕ تہٕ دُنیاہَس پتھ رنگہٕ پرٕ ژلومُت۔

پانژھ اَتھ شیتھ وری پتہٕ کُن اگر اَسی پننی نظر دورناوَو اَسہٕ چھِ لوان لبنہٕ زِ سیٹھاہ تژھ بجہٕ شخصیژٕ چھِ کٔشیر منز وٕژھ مژٕ یمو عُقبےٰ حاصل کرنہٕ باپتھ یعنے رُوحانی ترقی خاطرٕ دُنیا تراوِتھ بدنس سختین لاگتھ ناو چھُ پاد کورمُت۔

مولانا جلال الدین رومی ؒ چھِ اَتھ جمازٕ اندر سرفہرستا۔ تمہٕ دُگ بوڈ عالم تہٕ قاضی القضا یعنے چیف جسٹس۔ نہایت

ٹھاٹھ باٹھ سان روزن وول شخص کوٗر شمس تبریزن اکی کتھ دیوان۔ شمسن
دوٗپ نس علم یوٗت تامتھ پژ پانہٕ نشہٕ پان مُشراوُن، بدنہٕ نشہٕ رُوح الگ
کرُن پرپزناوُن تہ تھز ژاوُن پیچھاوی، تمہٕ نشہٕ چھُ جاہل بے علم آسُن
بہتر۔ تہٕ حکیم سنائیؔ سُند شعر پوٗرنس ؎

علم کز تو ترا نہ بستاند

جہل زاں علم بہ بُود بسیار

کھین چین موٗکلس، جنگل ژٔلنہٕ، ہفتہٕ واد اوس وجد حالس منز
روزان۔ یہے باٗتش گیہ تلہٕ تہٕ - برہمن نادٲدی تہ برہمن گرٕچ نوٗش،
رِسمن تہ رلواجن منز ہنہٕ آمٕژ پے زبان چارووے ہش۔ ژٔنی شٕتے
شُتھ ہیتھ وُڈِہ برونیم گرِپے گرٕچ برہمن بلے گوہ ہندی اکی
وزنہٕ مست کے عرفان سپدان تہ ونان ؎

گوہ رَن دوٗنم اَکے وُزُن

ینبرِ دوٗیِم اَندر اژُن

سے گوم تلہٕ داکھ تہ دُژن

تینۍ ہیوٗتم نگے ژٔژن

نینبرِیم دُنیا ہیچ زانۍ مایا زال مانۍ تہ ہیٔنۍ اَندریم آسُن
پر بزناوُن یہ چھُ انسانہٕ سُندہٕ رُوحانی تطریح یتھ ہمہ اوست یا (ھوالکل)
سے چھُ پرتھ رنگہٕ جلوہ دِتھ ونان - اٹیک ابتدا چھُ یان پرتھ مُشکلس
منز تراوُن پہنۍ اوندپوٚکھ فضوٗل زانۍ پلوٚ ژٔلنۍ، ننگے پھیرُن تہ

بقولِ سرمدؔ دہلوی یہ زانُن زِ میہ کُس راز چھُ وُرنس تَل تھوُن لایق زِ بہ لاگہ پلو۔

سائنس وَقتس تام چھ تِیتھ گوٚر پتھ صاحبِ طاقت مُرشد موجوٗد۔

پہندِس اَکِس بے وُژنس اَکی بے کتھِ منز سٕے زور چھُ یٚیمہِ لَل گرہستی زندگی

منٛز اُوِتھ پلو تُرٕ ناوہ تہٕ للہِ مُز بناوِتھ لکہِ پامن دوہ لامن لاَج

تہٕ پٔنٕنِس تہٕ پردین ہٕنزن اَغیبرژن ہنز شکار بنا وٕ۔ مگر یٚمی ہندس

مُنرس پیوٚ سارو ے چیز دِ کھیتے اثر گوٚرہٕ۔ پرٛتھ مثال چھیٚہ باباجی یُس ازکل

حبکہٕ برزن ہندِس اَکِس بُڈِس باغس منز اَکِس کُیاہ منز بٚنہٕ محبتکی

تہٕ مُشر کی دوہ گذاران چھُ۔

باباجی اوس پنٛژاہ شیٹھ وُری بروٚنہہ علیگڈھ یوٗنیورسٹی منز

فلسفہٕ پرٛان۔ ایم، اے فایٔنلس اوس ووتمٕت۔ دوہ اکہِ گوٚ و ڈِسبرسرس

( DISBURSER ) نشہٕ فیس بیتر دِنہٕ یا پتھ زِ اکھ ژند موٚتاہ اکھ

قلندر اگو و ظاہر۔ باباجی یُس علیگڈھ یوٗنیورسٹی ہنز۔ یُنی فارم لاَگِتھ

یعنے کرٛمُن اَچکن تنگ پاجامہٕ تہٕ روٗمی ٹوٗپ دِتھ اکھ خوش لوٹ

نوجوان یارن باین ستی خوش گپ کران اوس۔ یوٗنیورسٹی منز بحیثیت

اردوٗ شاعر رضا تخلص زانہٕ اوس لیوان پتھے قلندرس نظر گوٚو تمہ

دوٚ پہٕ نس "ژیٚکے سون چھکھ ژ کیا بٚنیہِ کران"۔ رضاہس گوٚو قلندر

سُندیٚ ستے دنُن بقولِ لل دید" واکھ تہٕ وژُن"۔ وردی تہٕ ھنٹ ژٕ ٹھ

تہٕ الف ننگہ روٗد۔ اور یور ہیوٚتُن مُزرس منز دورن تہٕ دوٚون۔

یوٗنیورسٹی منز ژٕھ کھلہٕ بُلہٕ۔ جوٚم یٚیتگ یہ لڑکہ روزُن

وِدِل اوس آیہٕ شیٛچھ واتناوِنہٕ ۔ بأے بند بیٚنہِ وأتھ ۔ یتھٕ تیتھٕ واتہٕ نوٗ وکھ جوٗم ۔ گر
رضا اوس پانہٕ ترٛیشہٕ بےٚ خبر مزٕرکس سٕوٚدرس منٛز لوٚڈان تہٕ وقۍ لان ۔ گرٕ اتٕرُن
موٗنُن بہٕ ۔ ہُہنٛز جنگلس منٛز بیوٚٹھ یِیتہٕ خطرناک جانور آسی ۔ بہہ ، ہا پیتھ ،
سرف ، بچٕی پرٕبتھ کانہہ بلاے روزن آسی ۔ ماجہِ کرٕس جتنہٕ کم کم کیتھ پاوٕنَن
یاد ۔ موٗذی جانورن ہُند ڈر پوٚونس مگر رضاہس آس نہٕ وۍنۍ رضاے الٰہی
ژھانڈنہٕ روٚس بیٚنہِ کانہہ کل ۔ اُمس آس قلندرن تھیٚپھ ژھنٕیمٕرٕ ، دِل مُتھ
یُوٚمٕتۍ ۔ واپس پھیٚرُن اوس تٔسندِ خاطرٕ ناممکن بنیوٚمُت ۔ ماجہِ ہنزٕن
کتھن مٕیٹھ کرٕن خندِ تہٕ دوٚیمس موج میأنۍ فکر تراو خداے ہنز خدأیی
چھیٚہٕ وۍنۍ میأنۍ ۔ تٔمنز پیدأیش چھیٚہٕ سأرےٚ میٚہٕ بٕیٹھ مہربان ۔ بہہ
سرف بیترٕ چھیٚ وۍنۍ میانہِ گرٕکۍ بأژ ۔ گرٕدھ پگاہ شامس بأگی یہٕ مازراما
ہیٚتھ ۔ موج وأژ ہنٛزُ بیاکھ نچوٗ شیخ فیروز دین تہٕ بیٚنہِ کیہنہ اُستاد
تہٕ ہمدرد ہیٚتھ دوٚیمہِ دوہ وقتس مٕیٹھ ۔ مازران تھوٗن رضاہس بروٚنٛٹھ
کنہِ تہٕ ہنٛزس بیٚنہِ ترٕلہٕ کرٕنہٕ زارٕ پارٕ کرٕنہٕ ، سوال دِنہٕ پتہٕ بےٚ کانسہ
گوو دوٗر یہا پادٕ ۔ نتہٕ رضاہن کوٚر یہس اتھ سیٚتۍ اِشارٕ ۔ وۍنۍ تراوان
ووت یہہ بروٚنٛٹھ کُن ۔ کلہٕ نوٚمرٕ وُن مازران لرٕن آسٕنس تہٕ بیٚنہِ
کرٕن سلام تہٕ دٕژاو جنگلس کُن [1]

---

[1] بابا جینٛ بوے شیخ فیروز الدین رٹایرڈ سپرانٹنڈنٹ جیلخانات چھُ وُنہٕ
زندٕے ۔ جوٚمہِ چھُ روزان یہ سأرےٚ کتھ چھیٚہٕ میٚہٕ تمی بأوٕمژٕ ۔ (مرزا عارف)

ماجہِ گوٗ تسلا تہٕ دوٗش تراوِن دِیان تہٕ پشان آپہٕ گرٕ واپس یہِس پیٹھ حکم چلاوِنکہِ واقعک ذکر چھُ سعدین تہٕ کورمُت ۔

یکے دیدم از عرصۂ رود بار | برُون آمدہ بر پلنگے سوار
چنان ہول زان حال بر من نشست | کہ ترسیدم پائے رفتن بہ بست
توٗ ہم گردن از حکمِ داور مپیچ | کہ گردن نہ پیچد ز حکمِ تو ہیچ

یِمہٕ چھِنہٕ ظاہری علمچہِ کتھہٕ ۔ یہٕ چھُ علمہِ باطنُک کمال یتھ علم لدُن وَنان چھہِ ۔

مگر باباجیَس تہٕ لَل دیدِ منز چھیہٕ ٹاکارٕ اکھ فرق لبنہٕ یِوان ۔ لَل دید پھیر حضرت شاہ ہمدانؒ سندِ زورِ عرفانہٕ سیتۍ جبہٕ ۔ سو چھیہٕ ہمہ اوست منز نیران تہٕ "ہمہ از واست" منز اژان' سو ژایہِ وحدت الوجودٕ سۭتۍ کرِتھ وحدت الشہوٗدس منز ۔ ہُتھ منز چھُ "وصل" انتہا تہٕ یتھ منز "عشق" آخری منزل ۔ ہُتھ منز چھُ مینٛ پان راوان تہٕ سُے یوت روزان ۔ یتھ منز چھُ حبیبس تہٕ معبوٗدس ؤکھٕ ؤکھٕ مقام لبنہٕ یِوان مگر باباجیَس چھِنہٕ کانہہ شاہ ہمدانؒ ؤنیک تام سمکھمُت' لیکن اَمِس اَمہِ موتیکہِ سوٗدٕ پیٹھ کھالہٕ ہے چھیہٕ پھیر ۔ برِہے تہٕ دُنیہس منز بندگی ہُند جامہٕ ناگی تراوٕ ہے ۔ ننگہٕ نژُن سرٕن فاش کرُن ، بے پرد بھاوُن تہٕ نٔنہ پاکھٹی ہاوُن مُنتراوٕ ہے ۔

---

لہ فلسفۂ فقر از نواب سر احمد حسین نظام جنگ بہادر

بابا جی کرٕ لبہٕ از تتھس مردِ کاملس یُس اُمہِ سندِس دٕزِوِنِس توٚندرس ژعبتہٕ کرِتھ گل پھوٚلراوِ ۔ یُس اَمِس للہٕ عارفہٕ منٛز زیٛوٕ اعلان کرٕناوِ ۔

کلمے پوٚرُم کلمے سوٚرُم
کلمے کوٚرُم پنُن پان
کلمے ہٕنہٕ ہٕنہٕ مولیٖس توٚرُم
اَدٕ لل داتٕھس لامکان

ژودٕاہم تہٕ پنداہم صدی چھیہٕ دون روٗحانی دٔریاون ہٕنٛد سنگھم اُسمُت ۔ وحدت الوجوٗدُک تہٕ وحدت الشہوٗدُک سنگھم، میلن جاے تہٕ یمن دون دٔریاون ہُند آب چھُ ازتام سانین روحانیکین ڈُدبہٕ لدن یڈٕ برِتھ ترِیش چاوان روٗدمُت ۔ وَق چھُنہٕ اجازت دِوان زیتھ مقالس منٛز ہیکہٕ بہٕ اَتھ بیٚٹھ پوٚر روشنی تراوِتھ ۔ یہِ چھُ بجاے خود اکھ مفصل تحقیقی مقالُک مطالبہ کران ۔

اَتھ صدی منٛز چھُ بیاکھ روٗحانی ڈرامہٕ حضرت شیخ العالمؒ یُس نُند ریش ناوٕ اوس، ہندِس صورتس منٛز بروٚنٛہہ کُن یِوان ۔ یہِ ڈرامہٕ چھُ کُنوٕہ دُہر گرٕ بار تراوان ۔ شُری باتہٕ موج باے مشراوِتھ گوٚبھ اژان ۔ اَمِس نوجوانس کمہٕ کوٚر یہِ انقلاب پٲدٕ وَنُن چھُ مُشکل مگر میون خیال چھُ یہِ چھُ کمِس تام قلندرٕ سٕندٕ کار ۔ کمِس تام باکمال ریٚشی سٕندے

پھوکھ، تہٕ کیازِ پزٕ چھُ ماجہ۔ بابا جینیٚ پاٹھی وَنان زِ "موج میانی فکرِ مہ کرِ بہہ
نہٕ ہا پیٹھ تہٕ ربخ دبنہ کھ بہ پننیٚ انگ، پننیٚ بأے بند"۔

ہرگاہ زاہدانہٕ زندگی اختیار کرِتھ نُندہ سنز (شیخ العالمؒ)
دُنیا ترک کرِہے بہ تس ترٲہے نہ خوف تہٕ غم ابتدا پے منزٕ یہ عشقچ
وَتھ، فنا ہکیٚ مقام یُس بندس معبوٗدٕ سنزٕ کوچہِ منز آنَن تہٕ فانن اندر
واتنا دِتھ محفوٗظ کران چھُ۔ زاہدس چھُ سُہ جومیکُ گوسونی گژھان
یُس کیہنہ وُری برہٕ ہا، یمَن دوہن بہ جوٗمہٕ ملازِم اوسُس، اوس
تُوی ہاندِس تھٕبس بیٹھ اُکس مندرس منز پوٗزا کران تہٕ اُکس سرنس
بُس اُتھی مندرس منز نظرِ گژھان اوس پرِتھ دوہ دوہدٕ کٹوٗر پرِتھ
تھوان تہٕ سُہ اوس یہ دوہدٕ ہن چیتھ پنٕنس اُس منز گژھان۔ اکہِ
دوہ اُس سخت سردی۔ گوسانس لج تیر۔ سُہ تراوبترس منز۔ اتھ
منز اوس اُدٕ سند دوہدٕ مجلوٗن سرُف وُشنیر کران۔ یُتھے گوسانس اُمس
پیٹھ اُتھ پیوٚو۔ گُنی کرِتھ ژُجس نیرِتھ تہٕ اُتہٕ بے شہلیوو۔ نُندٕ سنز بس
تہٕ آس خوش قسمتی۔ اُمس تہٕ پیوٚو رہبر کامِل میر محمد ہمدانیؒ ہنز شکلِ
منز۔ تمی کوٚر شہوٗدس واقف۔ کلمہ توٗرنس فکرِ تہٕ گوبھ غار تراوٗن
تہٕ چیبہ بھیرِتھ زانی رووٗن نہٕ فنا گژھنیٚ یوت چھُنہٕ روٗحانی کمال۔
بقا بُنُ تہٕ دُنیا خدایہ سُند کارخانہ زانِتھ خلق خدایس بکارِ ین چھُ
کمالِ روٗحانیت، سُہ کمال برا وُن زِ انسان گژھہ لبہہ یُن خدایس
ہنٕز میولمٕت۔ تس منز جذب گومُت تیتھ نہٕ باس دِیہ زِ دُنیا

چھُ اُمس مُشتھ گومُت مگر دُنیہس سٍتۍ تہٕ آسہِ تیوت ہتی پاٹھو ژلِتھ زِ
باسان آسہِ ظاہر چھُنہٕ اُمس خُدا یاد پے۔ اَتہٕ نس حضرت خسرو دہلوی ژٕدن
شعرکن ہُند ذکر کران۔ دپان چھُ سہ

دادہ ام بر سر کلاہ چار ترک
ترکِ دُنیا ترکِ عقبےٰ ترکِ مولا ترکِ ترک

یِوت کمال ترک یِتھ اُزکہ بولہِ منز DETACHMENT وَنوان باوجود
اوس دُنیہس سٍتۍ تیوت آور زِ وزیرِ اعظمی ہُند رتبہٕ تہٕ پروُن، یہ اوس
ATTACHMENT گُ عالم۔

اَوت نس واتتھ چھُ نُندہ سنز شیخ العالم شیخ نورالدین نورانی[2]
سپدان۔ مگر رُحانیت ترِیش چھُنہٕ ہمان۔ للا عارفس کُن چھُس لتر پوان
تہٕ تمنا چھُس پیوان کرُن زِ

تس پدمان پورچہ ملے
تمہِ گلے امرت چوو
گوتہٕ گورس ژاٹھا ژٕدرو
تتھ مینہ وردِتم دوو

للہ دزایہ گورس اپور حضرت شاہ ہمدانؒ سُندِ کمالِ عرفانہٕ
کِنی۔ شیخ العالمؒ تہٕ سپُد فیضیاب اَمی سرچشمہٕ منز۔ مگر شاید آسہے
حضرت شیخ زانان زِ یُس کمال شاہ ہمدانسؒ یعنے مالِس اوس سُہ اوس تس
میر محمد ہمدانیؒ نیچُو ہندی کِنی و وتمُت۔ براہِ راست حاصل

کرِتھ للہٕ ہند ہیو نخاوِر آسُن اوسُس تمنا !

عقلہِ تہٕ ظاہری علمکیو پیمانو علم باطنکی ناگ مینُنی چھُ ناممکن۔
مگر یہ حاوٗانی چھیہٕ سیدہٕ نی ضروری زِ تمہٕ کتھ یمہٕ نہٕ کتابن منز چھیہٕ
درج آسان تہٕ یمہٕ نہٕ کُنہٕ یونیورسٹی منز موٗلیس سیدان چھیہٕ تمہٕ کتہٕ
چھِ انان یم روٗحانی بزرگ۔ یمن ظاہری ناخواندن کم علمہٕ سوٗدُر چھِ
دٔنہٕ گرِتھان تہٕ اَتھِ یوان۔

لل دید یا شیخ العالمؒ دوشوٕنوے چھِ ناخواندہٕ۔ کُنہٕ کالجس
منز کُنہٕ یونیورسٹی منز کانہہِ علامس نش آسکھ نہٕ بجہٕ بجہٕ موٗ چہِ موٗ چہِ
کتابہٕ پرمژہٕ۔ مگر لل دید چھیہٕ شوٗمتکی تم اسرار باوان زِ شوٗمتکی اُستاد
چھِ دنگ گرِتھان۔ شیخ العالمؒ تہِ اَسی نہٕ پرٕمتی۔ مگر تہندس کلامس
چھِ کاشُر قرآن وَنان، تہٕ کیازِ تہندین شُرکین اندر چھُ قرآنک
رنگ ٹاکارہٕ پاٹھی لبنہٕ یوان۔ تم چھِ پانہٕ وَنان ؎

مقام محموٗد محمدؐ ڈیوٗٹھم
علم تہٕ حکمت باوٗنم ساریے

کلمیچ زان سیدُھ۔ ذکر چہار ضرب سُرتھ چھُ شیخ العالمؒ پنُن
آسُن لل دیدِ ہندی پاٹھی ظاہر کران۔

| | |
|---|---|
| کلمے پوٗرُم کلمے سوٗرُم | کلمے کوٗرُم پنُنُ پان |
| کلمے ہنہٕ ہنہٕ صحی کوٗرُم | وحی کوٗرُم پنُنُ پان |

پٔتۍ پان "وحی" کورُن چھُ سہ عالمانہٕ تہٕ صوٗفیانہٕ بیان یُس مولانا رُومین نہایت حسین پاٹھۍ درٕشہنوومُت چھُ۔ مولانا چھُ وَنان زِ "وحی" کیا گوو دپان چھُ سہ (دفتر اول مثنوی)

دپان چھُ ظاہری پانژَو عناصرَو علاوہ چھہٕ باطنی پانژھہ عناصر

پنج حسے ہست جز ایں پنج حِس
آں چو زرِ سرخ واں حسہا چو مِس
آئینہ دل چوں شود صافی و پاک
نقش ہا بینی بروں از آب و خاک
پس محل وحی گردد گوشِ جاں
وحی چہ بود گفتن از سرِ نہاں

یِیلہِ اللہ دِیٚدرِ تہٕ شیخ العالمسِ گوش جاں "محل وحی سپُد" یعنے روح تیوٗت پاک تہٕ صاف سپُد تہٕ زٕوکر۔ کن گیہ "وحی" نازل پدٕتھ لوزِنس قابل تموٗکرُ پوٗشیدہ رازن ہنز ترٚشِہ کتھہ یمہٕ بقول غالب "سرحد ادراک" نیبر چھیہٕ آسان کشفس تہٕ کرامژن پیٹھ چھِہ خندہ کران۔

نٔرل تھُمہٕ وٗن واہ تر ناوُن
دور دواہ لگن ہیر وزٔرِ تھ
کاٹھ وینہِ دہ دش ماوُن
اُنتہٕ سکول کیٹ زٔرِ تھ

یکہ ہ ونی وبتھ روکنی، ناہ لمبکھ زھوراونی۔ ہواہس پیٹھ پکن،
ہیچو گاو دوہ دہیوّن چھ سارے کشف وکرامژ مکر تہٕ فریبچ جالہٕ۔
بالکل یہے کتھ چھیہٕ حضرت پیر دستگیرؒ بندی مُرشدِ کاملن پننین
مُریدن باوِمژ۔ تمہ آیس شیٹھ ہیتھ۔ حضرتٕ شہرس منز چھ تیتھ اکھ
بزرگاہ آمُت یُس ہواہس منز ڈران چھ زمینہٕ ہیوٚر کھسِتھ ہواہس
منز پکان چھ۔ فرموٚوکھ یہ کُس کمال چھ مِتھی تہٕ مچھ چھنا ہواہس
پیٹھ پکان۔ بیٚیہ دوہ دوٚپہس۔ فلانی بزرگ حض چھ آبہ پیٹھٕ دوان
دوران۔ دوٚپنکھ لاتہٕ، موٚنڈی چھنا آبہ پیٹھٕ پکان۔ بیٚین پژھنے
کِتھن پیٹھ فرموٚنکھ زِ یہ گیہ شُعبدہ بازی۔ مکر تہٕ فریب۔ قربِ خُدا
حاصل کرُن چھ فقرُک مقصد۔

للا عارفہ چھیہٕ رسمہ رلواجن، پاٹھن پوزِ ہن۔ علمس
تہٕ ریاضتہٕ ساری ہے ایچ تہٕ بے کار زانان۔ عمل کرنی تہٕ ٹھز گارُن
چھ کرُیوٚ ٹھ تہٕ یہے چھیہٕ پوٚتُس میٹھی تُنبتھ واصل بناوان دِیان چھیہٕ۔

پرُن سولب پالُن دورلب
سہز گارُن سِکھم تہٕ کرُوٚ ٹھ

پرُن چھ سہل۔ مگر عمل کرنی چھیہٕ مُشکل تہٕ ذات گارنی تہٕ
حقیقتہٕ ہُند تلاش چھ کرُیوٚ ٹھ تہٕ زیوٚ ٹھ۔

دہ نوٚے لل دید تہٕ شیخ العالمؒ چھ کمال روٗحانیت
حاصل کرِتھ اکِس بے نتیجس پیٹھ واتان زِ گرہ بار ترٛاوُن، وَن تہٕ

گوبہٕ غار پراوٕنی چھہٕ انسانس کُن واتہٕ ناوان یوٚت تامتھ نفسِ ترقی کرِناوِتھ اطمینان لبہٕ۔ من یوٚت تام صبرٕ تہٕ سکوٚن لبہٕ توٚت تام کرِنس نہٕ یم کینہہ مدد۔

لل دید چھےٚ وَنان۔

کند لوگُے تیژی کند بو ونواس
وہ پھل من ناڑ ٹھتہ تہٕ داس
دِن راتھ گنزِ رتھ بنٕ شواس
یُتھے چھکھ تہٕ تیتھے آس

کاہہ ژھنہٕ گرٕ بار ترأوِتھ جنگل رٹہٕ۔ یوٚت تام من پھرأری روزِلس صبرٕ تہٕ سکوٚن بنٕ چھُس مُشکل۔ راتس دوہس اے پنٕژ زیتھ تھاوِ تیٚلہِ واتہٕ کمالس اَدٕ گرِ بہِتھ یاونس منز روٗزِتھ۔ اتھی نتیجس پیٹھ چھُ شیخ العالمؒ تہٕ واتان۔ دیان چھُ گاڈِہندی دوہ درہٕندی پأٹھی پریتھ ساعتہٕ بدن چھلِتھ چھوکھ کرِتھ خدأے گارن اگر ممکن آسہٕ ہے۔ تیٚلہِ آسہن گاڈٕ تہٕ دوہ درٕ بیترٕ تہٕ بزرگ بنان۔

بہرحال مضموٗن چھُ سیٹھاہ کینہہ وُنہٕ بیان کرُن منگان دقیق نزاکت چھےٚ وَنان ژٕوداہمہٕ تہٕ پنداہمہٕ صدی ہنز روٗحانیتس متعلق اکوے جُملہٕ وُنہِ تھ بس کرُن نہٕ تمن دوہن ہنز روٗحانیت آسہ وُنہِ شوٚد تہٕ صاف۔ وُنہٕ آسی وحدت الوجودکی تہٕ وحدت

الشہوٗدکی فلسفہ نوٗ افلاطوٗنی خیالَو تۆ نِشہِ پاک ۔ وُنہِ اَسی دوہہٕ دے دٕریاو
ژھوہٕ دوہٕ وراَے زورٕ شورٕ سان پکان ۔ خدا اے سُند لٔبُن تہٕ
اوس ضروٗری یتہٕ خلق خدایس فیض واتہٕ ناوُن تہٕ لول بُرن تہٕ اوس جٲری ۔
یتہٕ یمن دوہ شوٗنی ہنٛزِ تِمن اوس تہٕ روٗحانیتُک مقام حاصل یُس اَکُے
تنہا مقصد چھُ یعنے بُلند ترِین آسمانی روہ تہٕ بڑاو تھ خاکی آسٕن تہٕ
زمینی زندگیہِ منٛزُ پوٗرٕ پوٗر دِیت دِیُن ۔

# شیخ العالمہٕ سُند

# شاعرانہٕ تھزر

ڈاکٹر حامدی کاشمیری

شیخ العالمُن ہنز شخصیژ چھےٚ وسعی، تہہ دار تہٕ پاسل۔ تم چھہِ ژودٲہمہِ صدی ہندی تھدِ پایکی دٲنشور، صوٗفی، معلم اخلاق تہٕ شاعر۔ ممکن چھُ تہنز شخصیژ آسن بیٚیہِ پہلوٗ تِہ چھہِ تہٕ، مگر میانی کِنہِ چھےٚ یمَن ژون پہلوَن تہنزِ شاعرانہٕ شخصیژ رنگی خاص اہمیتھ۔ یم پہلوٗ یعنے تہنز دٲنشوری، تصوف، اخلاقیات تہٕ شاعری چھےٚ پانہٕ وٲنی رٔلتھ تہٕ بیوٚن بیوٚن آسنک باس تہٕ دِوان۔ تعجُبَس لایق چھُ یہِ زِ وٗریہِ داد غارن تہٕ گوپھَن منز گنٲرِتھ تہٕ دُنیہک گاشس تہٕ نہٕ وُچھنہٕ باوجوٗد چھُ تموٚ اُندی پکھ چہِ سمٲجی، اخلاقی، مذہبی تہٕ سیاسی زندگی ہنز کھیٚہِ دٔسِہ تہٕ پیچیدگی ہنز دٲنشورانہٕ زانکٲری حاصل کٔرمژ۔ تم چھِہ یمنہٕ وقتہٕ کین مختلف سمٲجی

حالاتن ہُند مُشاہدٕ کران تہٕ نام نہاد عالمن، مذہب دارن تہٕ
دُنیادارن ٹھسٕ کران تہٕ تہند اول وانگن نوّن کڈان تہٕ ہستی
دُنیاہَس کُن تھر پھرتھ تہٕ اُچھ وٹِتھ اَنہٕ گٹس منز اَندریم گاش
گاران۔ یتھے کُنہ چھِ تِم یَیژھ تہٕ پَرژھ سان لوکَن اخلاقیاتچ
تعلیم دِوان تہٕ واعظِ کشمیر لقب پراوان تہٕ ہستی خالص
شاعرانہٕ تجربن، یم جمالیاتی عملٕ ہُند نتیجہٕ چھِ، زلو دِوان۔ یہٕ
عمل چھِنہٕ تہند زُو بنان، اَتھ رأچھ کرنی تہٕ بنیہٕ بارسَس اَنی
اُمس پہٕ سہل، میہٕ چھُ بننس زُوس گنڈُن، واوہ ہالہٕ منز
ژونگ زالُن، شیخ العالمؒ چھُ پَزٕ ژونگ زولمُت تہٕ اتھ تیلہٕ
کنہٕ علم تہٕ دین زولمُت۔

یُتھ واوٕ ہالے ژونگ کُس زالے
تیلہٕ کنہٕ زولُس علم تہٕ دین

تہندی یم متضاد زُدی یہٕ چھنہٕ تہنز شاعرانہٕ شخصیژ ہندس
دوتلنس منز کانہہ تھوس یا ٹھوٗر انان، بلکہٕ چھِ اَتھ سَینر ادری،
بُرزرٕ تہٕ وُسعت عطا کران۔ بیہٕ چھُ پوز زِ تہنز شاعری منز
یمن شرکین تہنز دانشوری، تصوف یا اخلاقیات، تہنز شاعرانہٕ
شخصیژ ہُند اَثر چھن ہُنہٕ بننہٕ وِلأے تہنز زباتی بیٹھ لوان
چھیٚ تم چھ غار شاعرانہٕ کام کران، مگر یمن موقعن پیٹھ یم
تہندِ وجودکی لازمی جز چھِ بنان یم چھِ تمی سُندس شاعرانہٕ

اظہارس کراماتھ بناونس منز مدد کران، یتہِ چھیہِ میانی کنہِ کراماتھے زِ تتھ دورس منز تھدہ پایکی شاروِنی، ییلہِ شاعرن برونٹھ کنہِ کانہہ پرانی وینز مایہ دارتہ باگہِ بُرُژ شاعرانہ رِوایتھ آسہٕ، سوایہِ للہِ واکھو، یم تہندِ وقتہٕ برونٹھ پہن وجودس آسی آمتی تہ بیٚیہ ییلہِ دۄن تہذیبن مُیل گژھنہٕ ستیہِ اکھ نوٚ موٚرتھ پرٛاوٕنی سماجی تہ لسانی وحدت آسس تھٕنہٕ پیوان رنیچن شاہن اوس اسلام قبوٗل کٔرتھ کشیرِ ہندِ حاکم بنیومُت۔ امیر کبیر میر سید علی ہمدانیؒ تہ بُبل شاہن اوس اسلام لوٗکن تام واتہٕ ناونہٕ خاطرِ مناسب ماحول بنوومُت۔ یتہِ اوس اکھ نوٚو دور تہ اَتھ ستی مفاہمت کرٕنی یا اَمِچ وٕژھِ واجہِ ترجمانی کرٕنی اوس نہٕ سہل۔ شیخ العالمؒ دیت اَتھ دورس سینہٕ تہ اَمِچ کھہ وس وتہِ راوٕن امہِ دورچہِ تہذیبی بلہ تراک اثر پیوٚو زبانی پیٹھ تہ۔ تہ شیخ العالمس پیوٚو اکھ نوٚو شاعرانہ اِبانیاتھ بدٕ کرتھ بکہِ میلک سامنا کرٕن۔ تمو کوٚر کامیابی سان یہِ مسلہٕ حل، ہمو کرٕ زبان تخلیقی اظہارس قابل۔

کمال چھُ یہ زِ تمو کرٕ یم دٕہ شوٚرے چلینج قبوٗل تہ قابلِ شناخت شاعرانہ رِوایتُک ہنز غارموجودگی منز بکہِ تم للہٕ دیدِ ہنز وٕرتہِ تہ بٔنۍ منزِل پرٛاونس منز گیٚ کامیاب:

تس پدمان پورچہ للے
تمہِ گلے امرہِ تہ پیو و

یتھے کنہِ کرِ تموٚ اکھ سوٗ شاعرانہٕ زبان وضع ییوٚ یہٕ مقامی روزمرچہٕ
زبانۍ ہِنٛدۍ سنسکرت تہٕ عربی فارسی ہِنٛدۍ لفظو ستۍ تشکیل پذیر سپنٛز، چنانچہ
سنسکرت لفظو مثلاً اہنکار (غرور)، کاے (جسم)، لوب (لالچ)
رل (آب تہٕ آدیتہٕ (آفتاب) ستۍ چھ تموٚ ذات، صفات، لامکان،
ابلیس، تسبیح، نفس، آخرت، رسول تہٕ افضل ہیوٚ لفظ تہٕ ورتاوس
اٰنۍ متۍ تہٕ یہٕ کتھ چھیہٕ ونس لایق زِ شیخ العالمؒ چھیہٕ کاشُر زبان لسانی
اعتبارٕ طاقتور، بُرزٕ تہٕ لوٚبہٕ دِنۍ بناوان۔

سوال چھُ یہٕ زِ شیخ العالمنؒ کوٚرا پنٕنِس شخصیژ ہنٛز وسعتھ تہٕ
زبانۍ ہند لوٚ انہارٕ ستۍ کُنہٕ شاعرانہٕ مقصد حاصل؟ شیخ العالمنؒ
چھُ پٔرزی پاٹھۍ کاشِر زبانۍ منٛز اکھ تھوٚد مقام پرورومُت۔ یہٕ چھُ لوٚزِ
زِ تہندۍ واریاہ شُرکی چھِ ناکامانہٕ اندازکی. مگر تموٚ چھِ تتھۍ شارتہٕ وٚنِمتۍ
یم تعداد موجوب محدوٗد آسنہٕ باوجوٗد کیفیژ رنگی سیٹھاہ قیمتی چھِ،
ییتھی شار چھِ تخلیقک حق ادا کران، یہٕ شارٕ موکھٕ چھیہٕ شیخ العالمہؒ
ہنٛز شاعرانہٕ حیثیژ تہٕ بصیرتکی ٹاکارٕ ثبوت پیش کران۔

ژٕدن یا ژٕدرٕ کھوتہٕ زیادٕ مصرن پیٹھ مشتمل شُرکی یمن نظم
پارٕ تہٕ ہیکوٚ وٕنتھ چھ صنفِ نظمہِ خارجیت، تفصیل تہٕ وضاحتہٕ بجایہ
غزلچہ داخلیتھ، اجمال تہٕ ایمائیتس لارٕ تہٕ درون پنٕنی ہند غالب
روٕججانکی مظہر تہٕ یہٕ ونُن چھُنہٕ غلط زِ یم شُرکی چھِ کاشرس منز
داخلی شاعری ہندۍ موٚلی نموٗنہٕ، درون پنٕنی ہند نٔوی یہٕ چھُہ

شاعرن عام پأٹھی تہٕ صوفی شاعرن خاص پأٹھی مرغوب خاطر رُودمُت۔
کاشرِس منز چھُ لل دیدٕ بیٚتہٕ تہٕ "نیٚبر بیٚٹھ اندر اژنُک" للہِ ہُند رُوی یہِ
حاوی رُودمُت، یہِ رُوی چھُ صوفی شاعرن مثلن شمس فقیر، احمد بٹہ وارک
صمد میر تہٕ احد زرگرس منز خاص پأٹھی نوٗن، شیخ العالمنہٕ صوفیانہ زندگی
منز غار نشینی ہُند طریقہٕ چھُ تِہنز شاعری منز درٚون بیٚنی ستیٚ واتھ کھوان
چناچہٕ تِمن ہندین شُرکین منز چھیہٕ پردیشہٕ" بجایہٕ "ینِنی دیشچ" زان پرتھان

نحقہٕ ژھونڈُم میہٕ پردیشے
یِنِنے دیشے میہٕ یار آو

شیخ العالمنٕ شُرکی چھِ تِمۍ سبندِ ینِنہٕ دیشکی یعنے اُندرِمہِ دُنیاہکی
کینہٕ ژہ تہٕ وِہ وہ تلاوان تہٕ نادیدہٕ اسرارن ہُند پے دِوان تہٕ
پرن واکی چھِ یِمن اسرارن منز راوان تہٕ کیاہ تام لبان تہٕ لُوہے راوُن
تہٕ لبُن چھُ تھدِ رِ جیہٕ شاعری ہُند مقصد تہٕ مُدعا آسان تہٕ شیخ العالمؒ
چھِ پُوٚرہٕ پأٹھی یہِ مقصد پراوان۔

فرض پھول تہٕ راتھ گیہٕ آدا
اَتہٕ کھو رُودُک رادا دِتھ

ژالُن چھے وزلہٕ تہٕ ترٛلوٗ
ژالُن چھے منزِمن گرٛڈ کار

رٕخمس تلہٕ کنہٕ ہیٚشرمس زاگے
اُشِس تہٕ گمُس دٕژم ژھانٹو

کانہٕ تہنٛدِ ین دآری زِہٕ سپیرٕ
کرتجہ چھوکنٕ پھری زِس نہٕ روے

رتم چھِ یہ مقصد دویو ذٔریو پرٛاوان ۔ اول چھُ اتھ
تہنٛدِ لہجِ اَتھ روٗٹ کران ۔ بڈٮ۪ شاعر چھِ پننہِ ذاتھ برنہٕ ناوِ تھ پننہِ
انفرادی لہجچ شناخت کران تہٕ یہ چھُ آسان تمَن تہٕ رس واتنک
کریوُٹھ مرحلہٕ ۔ لہجکُ آہنگ موسیقیت ، میچھرہٕ زیروبم چھِ نہٕ صرف
شاعرسٕنز انفرادیت نٔنی کڈان ، بلکہ چھُ یہ شاعرانہٕ تجربکِس جہات
منور کران ۔ میر ، غالب تہٕ اقبال چھِ بیون بیون لہجن ہندی
شاعر ، یتھے کنۍ چھِ شیخ العالمؒ ، رسول میر تہٕ حبہ خوتونہٕ ہند
لہجِ الگ ۔ شیخ العالمنٕ لہجِ چھُ اکس خدارسیدہ ، تجربہ کار تہٕ دانا
تہٕ بینا ریشی سٕند ماتھر دار لہجِ ، یہ لہجِ چھُ لفظ کفایتہٕ ستی مشکل گرٛھان
تہٕ بوزن والین واٹنجہ سنان ۔ لطفن ہتہ موسیقانہٕ ترتیب چھیہٕ تہندِس
لہجس گوبر ، تاثیر تہٕ دل نشینی عطا کران ۔

آدن پھیوٚرُس ڈورِن تہٕ ڈارن
ساروانس گیُم خارن ستی

وٕدی کوٚنہٕ رۄدس ژۄنہٕ ؤنی پہارٕن
دٕپو ییکھہٕ ہنٛمٕ بستارن ستۍ

اُڈی جنَ سینی انجر ہنجرو
ژٕتس پادے اَوٕلم راتھ

صاحب دِوہ اکِہ دوراہ کرے
یتھ سمارس کرِ لُرٕ پار

ڈُینہکس ئُتس مُتس نارس
ڈٲشتھ انارس کرُم گتھ
شیطاَنٕ ئُنٛژ لاُجم پیٚشرِ بارس
رأوِم تارس ژۄٚرس وَتھ

دٔنیِم چھِہ تِم علامتی تشبیہہ کاُری کاُم ہیوان، باسان
چھُ زِ تِم چھینہٕ زانِتھ مانِتھ یا صنعت کاُری ستۍ پننٛین خیالات علامتن
تہٕ تشبیہن منز وٕہتراوان۔ اَتھ برعکس چھِہ تِم تخلیقی کیفیژ منز
پننِس شاعرانہٕ دورکس ژھایتِ فضہس منز علامتی تشبیہہ ڈٔرِیاف
کران تہٕ اِشارہ پاٹھۍ پننۍ کتھ باوان ۔

ہَہ اکِ سنگر تارزن وزن
گمبند وزن ، ڈٔنی ڈٔنی کھ
سوزٔن' اشارٕنن بوزن
کوزن بوزن ڈم ڈمہٕ گتھ

یہٕ چھُ اُکس ڈوٚنگہ سُند طریقہٕ ، یُس سوٚدرس منز غوطہٕ دِتھ موجہِ منز لال چھُ کھالان تہٕ فضا چھُ گاشہٕ راوانہٕ پوان ۔ شیخ العالمٕنن رح پتھین شارن چھیہٕ لالہٕ نِہ ہنزِ نادٕے تکمیلیت تہٕ حسن و شباہتھ ، یِمن ہٕنز شاعری چھیہٕ شاعرٕ سٕندِس پٔرٕھنس' گرتس تہٕ تگن گری لار روزان ، بلکہ چھیہٕ شاعرس تہٕ یتھ کٔن تراوِتھ یِمنہٕ آیہ تہٕ مرضی ہنٕز وجوُد تٕنزراوان

ما نہ بودیم بریں مرتبہ راضی غالب
شعر خود خواہش آں کرد کہ گردد فن ما

غالبؔ

علامتی تشبیہہ کاری ہنٕد کینہہ نموٗنہٕ ڈِچھو ۔

ذکرے حق پر ، زلو دِتھ تالس
رازٕ ہونزٕ یی زالس کٔن

دَمی ڈیوٗ ٹھُم شبنمٕ ہیوان
دَمی ڈیوٗ ٹھُم پہیوان سوٗر
دَمی ڈیوٗ ٹھُم گرٕٹ بچھ ہیوان
دَمی ڈیوٗ ٹھُم پھولرٕوُن نوٗر

ژاٹُن پرٕ بتس کرنہٕ الوٗ
ژاٹُن ستہٕ اکھس ہیوٗن نار
آیہ یوت تہٕ گژھ کوتو
زونم ہُن ہٕ منز ما دوٗوت پیٖیے

# شیخ العالمؒ تہٕ مُسلمان

سوٗرے عالمِ انسانیت چھُ ہمیشہٕ پیٚٹھ کینٛہن مخصوٗص تہٕ بے مثال
اوصاف تھاوَن والیٚن انسانَن ہُند احسان مند روزان آمُت تہٕ روزِ
تہٕ ۔ یِموٚ عام انسانَن قدرتچہِ ذمہٕ دارانہٕ مہربٲنی ہِند برکَتہٕ دَمہٕ دَمہٕ لولہٕ تہٕ
مایہٕ سان رہنمٲیی ہِندی میٛٹھی موٚدری تہٕ وَیوٗنی جام گُنجارٕ سان بٔری بٔری
مُہیا تھٲوی۔ یِموٚ تِم سہٕ بَنٛنو ازلہٕ پیٚٹھ کیو باگہِ آمتیو فرضوٚ تہٕ ذِمہٕ وارِیوٚ
نِشہٕ دوٗر گژھان تہٕ قدرتچہِ شفقتہٕ بوٚرثہِ پوٗشہٕ کوٚ چھِہنز للوتھ
رَچھنہٕ آو تہٕ سہٕ روٗد اِنسانیتہٕ کِس موخَتہٕ جرِس دامنَس منز پھبان،
پھانٛبھ جارلُبان تہٕ کاڈ کڈان تہٕ اَتی روٗد انسانیتہٕ کیٚن خونخوارٕ تہٕ
وَتھ راوراوَن والیٚن دُشمنَن ہِندِ شرٕ نِشہِ محفوظ ۔ ہندوستانک

کرشن آسی تن یا رام چندر، اپرانگ زرتشت آسی تن یا چینگ لاوزی، ابراہیم خلیل اللہ آسی تن یا حضرتِ موسیٰؑ، حضرت عیسیٰؑ آسی تن یا حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلم۔ یِمو سارِوے چھ انسانیتہ کِس آسمانس پیٹھ ہمیشہ پریزہ لوٚنین تارکن تہٕ آفتابن ہنز حیثیت پرٲوِمژ۔ یِوٚہے رہنمائی ہِندِ فرض انجام دِتھ۔ یِمَن سارِنے چھ اوٚے عام انسانو کھوتہٕ دار یاہ تھوٚد مول، تُل تہٕ مقام حاصل سپدمت۔ اگر زن یِمو اندرِ اکس بێیس پیٹھ درجاتن ہنز فضیلت تہٕ چھیہٕ مگر تِمہٕ باوجود چھیہٕ یِہنز انسانی غمخوٲری تہٕ ابدی حقیقتس ستیٚ واٹھ آسنچ حیثیت گٲمٕژ۔

قرآن شریف چھ موٗمنن ہِندی اوصاف بیان کران ز ماورن:۔

لَانُفَرِّقُ بَیْنَ اَحَدٍ مِّنَ الرُّسُلِہٖ یعنے زِ "تِم چھینہٕ خُدائے سِندین سوزِمتین (رسولن) درمیان کانہہ فرق ورتاوان"

پرتھ وِزِ چھیہٕ انسانہٕ سِندس پاد کرن واجس یہ فکرہ روزمژ زِ یہ سارِوے پادٲیشو کھوتہٕ تھزٕ پادٲیشہٕ ہِند ناکھ انسان گوژھہ کُنہ صوٗرتہٕ پننو مولبو تہٕ مخصوص اوصافو نشہٕ اتھ چھلتھ ڈٲنڈن ہنز خصلت پرٲوِنس واتُن۔ اتھ کارس اند لوٚردِنہٕ موکھہ یِتہٕ روٗحانی اصلاح کرنہٕ باپتھ تِتھی روٗحانی انسان پاد گژھان روٗدی تہٕ روٗدی یِنس بێنس دٲیرس اندر معاشی، سماجی تہٕ اقتصادی مسلہٕ حل کرنہٕ موکھ کُنہ کُنہ وقتہٕ تِتھی انسان تہٕ پاد گژھان یِمو ژلتھ میلتھ انسانیچ مہرێنی پارادِس

منز پنٕن باگہٕ بوٗرت حصہ پیش کوٚر ۔ بہر حال مُختلف حیثیتن منز
آے مُختلف اِنسان از تام یمو رنگہٕ رنگہٕ یہٕ اِنسان ترقی ہندِس تھدِ تھدِس
مقامَس پیٹھ واتناونہٕ موکھ پنٕنۍ زندگی قرُبان کرٕ ۔ یہٕ موٚجوٗدٕ عالم انسانیت
چھُ اَدے واریاہہٕ رنگہٕ اَزٕچ یہٕ ترقی یافتہٕ صوٗرتھ ہیتھ حسیٖن تہٕ دِلکش
پاٚراو کرِتھ سانِہٕ اَچھن تَل گرایہٕ ماران ۔ اَتھ لرِ لوٚر اگر زَن شیطانی
عمل تہٕ چلوٗن روٗد مگر یہٕ روٗد ہمیشہ کامیاب لبان تہٕ پَس گرٕ ژھان تہٕ
روٗحانی تہٕ نوٗرانی قووتَن . برونٹھ کنہٕ پایمال سپدان تہٕ انسانیتہٕ کین غمخوارن
برونٹھ کنہٕ ہارِتھ تہٕ شِکَس کھیتھ ژلان ۔

یشخ العالم رح تہٕ چھُ اِنسانیتہٕ کیو غمخوارو ، دادی لدو تہٕ شفیقو ، اَندرٕ اکھ
یمی پنٕنی اصلیت تہٕ بُلند مرتبہ اَدے تسلیم کرنوو تہٕ پرٕ پزناونوو ییلہٕ سُہ
وُنہ لوچرس اَندرٕ ے اوس . باین تہٕ ژوٚر گرٕ ژھان گرٕ ژھانے دیُت
تَسندی اَندرٕ می پوٚشیدٕ تہٕ کامِل برگزیدٕ گی تھاون واٚلی ضمیرن تس
حلس تہٕ ژینون ییلہٕ تمی ہوٚنین ہند وٗنگُن تہٕ اَتھ کاربدس خلاف
احتجاج آواز گنڈ راٚو ۔ تس اوس زمین پدٕرن تھپھ کران تہٕ آسمان لچھ بدٕ
چشمو وُچھتھ گواہ روزان لوزنہٕ لوان یمہٕ کنۍ تہندِس دامنَس پیٹھ یہٕ
داغ لگُن ممکنے بنیوو نہٕ ۔ حضرت یشخ رح چھ سُہ وجوٗد یمی پنٕنِس اوٚندٕ نکھہٕ
منز لچھ بدی سماجی تہٕ غار انسانی مرض پرٕ پزناوی تہٕ تمن ہُند علاج
ژھانڈنہٕ باپتھ تروٗن پنٕنۍ پان ریاضتہٕ چہ کوندٕ منز تہٕ لوٚختہٕ بنتھ
دراو عالم انسانیتہٕ کِس وٕ تہٕ ہاوِکی سندِس صوٗرتس منز نوٗن ۔ یشخ رح

صأبن کرٕنہٕ رہبانیت اختیار نہٕ آس تہنز۔ وٕتھ زندگی ستۍ فرار چھ، بلکہ
اوس سُہ پانس اندر اکھ شدید کُشِس تہٕ تأثیر یرٛتھان پننہٕ عملہٕ ستۍ پاد
کرُن سماجس چھلنہٕ تہٕ پاک کرنہٕ باپتھ۔ یُتھ زَن تُسند تجویز کورمُت
نِکی پرٛاونہٕ چہٕ تعلیمہٕ ہُند نوسخہٕ کارگر تہٕ وۍ وُن روزِ ہے۔ حضرت شیخنؒ
کوٚر کأشرِن لوٗکن ہندِس نبضس بیٹھ اَتھ تھأوِتھ رِلوأیتی عقیدن تہٕ
نوٚون اسلأمی اصولن تہٕ قأیدن ہُند پننہٕ عملہٕ منز اَنِتھ اکھ شوٚود تہٕ
صاف، میوٚٹھ تہٕ موٚدُر تہٕ جلد تأثیر کرَن وول مے تیار یُس چوان
چوان کألنہٕ تہٕ گوٚب یا وۄبرٕ باسِو نہٕ۔ شیخ العالمؒ ہنز حیثیت
بنے یہٕ پرٕ کُشِش تہٕ زیادٕ وزن دار تہٕ تھدٕ پایہٕ۔ تِمو کوٚر سماجس
منز رُوحأنی بیمارِن لرِ لوٚر عام سمأجی بیمارِن ہُند تہٕ اکھ تریاق بناوِتھ
علاج پیش۔ تِس اوس رِیشُت ورأثتس منز تورمُت تہٕ اسلام آو
تِس تمہٕ علاوٕ باگہٕ سُہ بنیوو یمن دۄنوٚنی سِلسلن ہُند اکھ ممتاز حیثیت
تھاوَن واجنہٕ شخصیتہٕ ہُند مالک۔ اگرزَن تِمۍ اسلام قبوٗل کرِتھ تہٕ
پرٛأوِتھ سُہ پانس اندر جذب کوٚر۔ مگر یِمۍ سِلسلک پرٛزر تہٕ
یِرٛش کالہٕ بیٹھٕ ورتاوس منز آمتۍ تجربہٕ عمل تہٕ آیہٕ نہٕ تِہندی ڈسی بلکہٕ
ترأوی تھے ژھننہٕ، بلکہ زون تِمۍ یِمۍ سِلسلن لل دیدٕ ہِش اوتار پادٕ
کرٕ سُہ ہیکہٕ نہٕ اسلامہٕ کیو بُنیأدی تہٕ عالمی پیمانہٕ کیو قبوٗلیت پرٛاوَن
والیو اصولو نِشہٕ ژھینہٕ گرٕ ژھن آسِتھ۔ تِمۍ کوٚر ظأہری طوٗر عام مسلمانن
ہنز سطحی رائے تہٕ خیال اُدکپور تھأوِتھ اسلامک تمام مذہبن ہُند

پرٛنٛت نظر تَل تھاوِتھ یہ دُعاز :۔

" تمہِ پدمان پورچ للے
تمہِ گلے امرِت چھو
سوسانٛی اوتار لولے
تِتھی میہٕ ور دِ تم دِیو "

بعض شیخن ہوو لکہٕ بونہٕ چھ کجِہ ہُند مقام تہٕ تہٕ یوژھُن ۔

لُکہٕ بونچہِ کجی
اَکجی کوٗرُن سو
ہِتی جاناوارن ژٔجی
تِتھی میہٕ ور دِ تم دِیو

یم پیٖر نظر تَل تھاوِتھ چھ وُچھُن ووٚنی زِ شیخ العالمُن ہندِس مسلمانس کم اوصاف گژھن آسنی ۔ اَتھن چھیہٕ عام تہٕ ظاہری کھوٹ اوٚکطرف روزان، کلمہٕ پرُن تہٕ نماز پرُنی اگر چہِ تہندِس مسلمانہ ہندِ لو اوصافو منز چھنہٕ روزان مگر تِمنز ........ نظر چھیہٕ حقیقی رُوحانی پاکیزگی ، انسانن ہِتی بلا تعلق ہمدردی ، مایہ ، محبت ورتاونس ، تمِن ہنز دگ دود آسنس ، خلوص تہٕ صاف نیت آسنس ، منہٕ کس شوذرس تہٕ صفائی پیٹھ پیوان ۔ اَتھ اندر اگر کانہہ شک محسوس

کرِتس پزٕ بِیہ اکھ لۄٹہٕ شُرۄک پرٕن یتھ منز تمہٕ لل دید اکھ اوتار

ماننہٕ چھیہٕ۔

حقیقی تہٕ قابلِ قدر مُسلمانن ہندی تعریف کران چھُ شیخ العالمؒ

شبن بندن ہنز اکھ نظم لیکھان۔ یم بند چھِ مختلف تعدادکی مصرعہٕ تھاوَن

والین شرۄکین ہندی پانٹھٕ اکس مخصوص مزاجس منز بیان کرنہٕ آمتی تہٕ

یہ چھیہٕ اکھ نظم تیار گامژ تہٕ عنوان چھُس کرنہٕ آمُت

"سُے ہے ڈیٖشزِ تہٕ مُسلمان"

نظم چھیہٕ یتھ کنۍ :

انگہٕ ییس خوشبوے موکھ زن وُدے

لۄتہٕ وُدین بڈ گتھ ہیتھ آسن مان

سوتے کرِ یہ تہٕ رۄستے کرِوُدے

سُے ہے ڈیٖزِے مُسلمان

ڈۄنچہِ کامہِ کرَ وُڈائی

آسِس تنز رچ سکل کامان

ژھتھ کسرِ بوٚدی والے

ژالہِ گوب وژُن تہٕ او مان

یہ پرس پزنہٕ تہٕ پانس پالی

سُے ہے ڈیٖزِ مسلمان

سُے پوٗرشا سوٗرگس پرولے
یُس اوٚہر ژوٗے بین سان

رتن دوہن یُس روزِ تھاوے
آسِ لوٚ ڈیٚتھ نوٚ نماَن
کرُوٚد لوٗب مداہنکار تراوے
سُے ہے ڈیٚزے مسلمان

پانَس موٚل کرِنہٕ ہارے
ستی بٔیِس کرِنہٕ مانَس مان
دوٗدزن تراٚوِتھ سوٗزن گارے
راتَس دوہَس وارے پان
پرِنہٕ پان یُس سوٚدرس تارے
سُے ہے ڈیٚزِے مُسلمان

بٔیِس دوٚپ شم وکھنی
پانَس بروٚنٹھ اَتی ایمان
بٔیِس نظر کرِنہٕ ہٕنی
آسِنہٕ دن ڈیٚشِتھ برٔمان

وارے پکہٕ تہٕ شرح زانی
سۄ ہے ڈ۪ڈزے مُسلمان

اَندوَن نیربھ ہنٛدیمی لٔڑے
سۄ ہے لوگن پننۍ پان
یڈٛ یمی گنڈٕتہٕ ژٔنڈ تمۍ ہیٚژہے
میٚژے دِلوٚندُن پننۍ پان
اندکُن زٕہتھ بر یمہ پھیٚرژے
سۄ ہے ڈ۪ڈزے مُسلمان

یہٕ نظم پرٕتھ یم وصف شیخ العالمؒ اَکس مسلمانہٕ ہندِ خاطرٕ لازمی چھ تم چھ مو خصر پاٹھی یم:-

یمی سُند وجوٗد رنگہٕ تہٕ نسلٕ کرٕ تفریقہٕ ورأے تہٕ حسد، بُغضہٕ سوأے عقلہٕ ہنٛز خوشبوے ژھٹاں آسہ۔

۲ یُس پانس پیٚٹھٕ مُشکلات ہیتھ پان مدد والہٕ تہٕ بےلوث کامہٕ کرِ۔

۳ یُس خدایس کُن لولہٕ سان گژھِ۔ حسد تہٕ لالچہٕ تہٕ غرورٕ روٚس آسہٕ۔

۴ پننۍ پان تھوٕ پیٚش کش تہٕ پرس تہٕ واتناوِ پانس ستۍ

پَتھ تِمَن مَنٛز بُکس۔

٥۔ دولَتھ ڈیشِتھ تنبلِہٕ۔ صبرس پیٚٹھ ژیٛنڈ کھیٚیِہ ساد زندگی اختیار تہٕ حلیمی سان پکہٕ۔

دوٚیِم نظم چھِیہٕ کرٕوٗد نومسلمانس پیٚٹھٕ"۔ یِمیُک ہر ترییُٹھ گنٛڈ چھُ۔

١۔ کرٕوٗد چھُ نفع راوراوان تہٕ عمل زالان تہٕ روٗحٲنی خزانہٕ چھُ ژوٗر بُزی گرٛژھان۔

٢۔ حضرت سلیمانس ؑ پیٚوو آسمٲنی وُڈوٕنہٕ تختہٕ پیٚٹھٕ وۄستھ کرٕوٗد کِنہٕ ہاوِنس گرِ پناہ لبُن۔

٣۔ کٲنٛہہ ووہ پر زنانہٕ کُن نہٕ بدنظر وُچھُن۔ ووہ پرس تی دیُن یہٕ پانس کیُٛت رُت آسہٕ۔ اِنسانہٕ سُند انجام چھُ آخر میٛژ گژھُن اَوٕ کِنہٕ پزِ کرٕوٗد پاکھٕٹی تراوُن۔

یِم چیز چھِ تِم یِم اسلامَن پَنٕنین مانَن والین ہنٛدِ خاطرِ لٲزمی قرار دِتی متی چھِ تہٕ اسلام چھُ سُہ مذہب یُس عام انسانَن ہنٛدِ اکھ تیُتھ لاگہٕ عمل چھُ ترتیب دِوان یَمہٕ سٟتۍ سمٲجی، سیٲسی اقتصٲدی تہٕ روٗحٲنی زندگی ہنٛدی سارِی پہلوٗ سو تربیت لبان چھِ یُس تِمَن زندگی ہُند حقیقی مقصد حٲصل کرنس منٛز کامیٲبی ہنٛز میٚیچھ کوچھِ منٛز واتناوِ۔ یوٚہے چھُ سُہ سیرت یُس اسلامکی

انسانی ہمدردی ہندی کِردارن، امہِ کِس پیغمبر سُند رحمت اللعالمینؐ تہٕ
امہِ کِس خُدائے سُند رب العالمین آسنن پننین پیروکارن اَندر پادٕ
کرِتھ تھوٗد۔ اَتھی مقصدس شمع کرِتھ چھُ حضرت شیخؒ کُنہِ تہِ صورتس
منز لوٗنپر لاگِتھ گژھ کرنس منز لذتھ تہِ لبان تہٕ یہِ روٗح تیٚمِن تام
واتناونس منز پننِ بجبر حلمی ہندِس صورتس منز پیش کران۔
امہِ ساری بحثُک نتیجہٕ دٕراو یہِ زِ حضرت شیخؒ چھُنہٕ اَکِس مسلمانس
محدوٗد زٕٹِھ گنڈِتھ طورطریقہٕ ورتاوان واَکِس مسلمانہٕ ہندی پاٹھی
کُنہِ اَکِس زٕھوٹِس داَیرس منز یا شَشس منز بند کرِتھ پیش کرمن
یَیِتھان سیتھہٕ پاٹھی زَن عام طور تِہند حقہٕ زانہٕ یوان چھُ حضرت شیخؒ
چھُ یَیِتھان زاکھ مسلمان گژھہِ آسُن مادی طور تہٕ سماجی طور تہِ ہاوُن
باوُن لایق تہٕ روٗحانی طور تہِ وزن دار تہٕ فولادی کِشش تھوَن
دول انسان۔ تِہندی تعلقات گژھن پننس اوٗنٛدِ کِھس ستی،
پننس گرس ستی پننس پانس ستی، پننِن گرباژن ستی، پننِن یارن
دوستن ستی، پننِن ہمسایَن ستی یعنے تِمن سارِنے حالاتَن تہٕ زوٗذارَن ستی
یِمَن ستی تَس واسطہٕ پیوان چھُ، تیتی ہَتی تہٕ جان آسنی سیٚتھ زَن تسُند
مقام وبرژن لایق تہٕ شوٗبہ دار باسہِ یُس گژھہِ نہٕ کھینہِ موٗت آسُن، سُہ
گژھہِ نہٕ مرضہِ لد آسُن، سُہ گژھہِ نہٕ دوٗتو ذٕ لِتہٕ چھَلِتھ آسُن تہٕ نہٕ
گژھہِ منٛثہِ دِ موٗتے اوت آسُن، بلکہِ گژھہِ برتھ رنگہٕ ہرزر پراون
دول آسُن۔ سُہ گژھہِ آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم سُند یِمہٕ فرمانہٕ

مطابق عمل کرن وول آسُن ۔ "طلب العلم فریضۃٌ علیٰ کُلِّ مُسلمٍ وَّ مُسلمۃ
ولو کان بالصّین" یعنے اگر اَکس مسلمان مردس یا زنانہِ چین تہ گژھُن
پیٚیہِ تہند خاطرِ چھُ علم حاصل کرُن اکھ فرض۔ بعض شیخ" اوس یِژھان
میون مسلمان گژھِ دُنیہِکیو لُکو کھوتہٕ نولو ڈریافتو لِنہٕ آگاہ آسُن ۔ تمہِ
آسی زانان یہِ دُنیا چھُ اکھ ضروری مقام یتیٚتہِ انسان ہٕرزر پرٲوی تھے
نوُس ہٕ یہٕ وٲکس دُنیہس لایق بنہِ ۔ تمہِ آسی ییٚمہِ حدیثہٕ لِنہٕ پوٗر آگاہ
زِ "الدُّنیا مزرعۃُ الآخِرۃ" یعنے یہِ دُنیا چھُ آخرتُک ذراعت۔
گویا یہِ دُنیا چھُ عمل ہٕ یہِ دُنیا چھُ پراوُن ۔ یعنے ییٚمہِ دُنیاہکہِ ہٕرزر
ولاٚے ہُمہِ دُنیہُک ہٕرزر پراوُن چھُ ناممکن ۔ وہٕ ژ گوو آتھن
چھُ معیارُک ضرورتھ سُہ معیار چھُ بعض شیخ" قایم کران۔ بعض شیخ"
چھُ یژھان زِ انسان گژھِ علم حاصل کرُن، بحث کرُن، کتھن دَل
دیُن سوال جواب کرِتھ برونہہ پکُن تہٕ کرُد یُس علمس گالان
چھُ ہٕرزس سوٗر کران چھُ گژھِ تراوِتھ ژھنُن اگر تہِنزن کتھن
سام ہیمو اُسہِ ترپانے فکرِ زِ تُنُدلے ڈیل مسلمان چھُ کرُد اہنکار
ہٕ تفریقی رُجحانو لِنہٕ بلکل الگ۔ سُہ گژھِ نہٕ زِ نہنے امیک شکار،
بلکہ روزِ صالح بُنیادِ بیٹھ علمی تہٕ مجبتہٕ برتھ دُنیہس آے کانچھان
ہٕ برونہہ برونہہ ییہٕ والین زمانن اندر سیدن والین عملی، سائنسی تہٕ
صنعتی انقلابات کا یہٕ اُنہِ تم تیِتس ورتاوس منز اَنتھ روزِ سُہ دوہ کھوتہٕ
دوہ کامیابی پراوان۔

# ژوداہِمہِ پنداہمہِ صدی ہنز

# شاعری ہُند لسانی پہلوٗ

نشاط انصاری

کاشُر شاعری ہُند گوڈ دور چھُ ترُٚوٲہِمہِ [۱۲] صدی عیسوی پیٚٹھ اندر تھٔنہٕ پیوان۔ شاعر مہاتما شیتی کنٹھ ہُند وقتہٕ شروٗع سپدتھ ریٚشن سلکٕ امام شیخ نورالدین نورانیؒ یس پیٹھ انداوتان۔ یہ دور لوٚد ووٚے ۱۲۳۵ء پیٹھ ۱۴۳۸ء یس تانی زٕ ہتھ ؤری زیٚٹھ تہٕ چھُ۔ اما موضوٗع تہٕ اظہارِ خیالُک آہنگ مدِ نظر تھاوِتھ چھُ یہ ؤنُن بایتھ مجبوٗر سپدن پیوان زِ کاشر شاعری ہندِس اَتھ زیٚٹھِس وقتس اَکُے دور تصوٗر کرُن روزِ مناسب۔ شیتی کنٹھ ہُند مرنہٕ پتہٕ اکِہ ہتہٕ وٕہری چھیہ لل دید تھٔنہٕ پیوان۔ اَتھ ہتَس ؤری یس دوران چھِنہٕ کاشر شاعری اندٕ تواریخی کتابن ہندِ حوالوٚ مطابق کانہہ تہٕ پیش رفت سپدٕنی لبنہٕ یوان، تہٕ کیاز ییٚہ لسانی ہیٔت، فارم، آہنگ بیترِ

شتھی کنٹھ، للہٕ تہٕ شیخ العالمؒ ہندِس کلاس پیٹھ غالب چھُ، سُہ
چھُ اکے تراپہٕ تہٕ انمانہٕ۔ یہند کلامُک صورت تہٕ اپروچ چھیہ
ہِشی۔ اَمہِ لحاظہٕ چھُ شتھی کنٹھ کاشُر زبانی خاص کرِتھ کاشُر
شاعری ہنز ہانکلہِ ہند گوڈنیُک، لل دید دوٚیم تہٕ شیخ العالمؒ
ترییُم گوٚر۔

شتھی کنٹھ ہنزِ پتہٕ اکِ ہتہٕ وُہرِ چھیہ لل دید کاشرِ
شاعری ہندِس گینواسس پیٹھ پننہِ موقلم ہتھ نموٗدار سپدان۔
تس آسہٕ بالہٕ پانہٕ پیٹھے شاعرانہٕ صلاحیژ عطا سپزمژ تہٕ تہنز
ازدواجی زندگی ہنزِ مایوسیوٚ تہٕ ناکامیوٚ اوس تَمِنْد شاعرانہٕ
مذاق زیادٕے تیہٕ دار بنوومُت۔ یوٚدوے لل دید ازدواجی
زندگی ہنزن ناکامیَن ہنز شِکار آسہے نہٕ پیمژ شاید ٕے
ہیکہٕ ہے سو پننہِ داخلی جذبات اَمہِ شدتہٕ سان ظاہر کرِتھ۔
تژکا فلسفہٕ تہٕ تانترک علمہٕ ہنز زانکاری تھاوٕن واجبہٕ للہٕ پیٹھے
پننہِ شاعرانہٕ صلاحیژ ہاوٕنہٕ ہیژ، ہندومت چھِ ژھایہٕ آسہٕ
سیٹھے لوٚن وُزھمژ۔ دوٚیمہِ اَند اوس اِسلامی نظریہ حیات،
فن، تمدن تہٕ معاشرتُک آفتابہٕ کشیرِ اَند لوٚرِ لوٚرِ گٔھان۔
اسلامی فلسفہٕ سیتیٚ اوس للہٕ ہُند ذہن یوٚتاہ متاثر سپدمُت زِ مجذوبانہٕ
زندگی ہندِس عالمس اندر آسِتھ تہٕ اُس سو پننہِ داخلی جذبات اسلامی
نظریہٕ حیات تہٕ شیومت کِس رنگس منز بیش کران۔ تَسُند عارفانہٕ

کلام پرٛتھ چھُ نان زِ تَمہٕنز شاعری اَس توحید تہٕ بھکتی تحریکہِ ہُنٛد اکھ
امتزاج۔ سوٗ اَس وُنہٕ تیتھ۪ی تاجہِ وٕرِش زِ تمہُ ہندی وُچھ کرِ میٹھ ناگرادٕ
منٛز نیرن واجہٕ نوٗ جو لُوٗ لِشہٕ پٔننہِ رُوحٲنی ترێش ہوٗمہِ راوٕن وول
مسلمان سنت شیخ نورالدین نوٗرانی لوٗگ وحدت تہٕ رُوحانیتٕچ کِمن
دلکش نغمن مضراب دِنہٕ۔ گرٛہستی زندگی ہنٛز دہ ہوٗسہ ذرٕ وسو تشہٕ
بدٕون روٗزِتھ کوٗر حضرت شیخن پٔننہٕ عارفانہٕ کلامہٕ چوٗ حیات بخش
جو لُوٗمہِ ستیٚ کاشُر شاعری ہُنٛد پوشہٕ باغ تمیٚ اَنانہٕ سارٕاب، یتھ پاٹھی
جنوٗبی ہندوستانَس اندر قُلی قطُب شہن دکنی اردُو زبانٕی ہُنٛد پوشہٕ وَن
شاداب تھاوِیاو کرُتھ۔

ژوداہمہِ پنداہمہِ صدی ہندِ یمن دوٕن شاعرن ہُنٛد
کلام کھوچہ کھالیتھ چھیٚہ یہِ کتھ کھرٕ سپدان زِ یِہُنٛد صوٗفیانہٕ کلام چھُ واعظانہٕ
آسنَس سیٚتۍ ستۍ تزکیہٕ نفس، خود شناسی تہٕ خدا شناسی ہُنٛد درس
دوان۔ اَمہِ کِنۍ چھِ یِہٕندی خیالات تہٕ جذبات قدرِ مشترکٕچ
حیثیت تھاوان۔ دوشوٕنی ہُنٛد فلسفہٕ زندگی چھُ لُوٗہِ
دوٕن وٕنۍ ہُنٛد منزل چھُ کُنُے۔ وُتھ اکھ تہٕ دوشوٕے چھِ توحید
تہٕ بھکتی تحریکہِ ہندی گوڈنکی نمایندہٕ۔ یمَن اندر لُوٗدٕے کانہہ
فرق چھیٚہ سو چھیٚہ یہِ زِ للہِ ہندِس کلامس پیٹھ چھُ سنسکرتُک
سیٹھاہ بُلکہ سرٕن اثر تہٕ شوخ رنگ نمایان۔ یِتھ زن حضرت
شیخ ہنٛز شاعری ہندی بنہٕ اکہِ اندٕ سنسکرتس ستیٚ چھُہ

زلان تہٕ دوٚیمہٕ طرفہٕ عربی، فارسی زبانٕ ہنٛد۔ امہِ لحاظہٕ چھِیہٕ للہٕ تہٕ شیخ رحؒ ہنٛز عارفانہٕ شاعری عربی، فارسی تہٕ سنسکرت زبانن ہنٛز اٚڈرن۔ یہ خاص خصوٗصیت نظرِ تل تھاوِتھ چھِیہٕ للہٕ تہٕ شیخ رحؒ ہنٛز شاعری کاشرِس شاہ ادبس اندر سٕے درجہ تھاوان، یُس اردو زبانٕ ہنٛز گوڈٕ دورچہٕ شاعری منٛز بندہ نواز حضرت گیسو درازن ہنٛز شاعری حاصل چھُ۔ عبدالاحد آزاد چھُ "کشمیری زبان اور شاعری" ہنٛدِس گوڈنکِس جلدس اندر نُندرِیشی سٕنٛس کلامس متعلق لیکھان زِ:۔

"نُندرِیشی رحؒ سٕنٛز شاعری ہُند خارجی تہٕ داخلی رٕپ چھُ سنسکرت شاعری ہندی انمانہٕ، اوٚموکھ زِ شہٕ تہٕ اوس سنسکرت ادب تہٕ ہندومت کہٕ فلسفہٕ نِش متأثر تہٕ للہٕ ہندِ روحانیتُک پوٗر اثر رٹِتھ کٔرِ اوٚسن تمیُک فاضِ تہٕ پرورمُت۔ یہ اوس سُہ دور یِلہٕ کشیرِ اندر اسلامی نظریہٕ حیات، ہندوٗمت فلسفہٕ جاے رٹنچہٕ عملہِ اندر سرگرم عمل اوس۔ امہِ خاص نوکتہٕ کٔرِ چھُ شیخ رحؒ سٕنٛد عقیدٕ اسلام تہٕ برہمن متُک معجوٗنِ مرکب، اوٚکٔرِ تہٕ برہمنیت آسِ تِش دراٹھِس اندر میجرٕ تہٕ اسلام اوس ہیٚچھ ناو نہٕ آمُت۔"

ییٚمہِ دقہٕ للہٕ تہٕ حضرت شیخن رحؒ پننٕ داخلی جذباتن ہُند اظہار شارن اندر کرُن ہیوٚت، تمہِ دقہٕ یوٚدوے اکھ نوٚو زبان بارٕنٕسس تہٕ آس آمٕژ، امانہٕ کٔرِتھ تہٕ آس تتھ بیٚٹھ سنسکرتی رنٛگچ چھاپ۔ فارسی زبانٕ اگرچہِ سنسکرت زبانٕ ہنٛد تیٚتہٕ تاد کم

کرِتھ پننہٕ مقبولیتکۍ مول دِنۍ ہیٚتھ متۍ آسۍ، تاہم اوس عام لُکن ہنٛز زندگی
پیٹھ سنسکرتی اثر غالب تہٕ یہٕ زبان آس یمو دہشولیو گوناتو پننین
زِٹھین لٕتہٕ حاصل کرمٕتہٕ تہٕ ایٚک اَثر اوس تہٕنٛدِس شعورس اندر گرچ
گرویٹھ آسنکِ امکانہٕ موجود۔ اَتھ متعلق یُس نظریہ عبدالاحد آزادُن سُند
چھُ، سُہ ذہنس اندر تھاوِتھ چھُ شیخ العالمؒ ہنٛزِ شاعری ہنٛز بُنیاد
سنسکرتیٚ تصور کرُن درست باسان۔ اَمہِ نوکتچ مزید وضاحت
کرِتھ چھُ اردو زبانۍ ہُند محقق تہٕ نقاد علی جواد زیدی "کشیری زبان
اور شاعری" ہندِ دوٚیمہِ جلدُک مقدمہ تحریر کران لیکھان زِ:۔

" ییٚمہِ وقتہٕ عوامہٕ زبانۍ اندر علمی مرتبچ شاعری پیدہٕ لٔج،
دویمہِ مکتبِ فکرچین زبانَن ہُند اَتھ پیٹھ اثر پیوٚن اوس اکھ
نفسیاتی ردِ عمل۔ اَمی سببہٕ چھُ حضرت شیخؒ ہنٛزِ شاعری اندر
سنسکرت آمیز کاشُر لہجہ غالب۔ شیتی کنٹھ ہنٛز "مہانے پرکاش"
کتابہٕ ہنٛز زبان یوٚدوے عوامی لہجہٕ لٕش بدوٚن آس، اما سُے
قالب بدلاوِتھ آیہ اکھ نوٚ زبان بارَسَس تہٕ اگرچہ سنسکرت
زبان وُنہٕ تہٕ مرٕد مرٕد زان آس، اما یِمہٕ رچھِ یلی زِ سنسکرتُک
یہ غلبہٕ تہٕ تتھ کُن جھکاو اوس زوال پذیر لسانی کیفیتُک نتیجہ آسنہٕ
علاوہ زوال پذیری کُن مائل سیدنُک اکھ نفسیاتی تہٕ منطقی رُجحان
تہٕ۔ بلکل یوٚہے حال اوس دکنی اردو زبانۍ ہُند تہٕ۔ کاشر
زبانۍ ہندِس گوڈٕ دورس اندر اوس خیالاتَن تہٕ رِوایژن ہُند

کرنہٕ سنسکرت زبانۍ نِشی تیار یُدمُت۔ اَدے موکھ اوس عام
بول چال چہ کاشُر زبانۍ مقابلہٕ ادبی زبان پیش کرنس منز۔ سنسکرت زبانۍ
ہُندے ڈوکھ پیوان تھاوُن۔ یہ آسہٕ کانہہ تقلید بلکہ اکھ لسانی
مجبوری"۔

اَمہٕ دورُک ین شاعرن ہُند سنسکرت زبانۍ کُن مایِل سپدُن
یا تِمَو لور روزُن اوس تمہٕ وقتچہ لسانی نہجہ ہُند اکھ بوڈ بار تقاضہ
اَتھ متعلق چُھ عبدالاحد آزاد سُند قول تمہٕ دورِچہ شاعری ہُند مطالعہ
کرنہٕ پتہٕ اکھ یوٗرپی محقق جی، ڈی، ویِن کاشُر زبانۍ ہِندِ لسانیاتُک
تجزیہ کرِتھ یمہٕ کتھہ ہنز نشاندہی کران ز کاشُر زبانۍ ہُند یُس
لفظہٕ سرمایہ بدس چُھ، تتھ اندر چھ پنژاہ فیصد لفظ سنسکرت
زبانۍ ہِندی۔ داہ فیصد فارسی زبانۍ ہِندی۔ پانژھ فیصد ہِندی
زبانۍ ہِندی، زٕ فیصد عربی زبانۍ ہِندی تہٕ باقے تیٚیہ ترٛٹہ فیصد
تبتی، دردی تہٕ ڈوگری زبانَن ہِندی۔ جی، ڈی، ویِن سُند یہ
نظریہ تہٕ لفظ راشہٕ ہُند یہ تناسب یوٗدوے کاشر زبانۍ ہِندِس
گوڈنکس یا دوٚیمس) دورس پیٹھ لاگو کرو، ہرٕ وُسُن لایق چھُ۔
اما موجوٗدہ دورس منز چھُنہٕ تمُند یہ مفروضہٕ درست تہٕ نہ
چھُ حرفِ آخر، تہٕ کیازِ جدید دورس اندر چھُ ساہنہٕ زبانۍ ہُند
کینواس یُوتاہ بدلیومُت تہٕ وسیع یُدمُت ز اَمہٕ چھہ
ہندوستانی کیاہ، یوٗرپی، خاص کرِتھ انگریزی زبانۍ ہِندی

مقبوٗلِ عام اَمالو تہٕ وٕرے قسمکۍ لفظ، محاورٕ، گنڈٕ تہٕ اصطلاحات

یَتہٕ لونچہِ گنڈٕ دِمتۍ تہٕ اکھۍ بیٹھ چھُن تہٕ اکتفا کوٗرمُت، بلکہ جدید

سائنسی علوٗمن ہندٕ ٹیکنکل لفظن ہندٕ بآپت تہٕ چھُن یَتھ

لچکدار ہلم یلہٕ کھوومُت۔

للہٕ تہٕ نُندٕ ریشہٕ تہٕ وٲنسہٕ اندر ۳ہم وری فرق آسنہٕ کنہٕ اگر

للہٕ نمتہٕ یَتہٕ ہیتہ فیصد لفظ سنسکرت زبٲنۍ ہندی وَرتاوِد مۍ

چھہٕ۔ تاہم چھہٕ تمۍ عربی تہٕ فارسی زبٲنۍ ہندی کیہہ لفظ استعمال

کٔرِتھ یہٕ باس دِتیمُت زِ اسلٲمی فلسفہٕ حیاتُک اثر رٹنہٕ علاوٕ

چھیہٕ لٔس عربی تہٕ فارسی زبٲنۍ ہنز کم کاسہٕ شوٗدبود تہٕ آسمٕژ۔ تہندس

کلامس منز گُل، بازار، خار، مرتبہٕ، زہر، قہر، شہر، جامہٕ، پنجر،

معلوٗم، صاحب، مَن، نہال، نار، ہوس، صابن، عرش، جنگ،

رنگ، بےرنگ، باغ، زند، چابک، یعنی، شبنم، نوٗر، جوان،

لاچار، چنگ، مُشک، کافوٗر، جنگل، دروغ گو، گواہ، اول، صبوٗر،

دُکان، شکار، روٗح، باقی، ناآن، تکیہ، علم، صفا، لا الہ الا اللہ،

صحیح، موجوٗد، لامکان، احد، رباب، سینہ، کباب، حق، لعل،

نفس، ذائقہ، موت، فکر، اندیشہ، شیطان، معرفت،

نمبر، علیم، بذات، ناو، صدوٗر، برج، تار، کلمہ، کشف

بیتر عربی فارسی لفظ چھہٕ برابر نظرِ گژھان۔ شیخ العالمؒ چھہٕ موٗ

لفظوٗ علاوٕ اکثر عربی فارسی لفظ یَتہٕ اظہارکۍ ذریعہٕ بناوِدمتۍ۔

احمدؐ، اُمت، ایمان، استغفار، ابوجہل، احد، انصاف، امین، افضل، افطار، آدم، اشراق، آسمان، آرائش، ابنار، آخرت، آزاد، ایثار، امیدوار، اندیشہ، آثار، آبِ حیات، بحث، بےغم، بانگ، بدکار، باخبر، بدن، بندگی، بُلبل، بندہ، باراں، برحق، بیم، بند، پنج سورہ پختہ، پائے مُبارک، پُلِ صراط، پہلوان، پلاؤ، پُرکار، پیغمبر، پیادہ، پیشوا، تسبیح، تاج، توبہ، تحقیق، تیر، تن، تیر کمان، تندرستی، تخم، ثواب، جنت، جاری، جہاد، جزُ، حج، حاصل، حور، حسد، خیمہ، خلق، خاص، خبر، خوشبو، خر، دین، درود، دفتر، دعوت، دارو، داغ، دانشمند، دوزخ، دیندار، دل، ذکر، زکوٰۃ، رزق، رسول، رحمت، ریاضت، رمضان، روبت، رکوع، سجدہ، سجود، سیاہ چاہ، سودا، سوار، سپر، ساز، سنطور، سرکار، سازندہ، شرف، شرع، شربت، شفاعت، شئے، شفیع، شرمسار، شرمندگی، شام، شراب، شاہ، شرم، شمع، شقدار، شہیر، صلوات، طوبیٰ، طمع، طاعات، طہارت، طبق، ظالم، عقل، عذاب، عامہ، عار، عمر، عود، عبادت، عام، عاشق، عمل، غافل، غرّہ، فرض، فرش، قصور، قدم، قیل وقال، قرار، قتل، قفل، قدر، قدرت، قوت، قابلیت، قند، قبول، قندیل، کاہل، گُل، کان، کشت کار، گلزار، گرز، گناہ، گنج، گمُراہ، لحد، لازم، موذی، مُرسل، مولا، موجود،

محمود، مولوی، مال، مخفی، میزان، مقدمہ، منافق، مکار، معصوم،
مرضی، مہر، مقام، مو، مکان، مارخور، مہربان، نفل، نفع
ناد، ندا، نیت، نماز، نافرمان، نکیر و منکر، نگینہ، نادان،
ورع، وزن، واقف، وجود، وحی، وضو، وُسعت،
وزیر تہٕ یار ہوی وہ یمہ خاص طور عربی فارسی زبانی ہندی
لفظ پننہٕ شاعری اندر ورتاوی متی۔

شیخ نورالدین نورانیؒ یُس برونہہ وری ۶۴۳ ہم آسنہٕ گنزِ
چھینہٕ للہٕ ہنز شاعری پیٹھ ہندی تہٕ سنسکرت زبانی ہنز مکمل
چھاپھ۔ اتھ برعکس چھُنہٕ شیخؒ ہندِس کلامس پیٹھ یمن دون
زبانن ہُند تیوٗتاہ غلبہٕ۔ تاہم چھِ تمو آرُت، آکاش، اہنکار،
امرت، اَن جر بنجر، اَن، اندھیکار، اوتار، آنگن، آنتر من،
آدر، برہما، بھوجن، بل، بگہٕ، بھگتی، بوہ، پاپ، پُن، پربت،
پانڈو، پرانہٕ ابیاس، پرش، پوٗن، پیشم، پنکھی، پرکٹ، درشن،
داس، داو، دھیان، دیش، داتا، دھرم، دِشا، ریشی، رس،
راج، ساد، سورگ، سودُر، سَر، سکل، سرنا، شرادھ، شتر،
شُدھ، کرودھ، کام، کیول، کریڈہ کھی، کتھا، کال، کیلاش، گٹ
گیان، لوٗبھ، لوکہٕ بھون، مد، مندر، مکتی، متر، ماتا، متی، منہٕ،
نیاے، نرگن، وَن، وِچار، وِش، ور، ہاہاکار تہٕ یم ہوی
ہندی تہٕ سنسکرت لفظ ورتاوی متی۔ یم تہٕ ہندی تہٕ سنسکر

زباًنٕ ہندی لفظ حصٕ شیٚخن کثرٕ ژ سان استعمال چھ کرٕنہٕ یِوان، زمانچہ تبدیلی تہٕ لِسانی ادلابدلی تہٕ ارتقا سببہٕ چھ وونی تم متروک قرار دِنہٕ آمتی تہٕ یِمن لفظن ہُند وجوٗد چھ میانہٕ خاطرٕ یہ ڈٕلی زِ تہٕ مہمل بنیومُت۔ تہٕ یِمن ہُند معنہٕ زانُنہٕ باپتھ چھُنہٕ سنسکرت تہٕ ہندی زبانٕ کُن رجوٗع کرنہٕ ورٲے کانٛہہ چارٕ۔ مثالے آرت، بمعنی ختم۔ نکس یعنے ہرکانٛسہٕ۔ دِن ہار بمعنی دِنہٕ وول، کیاو یعنی کیاہ۔ پاٹھانی بمعنی سفر (ازکل چھُ یہ لفظ کانٛہہ چیز حاصل سپدن کِس مفہوٗمس منز استعمال یِوان کرنہٕ) گٔیہہ بار بمعنی گرٕ بار۔ ہنوار یعنی معاف۔ وٕنت یعنی التجا۔ سکلن یعنی سارٕی۔ رانشرہ بمعنی ہیوٚنت (یہ لفظ چھُ کثرتِ استعمالہٕ سِتۍ ڈُن لفظ رُژھ بنیومُت) برائے بمعنی نارٕ بٕڈکھ (بریٚہ چھیٚہ اُمی لفظُچ مُکٕمَر صوٗرت) رِہکاے یعنی عمل۔ بنزرُن بمعنی قربان کرُن (ازکل چھُ یہ لفظ کُنہِ چیزس پیٹھ قبضہٕ کرنہٕ کِس مفہوٗمس منز ورتاونہٕ یِوان) پُرش یعنی انسان (یہ لفظ چھُ چالاکھ آسنہٕ کِس معنیس منز تہٕ استعمال سپدان) رِزی بمعنی خوش گژھُن (یہ لفظ چھ راضی لفظُک ڈکھ باسان۔ بنان چھُ زِ اُمی لفظ ما آسہِ راضی لفظ بنیومُت یا ما آسہِ راضی لفظٕ نِشہِ رِزی وجوٗدس منز آمُت) تِو بمعنی یِتھٕ سِتۍ۔ جزی یعنی ہوژُن۔ رِٹہٕ بمعنی دِہ (ممکن چھُ زِ یہ ما آسہِ دِہ تہٕ لفظُک ماخذ) شوتُن بمعنی خوش سپدُن۔ اُنتہٕ مُل یعنی اندرِم کثافت، کیات بمعنی

کیاہ ۔ وُدی بمعنی ہوشیار ۔ رٲسی یعنی نیرِتھ ژٕلُن یا راوُن یا خوشک
سپدُن ۔ ژٕوُن پیارن بمعنی ژٕورن پیٛہرن ، ذات یعنی زٕ ہیٚہے ہٕ ۔
ٲسکری یعنی فاقہٕ ۔ رٲتم بمعنی وَتہٕ خرچ ، سفر خرچ یا زادِ راہ ۔ روٗژان
بمعنی وُیٚن یا ہضم سپدُن یا راس یُن ( کانہہ چیز استعمال کرنہٕ پتہٕ یہ
کینژھاہ بُر ، تمہِ باپتھ تہٕ چھُ یہ لفظ ورتاونہٕ یوان ) شٔنگتوٗ یعنی توجہ
دی توٗ ( خبر یہ لفظ ما آسہِ شنگتوٗ لفظکُ ماخذ ) اُلاس یعنی لباس ،
پوشاک یا دولت ۔ سوباو یعنی مایہ سان ۔ وٕہ پٕزاوُن بمعنی پاد کرُن
( یہ لفظ چھُ ازکل وٕہ پداوُن کِس مفہوٗمس منز استعمال سپدان )
ازلِ یعنی شرمندٕ کرُن ۔ مُتھ بمعنی شان ۔ واوِہالہِ یعنی زندگی ۔
ٹانچہ رُن بمعنی فضوٗل بحث کرُن ۔ کاتےٚ یعنی بدن ۔ یانزرُن
بمعنی ہیوٗ بنُن یا رلُن ۔ وُنرَ یعنی گبڑ ( وَنُل چھیہٕ اَمی لفظُک مکٕمتر
صوٗرت ) باروہنی بمعنی مزوٗری یا اُجرت ( یہ چھُ بار تہٕ وہنی
لفظن ہُند مرکب تہٕ بار گوو بور تہٕ وہنی گوو معاوضہٕ ۔ مثالے رنگوہنی
چھلوہنی یا دونہٕ وہنی ) گیُتھ بمعنی پوشیدہ ۔ اَن ہوٗت یعنی بے عمل ۔
اَزوت یعنی پرُ ذات ہُند ( یتھ لفظس چھیہٕ ہندی زبانی منز ترکیب
یعنی اَ تہٕ ذوت ) ( کُنہِ خاص لفظس نیٚلہِ تُھتھ "اَ" لگادو ، تتھ چھُ معنہٕ
بدلان ۔ مثلن امر ، اٹل ، اناتھ ، اَتھیوٗن ، اَگوٗر ، اتول بیتر )
اَمرِ قسمکی لفظ چھِ گرامر لحاظٕ صفت ماننہٕ یوان ۔ پرگیہہ بمعنی
ہرگرہ ۔ گمبری بمعنی گوبر یا گھمبیرتا ۔

موتی لال ساقی صابن چھیہ "رٛیشہٕ نامہٕ تہٕ کلام شیخ العالمؒ"
مضمون مطبوعہ "اخبار چمن" کِس علمدار کشمیر نمبرس منٛز یہ باوُتھ کُرمُت
"زِ حضرت شیخہٕ رحہ سُند سوٗرُے کلام چھُ مختلف رٛیشہٕ نامَن ہندیٚن قلمی نسخن
اندر موجوٗد۔ یم قلمی نسخہٕ چھِ یَتہٕ کیٚن کینٛژن خانہٕ وادَن اندر محفوظ
ماسوائے رٛیشہٕ نامہٕ بہار شاہ۔ دوٚیمَن رٛیشہٕ نامَن اندر چھِ پانٛژھ
پانٛژھ قلمی نسخہٕ، یمَن منٛز باہمی تفاوت تہٕ ہیر پھیر آسُن لازمی چھُ
یموٗ منٛز چھِ رٛیشہٕ نامہٕ بابا خلیل، بابا نصیب الدین غازی، بابا کمال
تہٕ بہار الدین متوٗ قابلِ ذکر۔"
لسانی لوٚکہٕ نگاہ کِنہِ یێلہِ یمَن رٛیشہٕ نامَن ہٕنٛز سام ہێنہٕ
یِیہِ، وارِیاہ گمان تہٕ اندیشہٕ چھِ ذہنَس اندر ژھایہٕ گژھان تہٕ یہٕ
باور کرنہٕ خاطر چھُ مجبوٗر بوان پیٚدُن زِ شیخ رحہ مطبوعہ کیو غار مطبوعہ
کلام ہێکیٚہ گُژھِم پانٛژھ تہندُے آسُتھ تہٕ کیازِ امہِ منٛز چھُ وارِیاہ
کلام یُس لسانی ہێرٕ کِنہِ تَس پیتہٕ کیٚن ژمن گوٚمتٕ سُند باسان،
یم گمٲمی ہندیٚن پردن ژھایہٕ چھِ روٗدِمتۍ۔ مثالے رلوٗ "گونگل نامہٕ"
وژن۔ گوڈنچ کتھ چھیہٕ امہٕ متعلق یی زِ اگر وژن صنف تہٕ دورس
اندر تہٕ چھُ ادُسمُت، اما تیوٗتاہ چھُنہٕ تمیکٕ چلن ادسمت ووں
یوٗدوے آسہے تہٕ تیلہٕ گوٚنٛژھ لَلہِ تہٕ حضرت شیخہٕ رحہ سُند نصف کھوتہٕ
زیادٕ کلام اَتھی فارمس منٛز آسُن یُس نہٕ چھُ۔ دوٚیم کتھ یہ زِ "گونگل نامہٕ"
وژنِچ ہیئت، آہنگ، زبان، برجستگی، لفظن ہُند تُل تراو تہٕ

سادگی وُچھتھ چھنہٕ یہ کُتھ ہٹہٕ وَسان زِ یہ وَژُن کیاہ آسہٕ ساڈ پانژھ ہَتھ وُری برونٹھِم تخلیق۔ شیخہٕ شُرٕکین اندر لیُس احساسِ شدت تہٕ داخلیت تِمن ہنٛز خاص خصوٗصیت چھیٚیہٕ، سو چھیٚیہٕ "گونگل نامہٕ" وژنس اَندر۔ بیاکھ اہم نوکتہٕ چھُ یہ زِ لفظ نامہٕ چھُ یِمہٕ کتھہِ ہنٛز تاکارِ باوَتھ زِ یہ وَژُن چھُ محمودٕ گامی ہندِ دورُک یاتہِٕ یتھ وقتُک یِلہٕ زَن کشیر اندر مثنوی لیکھنُک رجحان اَنہٕ وَند اوس تہٕ "لفظ نامہٕ" چھُ مثنوی خاطرٕ موزوٗن لفظ تہٕ تہٕ بیانیہٕ قسمچہٕ شاعری ہُند مخصوٗص لفظ چھُ لوٚیے نامہٕ۔ گونگل نامس منٛز لسانی صوٗرت تہٕ اَمیُک آہنگ مدِنظر تھاوِتھ چھُ سرسری نظر کرنہٕ یتہٕ یہ پَزر برونہہ کُن یوان زِ امہٕ وژنچ ساری شار چھ سنسکرت تہٕ ہندی زبانِ ہُند رنگ غالب آسنہٕ درِاَنے تہٕ زبان تہٕ چھیٚیہٕ عام فہم۔ یمانٛز آسہٕ یہ وَژُن زیادٕ کھونہٕ زیادٕ اکھ ہَتھ وُری برونہہ تہٕ حضرت شیخ نورُ الدین کاَنہٕ کٕنہٕ مقلدن آسہٕ یہ وژُن عقیدتن تِمنٛے کُن منسوٗب کوٚرمُت۔ مثالے

اَپرِ بس دُنیہس موکر پَرِ ھتے
برونٹھ چھے تتے وُشنُ واو
نوٚرِ کورِ شُرٕ سی باژ بَرنے پرِتھ تے
لیُس کَرِ گونگُل سٕے کَرِ کرِاو

پھُٹچین باگے کرناوُنس تے
تمی رسمی، زگ، چھوت ہاو
لوِنہ وِتھ دِنہ وِتھ تولناوُنس تے
یُس کرِ گوٗنگل سُے کرِ کرٛاو
اوٚدے راز پیلہ لحد ہاوُنس تے
دٔپنس دُنیہ شئے مُشراو
توبہ توبہ کران چوب دیاوُنس تے
یُس کرِ گوٗنگل سُے کرِ کرٛاو

میٚتھے پاٹھۍ چھُ یہ شٔرُک پٔننہ بندِشہِ تہ روانی کنۍ از بروٚہنٛہم بتِراہ یا شیٹھ وٗری باسان تہ اتھ اندر چھُنہ اکھ لفظ تہٕ لٔلہِ ہندِ سنسکرتی دوٗرُک ۔

تہ مش بندِ نمازِ بیٚیہِ رمضانس
تی ہو لگ یوٚ پانس سیٚتۍ
ہوش کرِ نینس دین و ایمانس
نتہ تلہٕ نے شیطانس سیٚتۍ

اَمہِ قسمک زٕل چھُنہ بعض شیخ بندِ سۍ کلامس گومُت، اللہ
ہنزِ شاعری منز تہٕ چھُ یہ وٕکانہ مثالے چھُ لٔلہِ ہندس نیتھ واکھس

منز تحصیلدار لفظ میلان ۔ حالانکہ آسہے نہ تتھ دورس منز تحصیلدار لفظُک تصوٗر تام تمہ وقتہ کینٛہہ مُکٔن ۔

دِلہٕ کس بائنس دور کر غاصِل
اَدٕ دلو پھولی یو یمبرزلہٕ باغ
مرِتھ منگہٕ نٔے عمرٕ ہُند حاصِل
موت چھُے پَتہٕ پَتہٕ تحصیلدار

یتھے ہیو بیاکھ واکھ چھُ پننہٕ باوتھ پانٔے زِ یہ چھُ پننہٕ آہنگہٕ کنہٕ محمود گامی ہندِس کس تام ہمعصر شاعر عزیز خان سُند ۔ اما مجراچھُ للہٕ ہندس کھالس ۔

غافلو ہکہٕ قدم تُلُ
دُنہٕ چھےٗ تُل پہ ژھانڈن یار
پرُ کرٕ پیدا پرواز تُلُ
دُنہٕ چھےٗ تُل پہ ژھانڈن یار

ساڈن پانژن ہتن وری ین امہٕ قسمہٕ لسانی تبدیلیہٕ تہٕ تحریکہٕ عملہٕ اندر ییٚنہٕ چھیہٕ لازمی کتھ ۔ پہ گیاز کاشُر زبان اُس حکم انٛن ہنٛز سرد مہری تہٕ لسانی تعصبہٕ کنہٕ برابر ۱۸۷۰ء ییٚس تام انٛہ گٮ۪ٹس

اندر۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ لّلہٕ ہُند کیہنہ کلام چھُ بعض شخصن کُن منسوٗب آمُت کرنہٕ تہٕ بعض شیخہٕ سُند لّلہٕ کُن تہٕ یمَن دوشوٚنی پتہٕ کیٚن گونماتَن ہُند کیہنہ کلام چھُ للہٕ تہٕ بعض شیخس کُن منسوٗب سپُدمُت۔ ووں اگر مانوٚ زِ گوٚنگل نامہٕ نظم چھیٚہ بعض شیخہٕ ہنز، تیٚلہٕ گوٚژھ اَتھ پیٹھ تہٕ ییٚمہٕ شُرکیٚک ہیوٚ سنسکرت رنگ غالب آسُن ؎

مُڈس گیاںٛ کتھ لوٚوٕنی زے
خرس گور دِنہٕ راوی دیل
سیکہٕ شاٹھن پھٔل نوٚوِ زے
کوٚم یاجن دِنہٕ راوی تیل

کیہنہ کال برونہہ وُچھ میٚہ غلام نبی گوہر صابُن باباکمال سُند اَکھ قلمی نُسخہٕ۔ گمان سپُدم زِ یہٕ گژھہ بابہٕ کمال سُندے آسُن۔ اما معلوٗم کرنہٕ پتہٕ دوٚپنم گوہر صابن زِ یہٕ نُسخہٕ چھُ تہندی بُڈی بَبَن شیٹھ وری برونہہ باباکمال سُند قلمی نُسخہٕ برونہہ کُنہ تھاوِتھ یَنہٕ اَتھ پھیرُمُت۔ یُہ نُسخہٕ قلمبند کرنُک سَنہٕ یا تاریخ چھُنہٕ کُنہٕ تہٕ تتھ اَندر درج۔ یِہے دِنُن آسہٕ تمن قلمی نُسخن ہنز تہٕ یمَن ہُند تذکرساقی صابن کوٚرمُت چھُ۔ اَمہٕ تلہٕ چھُ نَنان زِ سینہٕ بسینہٕ رِوایژن ہندس ڈکھیس پیٹھ چھِ یم نُسخہٕ لیکھنہٕ آمتی۔ گوہر سُندِ قلمی نُسخُک زبان چھیٚہ سٹھاہ فصیح تہٕ بلیغ۔ کُنہٕ کُنہٕ چھُ فارسی کلام تہٕ اَتھ اَندر درج کرنہٕ آمُت تہٕ بعض شیخہٕ

ﮨِند کلامہٕ درج کرنہٕ بروہنہٕ چھیٚہ دوزبہٕ میلہٕ ہیتھ "کاشُر نظم" تہٕ "غزل" ذیلی سورخیہٕ تہٕ لیکھنہٕ آمژ۔ ییٚم ﮨندین یمَن دون غارٕ معروف تہٕ غارٕ مطبوعہ شارن اَندر چھُ گوڈنکِس شارس منز تکرار الفاظ حسین صنف تہٕ میلان، ییٚلہِ زَن تیٚتھ دورس منز ضایع بدایع آسنہٕ بلعید از عقل کتھا چھُ

معشوقن ییٚلہِ درشُن ہوٗون
درشُن دیووٗن منصوٗر ہسے
شوقکُ شراب سُہ ییٚلہِ چوٗون
قبل کرنوٗون زَن ژورٕ ہسے

لیوسہٕ زبان یَنہٕ وأنسہٕ ہندِ لحاظٕ وُنہٕ کھوکھچی آبہٕ کران، سو کتہٕ ہیکہِ ہا وُچھان وُچھان یوٗتاہ لِسأنی لحاظٕ ارتقاٗ لٲبتھ۔ حالانکہٕ چھُ کانہہ زبان مانجنہٕ یِنَس تہٕ یِنٛنی لِسأنی ہیَیت بدلاونَس منز سیٹھاہ وقت لگان۔

کیات تہٕ ذات لفظ چھِ بعض شیخہٕ شُروکین منز کثرٕ سان میلان۔ اَما للہِ لَس چھِنہٕ یم نظرے گژھان۔ فکرِ چھِنہٕ تران زِ للہِ ہندِس کلامس منز کیات تہٕ ذات لفظن ہندِ نہٕ آسنُک وجہ کیاہ گژھہِ آسُن۔ میٚہ چھُ نوٗرنامہٕ تہٕ باباکمالُ ہندِس قلمی نُسخس منز شُرہَن جاین کیات تہٕ ذات لفظ وُچھمتی تہٕ یمَو بدلہٕ چھُ للہِ زِنہٕ

لفظ اکثر ورتومُت ۔ نُندہ رێشۍ چھُ اَمی قسمہ کیاہ لفظ یتھ شارس منز استعمال کوٚرمُت ؎

مسلمان کیاہ ہێندٕ بن
کر بَندن توشہ خدُاے

لَلہِ چھُ یوٚہے لفظ دوٚیمہِ شکلِ اَمی معنہ ورتومُت ؎

لل بہٕ دٔرایس لولرے
ژھانڈان لوسم دِہن گیو راتھ

یتھ جایہ چھُ یمَن دۄن ہم عصر گونماتن اَندر اکے قسمہ کِس لفظہ ورتادس منز تضاد لبنہ یِوان ۔ یتھۍ ہیوٚ لوکتوٚ سپدِ چھِ اندیشہ تہٕ گمان درپہ لبان ۔ لل دید تہٕ حضرت شیخ العالم چھِ اکے ہانکلہِ ہندی زٕ اہم کڑی ۔ دۄشوٕے چھِ اُکی سے زبانِس اَندر گُذریمتی ۔ اماکیاہ وجہ چھُ زِ للہِ ہندِس کلامس اَندر چھینہٕ کُنہِ جایہ تہٕ فارسی ترکیبہ تہٕ اضافتٕ میلان ، ییلہِ زِ تہٕ شیخہ شُرکِہ کلامن اندر یِژھہِ ترکیبہ تہٕ اضافتٕ وُچھنس منز چھِ یِوان ۔ مثالے زٕ لوٚ یم کینہہ مصرعہ ، یِمَن منز اَز کہ دور چہ ہِشہ فارسی اضافتٕ نظرِ چھیہ گژھان ۔

ہو میانہٕ زٕو گُلِ انارو

یا

عذابِ قبرس کوہٕ چھکھ کھوژان

خوٗنِ جِگر یِمہٕ اوٚہر کھبو

یا

رحمتِ بارٲن روزٕ پیوان

کوٚر دوٚر رسولِ خُدایَس زایہ

یا

پُلِ صراطس اکِہ اکِہ تارن

یِمن مصرعن اَندر چھیہٕ گُلِ انار، عذابِ قبر، خوٗنِ جگر، رحمتِ باران، رسولِ خداؐ تہٕ پُلِ صراط فارسی اضافژٕ۔ اَمہِ نوعیتکۍ اہم نوکتہٕ چھہِ ذہنَن اَندر بتھاوَن بجاطور پوٗچھر دِوان زِ کیاہ تانی چھُ بسِ پردہٕ۔ یِمہِ کنِہ زٕہ دٲہمہٕ پنداہمہِ صدی ہِنز کٲشر شٲعری اندر اَسہِ نٲنی وٲتان لسٲنی تحریفہٕ تہٕ تبدیلی یہ سِپزمژٕ چھیہٕ یِمہِ خٲطر اَمہِ دورچہِ شٲعری ہنز لسٲنی صوٗرت تہٕ ہیٔت کنہٕ ٲسۍ اکھ بوٚڈ بارہ ثبوٗت پیش چھہِ

کٗران تہٕ یہِ سوٗرٕ ے صوٗرتِ حال چھُ للہٕ تہٕ شیخ العالمؒ ہنٛز شاعری اندر مزید تحقیق کرنٕک دعوت تہٕ دِوان تہٕ وقتٕک تقاضہٕ تہٕ چھُ زِ اُتھ سنوٗ تہٕ تضاد کرو دوٗر۔

# شیخ العالمؒ سنزِ شاعری منز کشتوارٕ زبانی ہندی آثار

## اکھ تحقیقی نشاندہی

محمد اسد اللہ وانی

ترجمہ کار:۔ سومناتھ پنڈت

سرخیلِ طائفۂ ریشانِ کشمیر حضرت شیخ العالم شیخ نورالدین نورانیؒ چھُ کشتوارس سِتۍ بڈٕ سون تعلق یتھۍ بُنیاد نسب، روٗحانیت تہٕ زبانی پیٹھ قایم چھیہِ۔ نسبی اعتبارٕ اوس شیخ العالمؒ سُند تعلق کشتوارکس تتھ شاہی خاندانس سِتۍ یمیُک سلسلۂ نسب گوڈٕ بنگالکس سوٗرج بنسی خاندانٕکس راز بکرماجیتس سِتۍ میلان چھُ۔ روٗحانی تعلق چھُ یہ زِ حضرت شیخ العالمؒ سند بوٗزورٕ مقتدر خلیفو بابا بام الدین، بابا ذین الدین، بابا لطیف الدین تہٕ بابا نصیر الدین، منز چھُ بابا ذین الدین تہٕ لطیف الدین سُند تعلق کشتوارکس پلمارٕ تہٕ مڑوہ واڑون علاقن سِتۍ۔

یوتام زبانی ہُند تعلق چھُ اتھ سلسلس منز اگر اَسۍ حضرت شیخ العالمؒ سندِ کلامُک مطالعہ کرو اَسہِ پیہِ یہِ حقیقت ڈیٖلہِ گاشکۍ پاٹھۍ عیان زِ اَد

ہندِس کلامس منز چھ کُنہ کُنہ تِتھی لفظ تہٕ استعمال پیدٕ پتھ یم یوٗدوٕے کاشرِ زبانی منز آوی مہتہٕ چھِ مگر کشتوار تہٕ اتھ اندٕ پکھی بولنہٕ یِنہٕ واجنیٖن زبانن منز چھ موٗجوٗد تہٕ تہٕ مرُوج تہٕ۔ امہِ موٗجوٗب چھ اکھ یہِ جان پاٹھی ہیکان انداز کرِتھ زِ حضرت شیخ العالمؒ ہندِس کلامس منز چھ کشتوار تہٕ امہِ کین مُلحق علاقن منز بولنہٕ واجنیٖن زبانن ہندی آثار موٗجوٗد۔

حضرت شیخ العالمؒ ہندین جدن ہند تعلق اوس ضلع ڈوڈہ کِس تحصیل کشتوارس ستی یتہٕ وارِیاہ بولہٕ آسہ مرُوج۔ امہِ کِس شمالس منز چھ کشمیر، شمال مشرقس منز ہماچل پردیش، مغربس منز ڈوڈہ تہٕ رام بن تہٕ جنوٗبس منز بھدرواہ۔ ساری سے ضلس منز چھیہٕ بھدرواہی، کاشُر، ڈوگری، رام بنی، پوگلی، بھلیسی، پاڈری پنگیالی، کھاشی، گدی، بھرموری، گوجری، پنجابی، سراجی، کشتواری، اردو تہٕ ہندی زبانہٕ تہٕ بولہٕ بولن والی موجوٗد۔ کشتوارچ زبان چھیہٕ کشتواری کاشُر مسلمانن ہنز زبان چھیہٕ فارسی آمیز کاشُر یلہٕ زن غار مُسلمن ہنز زبان شوٗد کشتواری چھیہٕ۔

اگر اسی کشتواری زبانی ہند تجزیہ کرو اسی واتو اتھی نتیجس پیٹھ زِ یہِ چھیہٕ قدیم کاشُر یُس رِچھ یوٗسہ اسلام ادر واتنہٕ ستی وارِہس حدس تام مُتاثر چھیہٕ سپُز مُژ۔ بلکل تتھے کُنہ پیٹھ کُنہ کشیرِ ہنز کاشُر زبان۔ البتہٕ کشیرِ نِسبت چھیہٕ کشتوارکین غار مسلمانن ہنز زبان وارِہس حدس تام محفوٗظ روزمژ۔ چنانچہٕ چھ عشرت کاشمیری لیکھان:[1]

"کشتواری زبانی متعلق چھُ عام خیال زِ یہِ چھیہٕ قدیم

[1] تاریخ کشتواڑ (ایک تقابلی مطالعہ) از عشرت کاشمیری پیش لفظ م، ن،

کٲشرِیُک رِچھ ـ سنسکرت زبٲنۍ ہِنو اَمیُک دامانہٕ مالامال۔ اَتھ ہیکو نہٕ اَسۍ لوٗلۍ دِتھ، تہٕ کیازِ قدیم کٲشُر اَس نہٕ بوٗلۍ۔ یَمِہٕ پرٛانی حالژ منز روزنُک وجہ چھُ یہِ زِ اَتھ زبٲنۍ چھِنہٕ راز دربارچ سرپرستی حٲصِل سپٕزمٕژ سپدِتھ لہٰذا چھُ اُدیبو تہٕ شاعرو اَوّرکُن کم توجہ دیتمُت، تہٕ کیازِ تِمن اَدس پہٕ بدلس منز انعام یا جاگیر میلنچ کانہہ وٕمید۔ یَیلہٕ زَن فارسی زبان ژٕدن ہتن وَرِین شاہی دربارچ زبان روٗزٕ اَمکہٕ اثر بیٛشہٕ روٗزٕ یہٕ زبان اَمِہٕ موجوٗب پاک تہٕ کیازِ فارسی زبٲنۍ منز شار وَنَن والیو شاعرو کٔرنہٕ اَتھ زبٲنۍ منز قلم تُلنچ کوشش۔ عام اِنسان آسہٕ نہٕ فارسی پٲٹھۍ کتھ باتھ کران لہٰذا سپدنہٕ اَتھ زبٲنۍ پٮ۪ٹھ زیو پٮ۪ٹھ ہیوٚن لایق فارسی زبٲنۍ ہُنٛد اثر۔ اَتھ مقابلہٕ روٗزٕ کٲشرِس پٮ۪ٹھ فارسی یُک اثر غالب تہٕ سنسکرتُک اثر ہیوٚتن کم سپدُن۔ شاہی دربارچ سرپرستی نہٕ آسنہٕ باوجود تہٕ روٗزٕ یہٕ زبان زِندٕ تہٕ کیازِ اَتھ اَس بولن والین ہُنٛز سرپرستی آیتن۔[1]

کشتواڑی لہجس متعلق چھ عشرت کاشمیری لیکھان۔

”یتھ خیالس چھیہٕ حقیقتھ ڈلھ زِ کشتوارک روزن وول ہیکہٕ سرینگرچ کٲشر زبان آسٲنی سان بوٗلِتھ مگر سری نگرس منز روزن وٲلۍ ہیکن باپتھ چھ کشتواڑی بولنۍ مشکل تہٕ کیازِ کشتواڑی زبٲنۍ منز چھِ تِتھۍ لفظ یِم نہٕ تِمۍ زانہہ تہٕ بوزِ متۍ آسن تہٕ یِہُنٛد تلفظ تیوٗت پھوٚہر چھُ زِ یِہنز زبان ہیکہٕ نہٕ سُہ تُو تام وۅتہِ اَدرِتھ یۅ تام نہٕ رٕتہٕ وادن

[1] تاریخ کشتواڑ (ایک تقابلی مطالعہ) از عشرت کشمیری پیش لفظ م، ن،

ذٕبراوِ۔" لہ

کشتواڑی زبانۍ متعلق چھِ پروفیسر حاجنی لیکھان :۔

۱۔ کشتوارس اندر چھِ وُنہِ تہِ کیٛہہ پرانۍ لفظ یِم ووٚنۍ کٲشیر اندر ورتاوٕنے چھِنہٕ یِوان۔ اماپوز پرانہِ وقتہٕ چھِ یِم کٲشیرِ منز۔ عام آسی متۍ۔ مثلن کٲشُر "معشوق" یُس دراصل عربی پیٹھ فارسی تہٕ فارسی پیٹھ کٲشرس اندر وومُت چھُ، کشتواڑی چھِ اتھ بدل "لُبان" وَنان یُس وادی منز خاپے کانسہِ ویوٚد چھُ۔ کٲشرِ لو چھُ سنسکرت "پُشپا" اندرِ "پوش تٕڑ" مرکب مصدر بنووُمت اتھ مرکب مصدرس بدلہٕ چھِ کشتوارس اندر مُفرد کٲشُر مصدر "ژٕنُن" چلان ییٛتھے کُنۍ چھِ بیٚیہِ تہِ واریاہ کٲشری مصدر یِمن ہندی ابتدائی مصدر بلکل بدل چھِ آسی متۍ۔ مثلن "پھڑاوُن" بدلہٕ "ٹھانُن"۔۔۔

۲۔ کٲشیرِ تہٕ کشتوارس اندر چھِ واریاہ تِتھۍ لفظ تہٕ یِم شوٚدی کٲشری آسِتھ تہٕ چھِ اکھ اکس نِشہٕ بلکل الگ۔ یہ ہیٚکوٚ نہٕ اَز وَنِتھے زِ دوٚیو منز کُس لفظ چھُ "گوڑ ساہٕ زبانۍ منز اوسمُت" مثلن کٲشُر "گرِز" کشتواڑی "کھرنگ"۔۔۔ ژوٚٹ (منج) رُہُن (تھوم) الُو (پینگر) گوگجہ (گوگل) بیتر۔

۷۔ عام پاٹھۍ چھِیہٕ مسلمانن مقابلہ کشتواڑی ہیٚندو سانہٕ پرانہٕ زبانۍ ہنز جان رٲچھ کرمِژ۔ ہیٚندو چھِیہٕ پرانۍ زبان چلووِنۍ تھاوِمژ تہٕ مسلمانو چھُ وادی ہندِ اثر فارسی آمیز کٲشُر پانہٕ ژومُت

لہ تاریخ کشتواڑ (ایک تقابلی مطالعہ) از عشرت کشمیری پیش لفظ س،

مثلن کاشُر "بُرقہٕ" کشتوارؠ (بجنڈ) ساتھا (گیریا) خوشوٗن (سوندر) شرارت (کرٗوٗد) زہر (ویہہ) صُبحاے (رنباگے) کمبل (چچُرٕ) دوست (چوٹن) اسمان (تالم) واریاہ لفظ چھہٕ کاشرِ لوٗ راوہٕمتۍ۔ مگر کشتوارؠ ہیندلوٗ چھہٕ یم وُنیکتام زٕٹھراوِتھ تھاوِی متۍ۔ مثلن "کاشُر کور ہنز گُور" کشتوارؠ (تیوڑی) بشرہ (بسان) ٹوکر (ڈھران)۔ پلنگ آسنہٕ سببہٕ چھہٕ کشتوار تہٕ بھدرواہ وُنیکتام ہماچل پردیشہٕ کس سرحدس تام کاشرِ زبانۍ شُد تھاونس منز واریاہ اندہٕ کامیاب روٗدی متۍ یہٕ[1]

یمو مثالو تہٕ چھیہٕ یہ کتھ صاف ننان زِ ازکل یہٕ کاشرِ زبانۍ چھہٕ واریاہ تِتھۍ لفظ راوٕری متۍ یم کشتوارس منز پننہٕ اصلی صوٗرژ منز موٗجوٗد چھہٕ۔ چنانچہٕ یِمہٕ ساعتہٕ اسی کاشرِ زبانۍ ہندِ قدیم شارہٕ سرمایک مطالعہٕ چھہٕ کران یہٕ کتھ چھیہٕ عیان ییدان زِ تتھ عہدس منز یوسہٕ کاشر زبان مرٗوج آس تہٕ ازکالچہٕ کاشرِ زبانۍ تہٕ کشتوارؠ کاشرِ س چھُ پانہٕ وُنی واریاہ بینر۔ پروفیسر حاجنینٕ چھُ صرف للہ واکھن ہندِس کاشرِس کنے یوت اشارہٕ کران دوٗہمُت:۔

---

[1] مقالاتِ حاجنی از پروفیسر محی الدین حاجنی صفحہ ۳۹، ۴۰، ۴۱

"کشتوٲرۍ تہٕ للہٕ واکھن ہند کاشُر چھُنہٕ سرینگرکس کاشرس ستیٖ ہتھ فیصد رلان"(۱)۔ مگر یہ مقابلہٕ چھُنہٕ للہٕ واکھن تام یوت محدود بلکہ ییمہٕ ساعتہٕ اسی حضرت شیخ العالمؒ ہیوٚس عظیم روٗحانی پیشوا ہندِ کلامُک مُطالعہ کروٚ اَسہِ چھیٖہ یہ کتھ ناکارپاٹھی بردہنہہ کُن یوان زِ تموٚ چھِ پننِس کلامس منز وارِیاہ تِتھی لفظ استعمال کٔرِمتۍ یِم یوٚدوے ازکلکین کاشرِ زبان دانن ہندِ باپتھ وٕ پرٚچھ مگر کشتوار تہٕ اَتھ اندۍ پکھی روزن والین بیٚکھ ہندِ باپتھ چھِ یِم عام استعمالکۍ لفظ۔

حضرت شیخ العالمؒ سُند جد اوگزِ دلو ییلہ پتہٕ رس باے بولدر دلو بنیہ بغاوتِ موجوب کشیر ترٛاوٕل تمہِ ساعتہٕ اُس تمِی بنیہ حکومت سرتھلس (کشتوارس) پیٹھ۔ یتکین لوکن ہنز بولی بھدرواہی تہٕ کشتوٲرۍ چھیٖہ۔ اَمہ تلہٕ چھِ اسی یہ نتیجہ ہیکان اخذ کٔرِتھ زِ شیخ العالمؒ ہنز شجرہ پیرا آسہن بیہ بھدرواہی کشتوٲرۍ بولی بولان تہٕ تمۍ کٔرِ پننِ کلامہ وٕنہِ ورِزا امی زبانٔکی ہند استعمال ہتہ یا آسے بھدرواہ تہٕ کشتوارکیو سرحدوٕ پیٹھ کشیرِ تام بیہ اتھ زبان بولنہٕ یوان یتھ زن عام لوکن ہنز زبانٕکی ہند درجہ حاصل اوس۔ امہ پتہٕ روزِ وادی ہنز کاشر زبان وارِیاہن وٕ پرٚ زبانن ہندِس اثرس تل بدلان ییلہِ زن کشتوٲرۍ محفوظ روزٕ۔ اَتھ کتھِ زِ کشتوارہٕ پیٹھ کشیرِ تام یوسہٕ زبان شیخ العالمؒ نس برونہہ دورس منز بولنہٕ اُس یوان تتھ کیتھ لب لہجہ

---

(۱) تاریخ کشتواڑ (ایک تقابلی مطالعہ) از عشرت کاشمیری بحیثیت لفظ (س)
بحوالہ کاشر شاعری از پروفیسر محی الدین حاجنی

اوس تہٕ تمہٕ ساعتکس کشتواڑی تہٕ کاشرِس منز کیاہ فرق آس ؟ یمن سا ربے
کتھن نیرِہے آسانی سان چُھٹھ اگر اَسہٕ بُدھ مٔتکس مشہوٗر عالم ناگ سین سنٛز
تصنیف "بلند پنہہ" ک اصلی نوسخہٕ دستیاب آسِہے تہٕ کیازِ بقولِ پروفیسر حاجنی
"ناگ سین آس یہٕ کتاب کشتواڑی کاشرِس منز سوال جوابن ہندِس صورتس
منز لیچھمٕژ۔ یمیک ترجمہٕ پالی تہٕ سنیانی زبانن منز پیٚد۔ اصل روو مگر
ترجمہٕ چھُ موجوٗد[1]۔ یلہِ زن اوتار کرشن رہبر چھِ اکھ سنسکرت تصنیف
مانان[2]۔ مگر اَمہِ موجوٗب یوٗسہٕ ادلیتھ کشتواڑی زبانی حاصل چھیہٕ تمہٕ لنٛشہٕ
چھُنہٕ کانٛسہٕ تہٕ انکار۔

یوٗتام شتی کنٹھہٕ "مہانے پرکاش" ک تعلق چھُ اَمہِ کِس
آخرس منز یُس شار درج چھُ اتھ منز چھُ کاشُر فعل حال (چھو) بجاے
کشتواڑی تھو استعمال پیٚدمُت یمہِ موجوٗب کشتواڑی زبانی ہندِ
تھزرُک پے ہیٚکہ لگتھ۔

بہرحال یمہٕ حقیقتس لنٛشہٕ ہیٚکہٕ نہٕ کانٛہہ تہٕ انکار کرِتھ زِ شتے ہتھ
وری بروٚنہہ یوٗسہٕ شکل کاشرِس وادی منز آس سوٗ آس بھدرواہ تہٕ
کشتوارکین ملحقہٕ علاقن منز بولنہٕ یِنہٕ واجنین تمہٕ وقتہٕ چہِ زبانی نِتی رلان۔
کشتواڑی زبانی نِتی چھُ بھدرواہی نہٕ زبانی ہند علاقہٕ تہٕ تہٕ یمہٕ زبانہٕ چھیہٕ
اکھا اکس سیٹھاہ قریب۔ کیتین لفظن چھُ صرف (ی) ہے یوت

---

[1] کاشرِ شاعری۔ از پروفیسر حاجنی ص ۵

[2] کاشرِ ادبچ تاریخ جلد اکھ از اوتار کرشن رہبر ص ۲۶

لگاونہٕ یوان۔ مثلاً، کشتواڑی زبٲنۍ منز (گوگُل) گو گجِ چھِ بھدرواہی پاکھٹی (گوگلی) وَنان۔ یتھے کٔنۍ چھِ ژھاوجِ (ژھیل) - (ژھیلی، لأرس کاگر، کاکری، گبہ، گبر، گبری تہٕ کیہنہٕ لفظ چھِ کُنہ تہٕ تبدیلی بغارٕ سیدٕ سیود استعمال سپدان مثلن ہُٹری (ناشتہ) ناہری ٹسی (لسی) ژھا، بتر (البترہ) بسان، شام۔ ٹلاکلان، زیٖنۍ (بالن) ژوڑی، شیر (سر) تہٕ پکُن (چلنا ہنٹھنو بیتر۔

یوٗتام زن حضرت شیخ العالمؒ سندِ کلامک تعلق چھُ اُمہِ سندِس کلامس منز چھُ اَسہِ جایہ جایہ کشتواڑی زبٲنۍ ہندی آثار نظرِ گژھان۔ مثلن قدیم کأشرِس منز اوس "آبہٕ" بایتھ "پونی" "پانہٕ" یا "پاین" لفظ استعمال سپدان مگر از کل چھِ "آب" وَنان۔ شیخ العالمنؒ چھُہٕ پننس کلامس منز کُنہ تہٕ جایہ "آبہٕ" بایتھ "آب" لفظ استعمال کوٚرمُت، تمی چھُ امہٕ بایتھ "پونی" یا "پانہٕ" درتومُت یُس زَن کشتواڑی تہٕ بھدرواہ زبانَن منز عام چھُ۔ وُچھو:۔

یہٕ ساد دوٚپُل ہاکس تہٕ ہندے
سوزَن سہزس گرژندے زاو
دوٚد ترأوِتھ پونی یُس مندے
سہٕ سمارس کندے زاو

لوٗبس تہٕ موٗہس مدٕ اہنکارس
گونگن ڈارس وَیم تہٕ پونی

دیار سۄرم سودا گارس
چھوٚن بازاوس کہٕنۍ ہیٚنہٕ ووٚنۍ
آخر ژٕ مو ساری مزارس
نارس ووٚنۍ کتہٕ سارس پونۍ

آدم ییلہٕ ووٚپزٕ وُن سو باد
یُوہ تہٕ پانہٕ نار میٚشرے

دِل چھُے گاڑتہٕ ہوکھ موتراوُن
ذِکرٕ ہُند پونۍ دِس لسہٕ یوتوٚے
لال زان نفسے اکھ مو تراوُن
صاحب پننۍ لبہٕ ہَن اوٚے

یمَن شُرکین منز چھُ "پونۍ تہٕ "پانہٕ" علاوٕ "سو باد" تہٕ "اوٚے
توٚے" ہی لفظ تہٕ استعمال سپدی متۍ یم زَن ازکل کِس کاشرِس منز
نایاب تہٕ کشتواڑی زبانۍ منز عام چھہٕ۔
کاشرِس منز چھہٕ عوضہٕ کھسنَس "ژکھ" یا "شرارتھ" وَنان
مگر حضرت شیخ العالمؒ چھہٕ پننِس کلامَس منز اَتہٕ باپتھ بار ہا "کروٚد" لفظ
استعمال کران یُس زَن کشتواڑی تہٕ بھدرواہی زبانَن منز عام ورتاوس

چھُ۔ "کرۄد نو مسلمانس پرٛزے" ناوی انوانس تحت چھیٚہ تمو اکھ نظم تہٕ
لیچھم۔ یتھے کنٛی چھُ تمو "وہرٛار" لفظ تہٕ ورتومُت یُس زَن بھدرواہی زبانٕ
منز اکی آیہٕ استعمال چھُ پیدان۔

کام کرۄد، لۄب تہٕ مد اہنکار چھُ
دوزخہٕ نار چھے دِوان برٛاے
کرٛشے پہٕ کارن اُنہٕ آدار چھے
چندس دیار چھی مو کرھنا یے
حضرت محمدؐ ہوادار چھُ
ہتھ وہرٛارس بیٚیہ پانہٕ خدٰ لے

یا

زُد تہٕ اۄنٛژھُے پۄن تہٕ اۄنٛژھُے
اۄنٛژھُے ژۄنک تہٕ اۄنٛژھُے سار
ہیٚن پدن میٚہ وہرٛار گوژھُے
بار خدٰایا پاپھ نہوار

بھدرواہی منز چھِ گو گجہٕ (گوگلی) تہٕ کشتواڑی پاٹھی گوگل ونان
یہ لفظ تہٕ چھُ شیخ العالم بنٛنس کلامس منز گوگل ڈۄنی تھے استعمال کراا۔

اُز کر ریشی کیلک ریشی یمن ماز کھنس کم
کھاسی نہ تھون نشم نشی اُکس گوگل بتیس کرم
علم پرِتھ زونگھ اسی گئے ڈیٹھی تم وِیٹھی گوگل تیتھی گئے

بوزُن چھُ کاشرس منز کنو بوزنکس معنیَس منز استعمال سپدان مگر شیخ العالمؒ بندی جد کشتواڑکہ ییمہ علاقہ پیٹھ ہجرت کرِتھ آسی آمتی تتہِ چھُ امہ باپتھ "شُن" یا "شننو" استعمال سپدان۔ حضرت شیخن رح تتہِ چھُ یوّہے لفظ استعمال کورمُت۔

اَو ژرُرا لوٗتُنہ گرے
دونند شیطان ظاہر شونتو
نصر بر تروٗپ لاران چھُیے
مگر سرس لبس نہ دونتو

آنگن ناد کران چھُ ہوٗنو باپوٗ میہ کُن تہُی شُنی تو
ییمو بُتھ وِوٗد تمی تیتھ لوٗنو ہوٗن چھُے وَنان وٗو بادو

زُود ژِ بوز تو کنہ وان یہ ہو مرٗدی نہ خبر شُنوان
تتہِ شُن سکلی کا دٹن نُنہ ڈوٗکھ تہ گوناہ گار

یتھ شعرکس منز چھُ "لۆتُو" لوتہکس معنیس منز آمُت ورتاونہ یَیمیک مصدر بھدرواہی زبآنی منز "لُتنُو" چھُ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ آخری شعرکس منز "ڈوُکھ" لفظ "بدذات" کِس معنیس منز استعمال سپُدمُت یَیمیُک استعمال کشتوار تہٕ اُکِس اَندٕ ٹکیس منز عام چھُ۔

کاشُر زبآنی منز چھِ اَسی "وُنُل" یا "وُزُ" وَنان یَیلہِ زن کشتوارٕ زبآنی منز "وُنیار" یا "وُز" چھُ عام۔ شیخ العالمؒ تہٕ چھُ پننِس کلامس منز "وزُ" لفظکُے استعمال کوٚرمُت:۔

اُچھن وُز کَنَن زرگوم
زبآنی ورگوم دلس کیاہ تی

ڈھس دِنہٕ تہٕ داتس چھونہٕ
کہُ کرِ کرِ بس امرِ بتھ ٹانٹھ

سور آسہِ وارہِ تہٕ ہرنس وُز
پآز آسہِ بندہٕ تہٕ آزاد گانٹھ

"گوناہ" بدلہِ چھُ "پاپھ" یا "پاپ" شیخ العالمؒ پننِس کلامس منز داریاہہ لٹہِ استعمال کوٚرمُت تہٕ یہِ لفظ چھُ ضلع ڈوڈہس منز عام بول چالہِ منز رآیج۔

شیخ العالمؒ ہنز اکھ مشہور نظم چھیہٕ "بار خُدایا پاپھ نوار" یتھ منز تموٚ پاپھ گونہن ہندِس معنیس منز استعمال چھُ کوٚرمُت:۔

کیوٚلی کوٚت نیر کھ پنتھآنی
زادِ تھ شرٕ مرٕ گہہ تہٕ بار

اَکِس بار لدکھ باپآنی
بار خُدایا پاپھ نوار

پاپھ پتہٕ پوٗنی تتہٕ ہبن تولنو    بالو یتہٕ کُے پاے کرٕزی تو
نگو وٕہٕر کنہٕ گرٕ ہوٕ چھوٗنو    ہُون چھُے دِیاں وُدو باوَد

ییلہٕ وو صاحب تٕرٕ زرے دوزُخ
تیلہٕ وو تولنَ پوٗنی تہٕ پاپھ

یمَن شُرٕکین منٛز چھہٕ 'پاپھ' علاوٕ 'پوٗنی' 'تولنو' 'تولن' تہٕ 'گِہہ بار'
ہی لفظ استعمال ییدی متہٕ یم ضلع ڈوڈہٕ ہَس منٛز اٗتھی صوٗرتس تہٕ معنیَس
منٛز ورتاوس چھہٕ۔
یتھ شُرٕکس منٛز چھہٕ "پوٗنی" تہٕ "پاپھ" علاوٕ "درت" "زمینہٕ
ہندِس معنیَس منٛز ورتاونہٕ آمُت:۔
ژٕرے دِوٕ دٕرٕتھس تہٕ گرٕتھس پرٕتھ
ژٕرے دِوٕ کرٕ نٛز نَ ہُندے چھانٛچھ
ژٕرے دِوٕ ڈھٔنٛڈوٕر دِستُے وُزٕکھ
کُس چھُے پوٗنی تہٕ کُس چھُے پاپھ

حضرت شیخ العالمؒ یُس دٔرٕس صبر تلقین تہٕ جہد حیاتس متعلق
دِوان چھہٕ تتھ چھینہٕ بینٛز اکھ بیوٗن شان بہٕ

ژالُن چھے دُزلہٕ تہٕ ترٛٹے ژالُن چھے مندنین گرٛہٕ کار
ژالُن پر تبس کرنہٕ اٹے ژالُن چھُے منزاکھس ہیوٚن نار
ژالُن چھُے پان کڈن گرٛٹے ژالُن چھے کھیوٚن دیہہ تہٕ گار

ژٲنُم گنُم ژھورُم تہٕ گورُم پرزُکُژ ویہہ اہورُم مے
دُپہٕ دِلس لفظ مورُم گارا ہورُم تہٕ سوٚرُم دے

یٔمیُتھ چھُ "پربت، پہاڑکِس یا بجہِ شیلہٕ ہندِس معنیٚس منز ورتاونہٕ
آمُت ییُس لفظ کشتوارِ زبانٔ منز تہٕ رٲیج چھُ۔ یوٚتام "ویہہ" تہٕ "گار"
لفظن ہُند تعلق چھُ یتھ کنٔ چھُ یمن دوشوٚنی ہُند مطلب زہر مگر
"گار" لفظس متعلق چھُ ییوان وَننہٕ زِ یہٕ چھُ خطرناک قسمک زہر یمہٕ
باپتھ سنسکرت زبانٔ منز "گرل" لفظ چھُ۔ کشتوارِ تہٕ
بھدرواہی زبانن منز چھِ اتھ گار" یا " گرٛ" وَنان۔ یہٕ کُس قسمُک
زہر چھُ اتھ متعلق آیہٕ کمِنے لوٚکن واقفیتھ۔ حقیقتھ چھیہٕ یہٕ زِ یہٕ
زہر چھُ سرپھ زہرس ستۍ وابستہٕ تہٕ ییٚس تہٕ شخصس یہٕ زہر چھُ
ییوان دِنہٕ سہٕ چھُنہٕ امہٕ کِہ اثرٕ ستۍ یک لخت مران بلکہ یہٕ زہر چھُ وارٕ
وارٕ پنُن اثر کران تہٕ آخرس چھُ انسان اَچھ وٹان۔ لہٰذا چھُنہٕ
خطرناک قسمکس زہرس منز شُمار سپدان یمہٕ ستۍ انسان یکدم مرِ۔
اتھ مقابلہ چھُ امہٕ زہرٕ ستۍ انسانہٕ ہندی اتھ کھور ژھیتھ گژھان

تہٕ اُمی ہنز تشکل تہٕ چھیہٕ مسخ گژھان۔ یتھ کنٛہ چھُ وری وادن یہٕ تکلیف برداشت کران کران آخرس انسان رحمت حق گژھان۔ یہٕ زہر چھُ زہریلہٕ سَرُف مارنہٕ پتہٕ بناونہٕ یوان۔ طریقہٕ چھُس یہٕ زِ سَرُف مارِتھ چھُ وارِہِن دوہن لون کنُ آس کرِتھ الوند یوان تراونہٕ۔ اُمہِ ہندِس آس تلہٕ کنہِ چھُ کانہہ باہنہٕ یوان تھاونہٕ یُتھ زن لیُس تہٕ توٚن یا چربی بیترِ سَرفہٕ ہندِ آسہٕ منز نیرِ سوپید اُتھی بانس منز جمع۔ یِیلہٕ یہٕ مادٕ جمع گژھِ اَتھ چھُ یوان کانہہ موٚدُر چیز ہیتی رلاونہٕ تہٕ مطلق شخص دوہ دس بیترِ ہیتی یوان کھیون دِنہٕ۔ یِیلہٕ یہٕ پنُن اَثر چھُ ہاوان تراوُن تَس شخصہٕ ہنز۔ حالتھ چھیہٕ قابلِ رحم بنان۔ اَمی باپتھ چھُ شیخ العالمؒ ”گار“ برداشت کرنہٕ باپتھ وَدنُت تہٕ لیُس یہٕ منزل برادِ سٕہ چھُ خداصابُس آسانی سان پرٛاوان۔

وَندہٕ اَند واتتھ یِیلہِ گرٕوس گوڈنچہٕ لٹہٕ زیٚن واینہٕ چھُ نیران ضلع ڈوڈہٕ ہَس منز چھِ تتھ گونگل وَنان۔ یہٕ چھُ اکِہ قسمُک لوٚڈ دوہ یُس جتر کس رتس منز مختلف عقیدٕ تھاون والی پننہٕ پننہٕ آیہٕ مَنادان چھِ۔ اَتھ چھِ ”سونتھ“ تہٕ وَنان۔ شیخ العالمؒ چھُ یہٕ پنٕنس کلامس منز محاورٕ تہٕ علامژہٕ ہندِس معنیس منز ورتاوِمت۔ یہنز اکھ نظم ”یُس کرِ گونگل سُے کرِ کراد“ چھیہٕ کاشر زبانی ہنز اکھ مشہور نظم:۔

آدن سوَنتھ چھےُ ژین اوّل تے — برونٹھ گرٕ رٹھ مال پَننےٚ تھاو
پتھ پتۍ گرٕ ہکھ سوَنتھ چھےُ ژھل تے — یُس کرِ گو نکل سُے کرٕ کراو

"کھٕن" چھُ ہیچہٕ ہُند یا شِسترُک مضبوط کیٖل ہیوٗ آسان یُس زمینس منز اَمہٕ باپتھ چھُ پوان ٹھاسنہٕ یتھ زَن اَتھ تِتۍ چاروو بیترِ گنڈتھ ییہٕ تھاونہٕ یتھ نہٕ سہٕ ژلتھ ہیکہِ۔ اَتھ چھِ کانٛسرِ پاٹھۍ "ٹیکیٖل" یا "میخ" وَنان مگر بھدرواہی منز چھِ اَتھ "کھٕن" وَنان۔ حضرت شیخ العالمؒ چھُ یہٕ لفظ پَننِس کلامس منز تمہِ خوٗبصوٗرتی سان استعمال کوٚرمُت زِ اَمہٕ سِتۍ چھےٚ ندرت تہٕ خیال آمیزی پاداہ گامٕژ۔

رحمت محمدؐ صابنِس دِنیس — مرگہٕ وَتہٕ یمیٚ تھوو کلما تھٕن [١]

"کھٕن" لفظ چھُ شیخ العالمؒ "ڈوٚکھ" یا "بچاوکس" صوٗرتس منز استعمال کوٚرمُت "گیان" تہٕ "ویلہٕ" ہوٚبن لفظن چھُ شیخ العالمؒ یمہٕ آیہٕ گنڈ کوٚرمُت:

موٗڈس گیانٕچ کتھ توٚ ڈٲنژ زے
خرس گور دِنہٕ رادی ویل

سہٕ ویلو ویلو دو تو
یمی دوڈپےُ ژٕبتہٕ

---

١ یہٕ شُرک چھُ میٚہ نوٚرناہ پتھ منز نیوٚمُت یِیلہٕ زَن موتی لال ساقی ین کلیات شیخ العالمؒ حصہ دوٚیمس منز یہٕ یتھ کٕنۍ چھُ ترتیب دِیمُت "رحمت محمدؐ صابنِس دِنیس۔ مرنہٕ وَتہٕ تھووٗن کلما نوٗن"

## الحمدُ وقلُ اللہ التحیاتو

## ہے زُو پایُس ہیتہٕ

تہٕ یم لفظ چھ کشتوارٕ زبانٕ منز ییتھے کنۍ رائج۔
" ہکھ دِنۍ" چھ پایہٕ دِنکس" یا شور کرنکس" معنیس منز استعمال
سپدان۔ " ہکھ دِنۍ" چھ تتھ تہٕ وَنان ییلہٕ کانہہ جنگلی جانور بیتر گوپھ منز نبر
کڈنہٕ باپتھ لوکھ زلتھ شور چھ کران۔ " ہکھ" چھ وَنان تیلہٕ تہٕ ییلہٕ کانہہ مرِ۔
گامس منز ییلہٕ کانسہٕ ہندِ مرنُک اطلاع اکہٕ جایہٕ بیٹھ بیٚیس جایہٕ واتناونہٕ
باپتھ آواز چھیہٕ لوان دِنہٕ زٕ " فلانۍ شخص موٗد" تتھ تہٕ چھ" ہکھ" وَنان۔
ژھوٚٹس منز لوپہٕ تہٕ آواز لوکھ جمع کرنہٕ باپتھ دِنہٕ ییہٕ تتھ چھ" ہکھ" وَنان۔
حضرت شیخ العالمؒ" چھ قیامتُک منظر بروٗنہہ کنہٕ تھاوِتھ امی لفظُک استعمال
پجابُک دستی تہٕ فنکارانہٕ آیہٕ کران۔ یہٕ لفظ چھُنہٕ وونۍ کاشر زبانٕ منز
مروج مگر ضلع ڈوڈہس منز چھُ امیُک استعمال عام:۔

پانٕ پانٕ نگہٕ زٕ تس پیغمبرس
یہندِس دورس رحمت چھیہٕ جاری
کانٕ ییلہٕ ہکھ لگہٕ روز محشرس
تس کُن ووہمیدوار آسن ساری

زہرس چھِ کشتواڑی زبانٛی منز "وِش" یا "بِش" ونان ۔ حضرت شیخنؒ چھِ زہر باپتھ یِہٕ لفظ یِمہٕ آیہٕ استعمال کٔرمُت ؛ ۔

دِش کھیتھ بوِونہٕ زُوس تریش سَر
دِشکُ سوکھ زُوس لوٗکھ لاس ژَرے نصر
یارس تہٕ شراونس یُس زٕ چھِ لوٗرو
تَس پوہس تہٕ ماگس شُن واو

زُیُن الوبر بیترٕ زٲلِتھ یِہ باقے چھُ روزان تتھ چھِ کاشُر زبانٛی منز سٕور ونان مگر کشتواڑی تہٕ بھدرواہی زبانَن منز چھِ اَتھ "ساس"، "ساہ"، یا "سُوا" وَنان۔ دراصل چھُ یہٕ "ساس" لفظے یُس شیخ العالمؒ تہٕ پننِس کلامس منز استعمال چھُ کوٚرمُت۔

ڈمی ڈیٹھم دزِوِنی گجی
ڈمی ڈیوٹھُم دِہ نتہٕ ساس

راتھ تہٕ دوہ کَنہٕ بیٹھ بوٚرُم
اوشس ساس تہٕ سَنٛش سون

کشتواڑی تہٕ بھدرواہی پاٹھی چھِ کلس "شیر" یا "شیر"
وَنان تہٕ شیخ العالمنؒ چھُ یَتھِس کلامس منز شیر لفظٕے ورتو وُمت۔

زاڈے پُش دُلوٗ نواہ ذاتو
کھیٚیس نہٕ گرٕ گیٖنٕ تہٕ گاو
تٕ یٚیلہِ شہَن شیر ووتو
تٕ روٗہ ذاتو درینٹھ کتہٕ آو

بہٕ ژرتہٕ شیر گرٕے پارٕے
چھُہم ژرتس مٕہر بانہٕ

یتھےٚ کٔنی چھِ اَسہِ بعض شیخہٕ رحٗ ہندِس ساری ہے کلامس منز
اَسہِ جایہِ جایہِ واریاہ تِم لفظ نظرِ گژھان یِم کاشرِس منز ووٚنی نظرِ
چھےٚنہٕ گژھان مگر ڈوڈہ بھدرواہ تہٕ کشتوارکین علاقن منز چھِ
عام رائج۔ مثلن شوگہٕ (طوطہٕ) اَن (غذا) بوجن (کھیٚن) ژنی
(اژنی) گیُت (ژھیٚپتھ) لُز یا لُزلی (شرمندگی) کم (میحنت)
بگوان (خدا) دِہ (جسم) پان) گیہہ بار (گرٕ بار) لوٗب (لالچ)
وِہژار (سوچ) پوٗ (پیوٗن) اَن زل (کھیٚن چیٚن) مُکھت (آزاد)
دِہن (دوہ) درشُن (جلوٕ) رُشن (روژن) زاڈ یا زراڈ (زند

دوہل جنگل ) مِیتھر ( یار دوست ) انڈکار ( اَنہٕ گوٹ ) اَزٕگ
( دوزخ ) پُرتیٖھ ( پَرٹھ ) پوٗرش ( اِنسان ) باگ ( قِسمت )
سوندر ( خوبصورت ) پالکہٕ ( ڈولی ) نار کنگہٕ ( نار اَلاو ) پٕہ مَن
( اَندری دوند ) بیتر چھ تِم لفظ یِم کاشر زبٲنۍ منز یاتہٕ چھ
ترک پیدٕ میتۍ نتہٕ چھہٕ غار مُسلِم گرٕنے تام محدوٗد روٗدی میتۍ تہٕ
تِمن گرن منز تہٕ چھہٕ وارٕ وارٕ یِمن لفظن ہُند استعمال کم گژھان
یِمیُک خاص وجہ کاشر زبٲنۍ ہُند باقے زبانَن ستۍ لین دین چھُ ۔
کٔشیر چھیہٕ چونکہِ قدیم زمانہٕ پیٹھہٕ سیاسٹک اکھ اہم مرکز روٗزمژ
یِتہٕ زبانن ہُندلین دینہٕ موجوٗب پرانین شوٗدین کاشرین لفظن
ہنز جاے باقے زبٲنۍ منز پھہٕ اٲنی میتو لفظو رٹ ۔ یِم شوٗدی
کٲشرۍ لفظ روٗدی ضلع ڈوڈکین دوٗر دراز پہاڑی علاقن منز
صرف اَمہِ موجوٗب زِندہ تہٕ محفوظ تہٕ کیازِ یِمن علاقن منز روٗدی
قدیم زمانہٕ پیٹھہٕ غار ریاستی لُکن ہُند آمد رفت نہٕ آسنس برابر ۔

حضرت شیخ العالم رح بندس کلاس منز یِم شوٗدی کاشری
لفظ اَسہِ میلان چھ تِمیُک واحد وجہ چھُ یہِ زِ تِمہِ ساعتہٕ اوس
اسلامُک آفتابہ تازٕ تازے کٔشیر ہندین سنگرن پیٹھ طلوٗع
پیدٕمُت تہٕ بذاتہٕ خود یِتھ گرس منز حضرت شیخن رح اُچھ
آسہِ مُژ رادمژ ۔ اوس وُنی وُنی اسلام کس دائرس منز داخل
پیدٕمُت ۔ چناچہِ تمو ہنو پتہٕ کلامُک وسیلہٕ تمہِ وقتٕ رائج

عوامچ زبان تہٕ سوٕے زبان بناوٕکھ اظہارُک وسیلہٕ یَتھ پیٹھ
عربی تہٕ فارسی زبانن ہُند تیوٗت زیادٕ اَثر اوسنہٕ ۔ اَمہِ علاوٕ
چھیہٕ یہٕ تہٕ حقیقت زِ حضرت شیخ العالمؒ ہِندِس خاندانس منز
آسہے وُنہٕ تہٕ پَنٕنہٕ آبایی علاقچہِ زبانٕ ہِندِ لبہٕ لہجُک اثر موجوٗد
یُس یہنزِ شاعری منز ٹاکارٕ چھُ ۔

# بھٹ اوتار تہٕ
# باناسُر کتھا

ڈاکٹر بی ، این ، کلا

کاشُر زبان پێیہِ تھپٕہ ییٚژ پاٹھۍ ژُوٲہِمہِ صدی منز یوٚدوَے امہِ زَبانۍ ہندی اَنہٕ تار چھہِ اَبہِ لفظن تہٕ جُملن ہندِس رٗوپس منز کلہن سِنز "راج ترنگنی" منز تہٕ دریٚنٹھۍ گرنھان ۔ اَمہِ زبانۍ ہُنٛد گوڈنیُک نموٗنہٕ چھُ اَبہِ شِتہِ کنٹھُن 'مہانے پرکاش' ، میلان ییُٚس تَمہِ وقتہٕ چہِ زبانۍ یعنہٕ مُقامی زبانۍ منز لیکھنہٕ آو ۔ اَمِچ ذکر چھیٚنہٕ پانہٕ شِتہِ کنٹھن 'مہانے پرکاش' منز یِتھ پاٹھۍ کرٕمژ :-

"اہو جیت دُچتام نُمتم سروَ گوچر یا دیش بھاشا ورچیتم ایہ"

یعنے سروگوچر دیش بھاشا ، یوسہٕ تَمہِ وزِ مُروجہِ دیشی زبان آسٕ تتھ منز لیچھِتہٕ 'نتی' ہُند چھُ یہٕ گوڈنیُک پَد ۔ مگر کاشُر زبانۍ ہُند

رٔمبہٕ وُن تہٕ لوٚبہٕ دُن روٗپ چھُ اَسہِ ژوداہِمہِ صدی منٛز لَل دێدِ
ہندین واکھن یعنی واکھن تہٕ نُندہ ریشی ینٛن شُرکین منٛز لبنہٕ یوان۔
لَل دێدِ پتہٕ چھُ اَمہِ ایمک روٗپ 'باناسُرکتھایہ' منٛز میلان۔
"باناسُرکتھا" چھیہٕ بھٹ اوتارن یا اوتا بھٹن تمہِ وِزِ لیچھمٕژ ییلہٕ ییتہٕ
سلطان زین العابدینن حکومت آس۔ زین العابدین اوس پانہٕ کوٗشُر
لیکھان تہٕ تمۍ سُندِس دورس منٛز لوٗگ کاشرِ زبانۍ سیٚٹھاہ ووٚتھبوٗ۔
بڑۍ بڑۍ عالم تہٕ فاضل گیہٕ پادٕ۔ اتھ دورس منٛز تہٕ کاشرِ زبانۍ ہندۍ
وارِیاہ صِنف آیہٕ بارسس۔ تمۍ سُندِس دربارس منٛز آسۍ وارِیاہ شاعر۔
شری ورٚ، جونہ راج، نوتھ سوم، یودھ بھٹ، بھٹ اوتار بیتر۔
نوتھ سومن اوس کاشرس منٛز زینہٕ ژرِتھ لیوٗکھمُت تہٕ یودھ بھٹن
اوس اکھ ڈراما لیوٗکھمُت یتھ ناو اوس 'زین وِلاس'، تہٕ بھٹ اوتارن
آس "باناسُرکتھا" لیچھمٕژ۔ یمن تخلیقن منٛز چھیہٕ صرف "باناسُرکتھا"
بچیمٕژ۔ ممکن چھُ اتھ دورس منٛز آسہن 'دیش بھاشایہ' منٛز اَمہِ
علاوٕ تہٕ تخلیقہٕ سپدیمٕژ۔ مگر تِہُنٛز زان کاری چھنہٕ اَسہِ کینہہ۔ بڈشاہ
سُندۍ درباری شاعر جونہٕ راجن تہٕ شری ورن چھیہٕ پننہِ "راج ترنگنی"
منٛز صرف کینٛژن شاعرن ہنٛز ذکر کرمُت۔

'باناسُرکتھایہ' پتہٕ چھیہٕ اَسہِ اَتھۍ دورس منٛز زین
العابدین سُندِس نٚرِس سُلطان حسن شاہ سُندِس دورس منٛز (۱۴۸۴-
۱۴۷۲) "سوکھ دُکھ ژرِت" میلان یُس کاشرِ گنک پرٚشتن لیچھمٕژ

آبہ

چھیہ۔

اوتار بھٹ چھُ کاشُر شاعری ہند گوڈ کالک اکھ بوڈ گوݨ ہاتھ ماںݨ لوان یمی گوڈنیتھ "لوکک کاوی" یعنے لوکہ شاعری ہند دس تُل۔ تس برونہہ آس لل دیدِ تہٕ نُندہ ریشی پننی رۄحانی تجربہ کاشرس منز ڈنی متی۔ اوتار بھٹن ڈنی نہٕ رۄحانی نادی جار کینہہ تمی ڈنی 'باناسُرکتھایہ' منز لوکہ دلیل۔ اوے ووݨ تواریخ دان مُعیب الحسن پننہٕ کتابہٕ "کشمیر انڈر سلطانس" (KASHMIR UNDER THE SULTANS) منز تمی دیت کاشر زبانی گوڈنیک 'لوکک کاو' یعنے لوکہ شاعری۔

'باناسُرکتھا' چھیہ اکھ پتربندھ کاوِ، یُس ہرِ وَنش پُران کس آدارس پیٹھ لیکھنہٕ آمت چھُ۔ اَتھ منز چھُ تمہِ وقتہٕ چہ کاشر زبانی منز کم چھند یا بہر ورتاونہٕ یا لیکھنہٕ لوان آسی، یتھ تذکرہ شاعری ہند رۄپ تہٕ زبان کہٕ چالہٕ تہٕ انمانہٕ ورتاونہٕ لوان آس، امہِ شاعری کم کم رنگ تہٕ انہٕ تار ژٹی متی آسی۔ یمن ماڑنے ہنز چھیہ اَتھ منز جان پاٹھی عکاسی پیدان۔

حالانی ہنز کتھ چھیہ یہ زِ ایک نوسخہ آو نہٕ ہندوستانی ماہرن اتھ۔ جرمنی ہندس بڑس سکالرس (INDOLOGIST) جارج بوہرس چھُ یہ نوسخہ راجستھانس منز بیکانیر تمہِ ورِز اَتھ لوگمُت، ییلہ سُہ سنسکرت منوسکرپٹن ہنز تھار کران اوس۔ امہِ کتھایہ ہُند دۄیم نوسخہ چھنہٕ وُنی تانی گژھ میولمُت۔ امیک

نوسخہٕ چھُ وُنی کٔنس پوُنا بنڈارکر اورینٹل ریسرچ اِنسٹیچوٗٹس منٛز محفوظ تہٕ یہٕ چھُ شاردا رسم خطس منٛز لیکھنہٕ آمُت۔ بوٗہرن چھُ غلطی کٔرِتھ امیک ناو نوسخن ہندِس فہرستس منٛز "باناسرود " دِتمُت۔ نیلہٕ اوتار بھٹ پانٕہ کتابہِ ہندِس آخرس منٛز "باناسُر کتھا" وَنان چھُ مثلن:-

'اِتہٕ سرے سترگال پُرِیہ باناسُر کتھا سماپتا' گاتبن

تہٕ چھُ نوسخہٕ کِس بیٚٹھِمِس صفس پیٹھ فارسی زبٲنی منٛز یتھ پٲٹھی لیوکھمُت۔ 'ہکایتے باناسُر'، یِمہِ سِتۍ 'باناسُر کتھایہٕ' ہُند پوچھر چھُ پیدان۔ بوٗہرس پتہٕ چھُ سر جارج ابراہم گریرسنن تہِ "باناسرودتھ" نوسخہٕ وُچھنہٕ درے لیوکھمُت۔

'باناسُر کتھایہٕ' ہندٕن ۹۳ صفن منٛز چھِ صرف ۸۰ صفہٕ میلان۔ باقے صفہٕ چھِنہٕ ڈیٚریاب گیمٕتۍ۔ یِمَن پدن (نظمن) ہُند تعداد چھُ ۳۹۰۔ اَمہِ نوسخُک دق چھُ فارسی زبٲنی منٛز تہٕ دِنہٕ آمُت۔

اوتار بھٹ اوس زین العابدین ہندِ وقتُک اکھ بوٚڈ شاعر اَمہِ کتھہِ ہُند حوالہٕ چھُ تواریخ دان شری ور "زین راج ترنگنی" منٛز دِوان یِمہِ کِنۍ اَمہِ چھُ نتان زِ اوتار بھٹ آسہے تھدِین عالمن تہٕ شاعرن منٛز گنزراونہٕ یِوان۔ یہٕ اوس سنسکرت زبٲنۍ تہٕ فارسی زبٲنۍ ہُند بوٚڈ بارٕ عالم۔ شری ورن چھُ تس متعلق یتھ پٲٹھی وَنمُت:-

"شاہ نام دیش گرنتھا بدھ یادگہ" یعنے تمۍ اوس شاہ نام ہیو گرنتھ (کتاب) سندرٕ موٚنڈمُت۔ اَمہِ تلہٕ چھُ اَمہِ نتان

زِ اوتار بھٹن آسہن فارسی زبانٕ ہنز وارِیاہ کتابہٕ پرٛمژٕ۔ مگر سنسکرت تہٕ فارسی زبانٕ ہٕنٛد عالم تہٕ فاضل آسِتھ کرٕ تِمو "دیش بھاشایہٕ" یعنے ماجہٕ زیوِ منٛزٕ پننٕ باوتھ۔ یِمہٕ کِنہِ اَسہِ چھُ نان زِ ماجہٕ زیوٕ ہٕنٛد کوتاہ اوس تَس سرٕ ہیٕ۔ خوش قسمتی کِنہِ چھُ اوتار بھٹن پننہِ تصنیفہِ منٛز گوڈنیُتھ راجیہ۔ رِتھ تارِیخ بیترِ ہو ومُت مثلن :۔

زیٖنہِ پانٕ وِلے راجے
شُنڈونشِ ورشے کتکے
دِوسر سوتھ پوٗجِیہ تے آجیٖ
ہرونشس اندر ڈُنتھے

یعنے زین العابدین سُندِس نبرٕ راجِس منٛز یٖمِس راجیہ کران شتوہُ ڈری گامژ آسہِ۔ کارِتکس رِتس منٛز سرسوتی ہنٛز پوٗزا کرنہِ پتہٕ لیچھ میٚ یہٕ تصنیف ہرونش کِس آدرس پیٹھ۔ زین العابدینُن وقت چھُ سنہ ۱۴۲۰ء پیٹھ شروع سپدان۔ امہِ کِنہِ چھیہٕ "باناسُر کتھا" سنہ ۱۴۴۶ء منٛز لیکھنہٕ آمژٕ۔ یہٕ شاعر کرٕ زاوہٕ تہٕ کرٕ موٗد ایکُ چھُنہٕ کیہنہٕ تہٕ پتاہ۔ مگر اَمی سُنٛز زندگی ہُنٛد زیادٕ وقت آیہٕ بڈشاہ سُندِس دورس منٛز گُذریومُت۔" باناسُر کتھایہٕ منٛز چھُ شاعرن پننہِ جایہٕ ہٕنٛد حوالہٕ بتھ پاٹھی دِیتمُت :۔

' اِتہٕ ہرے سٕ گال پُریہٕ باناسُر کتھا سماپتا ' ممکن چھُ یہٕ آسہے

شاعرٕ سنز زبہٕ جاے۔ سنسکرت ادبس منز چھُ 'ہردِشیہ، دُڈی کنگ لار پرگنہٕ۔ کیشمندرن چھُ پننہِ تصنیفہٕ "لوک پرٕ کاشس" منز امہ پرگنُک تذکرٕ کوٗرمُت۔ 'سرٕ گال پُری' چھُ وُنی کینگ۔ شالہٕ پُر یا شالہ پور۔

شاعرس چھُ پننِس گورُ سند سیٹھاہ عزت او سمُت۔ گوڈٕ کتھِ منز چھُ شاعر گورس یتھٕ پاٹھی نمان:۔

" نمیت رُسے سلین آچارِس
تُہہ شاستر گنہس لش ین نیے
گیان سمُدرس متا آتہ آچارِس
اوتارے باناسُر کیے "

یعنے دارہن شاستر ن زانن وٲلس مشہور. گیانہٕ سوٗدرس، سلہن آچارِس نمسکار کرِتھ لیچھ مےٚ اوتار بھٹن" باناسُر کتھا" امہ کتابہِ علاوٕ چھنہٕ کنہِ جایہِ امس سلین آچاریہ سنز ذکر کرنہٕ آمُت۔ یمو نوقطو کنِ چھنہٕ اوتار بھٹنہِ زندگی ہند آکار ٹاکارٕ باسان کینہہ۔ صرف چھُ تمی سنز شخصیژ ہنز ژھانپھ باسان " باناسُر کتھایہ ہندیُو تمی موضوع ژور سۄ چھُ تِہندِس روٗمانی سوٗ بادس کُن اِشارٕ کران۔

باناسُر کتھا:۔ 'باناسُر کتھا' چھےٚ منز کالچہ کاشُر شاعری ہند اکھ اہم فن پارٕ۔ اَمیُک دلیل چھےٚ ہردِلش پرانہٕ، منز اَدی مرٕ ایک

اِشارٕ چھُ شاعرن یتھٕ پاٹھی کورمُت:۔

"ہرونشس اندر وٚنی تھے" یعنے یہ کتھ چھیٚ ہرونشس منز وٚنمٕژ۔ اَمہِ دٔلیل چھیٚ شاعرن برٛژ زاوی جارٕ سان وٚنمٕژ تہٕ اوتار بھٹن چھ اَتھ نوٚی DIMENSION دِژمٕژ یمہ کِنہِ یہ چھیٚ سیٹھاہ دِلکش بنیمٕژ۔ یہ پُران چھُ ترٛیمہِ صدی ہُند مانہٕ یوان۔

ہرونش پُرانس منز اَمہِ دٔلیل یتھٕ پاٹھی:۔

پتھ کالہِ چھُ دیتہٕ راج بلی سُند نیچوٚ باناسُر شو نِت پرٛک راز آسان تہٕ اَمس چھیٚ اکھ حسین کوٗریٖن ناو چھُ اُشا شری کرشنہٕ سُند زٕیٹھ نیچوٚ چھُ پردیمُن تہٕ پردیمنُ نیچوٚ چھُ انہِ رُدھس یعنے انہِ رُدھ چھُ شری کرشنہٕ سُند زُرُ آسان۔ اُشایہِ چھُ انہِ رُدھس ستہِ دِل لگان۔ سو چھیٚ انہِ رُدھنہِ خاطرٕ سیٹھاہ کرلیشان تہٕ تَس ستہِ خابس منز ژھالہٕ ماران۔ یمن دوٚن دِلن ملہٕ ناونس یعنے عاشقس تہٕ معشوقس ملہٕ ناونس منز چھیٚ اکھ اپسرا یعنے اژھرس اہم رول اداکران۔ پارٕ چھُ پاروتی یہ اُشایہِ وردان (BOON) دیتمُت آسان زِ تَس یِیہِ کھاندر انہِ رُدھس ستہِ۔ اژھرس چیٚژ لیکھا چھیٚ دارکایہِ منز انہِ رُدھس اُشایہِ ہنز دٔلیل بوزناوان تہٕ تَسنز بیقرآری ہُند حال باوان۔ انہِ رُدھ تہِ چھُ یمنہِ دِلکٔ رازٕ چیٚژ لیکھایہِ وَنان۔ آخرس چھُ دارکایہِ منز انہِ رُدھس ستہِ اُشایہِ گندرو ویدی (LOVE MARRIAGE)

کنہٕ کھاندر پیدان ۔

کینہ کال گژھی تھے چھ اَنہٕ رُدھ کھاندر کرِتھ شونٹ پرٕ گژھان تہٕ بیلہ باناسُرس کھاندرک
پتاہ چھُ لگان تُرہ چھ حارن گژھان تہٕ ہشی ژاپان تہٕ چھ تمہٕ وزیرنس فوجس حکم دِوان زِ تِہنٛدِ لڑٕواَنہٕ رُدھس
ستی ۔ لڑاے چھیہٕ زبردست پیدان ۔ بہادُر اَنہٕ رُدھس برونٛہہ کنہٕ
چھُنہٕ کانٛہہ بیاہ ڈرِتھ ہیکان ۔ تم چھہٕ تِتھی یار ترأوِتھ ژلان ۔ تم چھنہٕ
کنہٕ رنگہ اَنہٕ رُدھس پوشان ۔ آخرس چھُ پرٕتہٕ دیتہٕ راج باناسُر لڑاےیہٕ
ہندِس مأدانس منز پانہٕ تیران ۔ تِنہٕنس ڈزیرس کمبانڈس ستی وھتس
پیٹھ کھسِتھ چھُ لود کران ۔ اَنہٕ رُدھس زِٹِتھ چھُ تس ناگ پاشس
منز یعنی سرپن منز بند تھوناوان ۔ پوتُس چھُ شری کرشن تِنہٕنس
زرس اَنہٕ رُدھس مدد کرنہٕ خأطرٕ دارِکایہ پیٹھ شونٹ پرٕ گژھان ۔
تہٕ چھُ سہ باناسُرس ستی لڑاے کرِتھ تس ساسو ترُو منز صرف
زٕ ے نرٕ تھوان ، تکیازِ تس چھُ شنکرن ' ابھے دان ' دۆیمت
آسان ۔ اَنہٕ رُدھس چھُڑأوِتھ چھُ تس اُشایہ ہیتھ دارِکا نوان ۔

دارِکایہ منز چھ اَنہٕ رُدھ اُشایہ ستی سوکھہ سان زندگی گزاران ۔
یہ تأے لولہٕ ڈلیل چھیہٕ اوتار بھٹن شاعرانہٕ رنگس منز وٕنی مژ تہٕ
چھُنس "بَاناسُر کتھا" ناو تھوومُت ۔ یتھ پأٹھی چھیہٕ ووٕنی یہ دیومالأی
کتھ روٗزمژ ، بلکہ چھیہٕ یہ کأشرس ادبس منز روٗمأنی ادبچ اکھ شاہپار
بنتھ سوزُن لہٕ ہندی پأٹھی دلکش بنیمژ ۔ اَمِکی بیون بیون رس
چھہٕ اَمہٕ کِس جُملس بوش کھالان تہٕ اکھ مأرۍ موٗند بناوان ۔ اَمِکی

کینہ نموٗنہٕ چھِ یتھ پأٹھۍ:-

شنگوے بھوٚیس وِبھوس اندر
اُدیس دُیت وِشیش ژرِ تر
اُش ناو نو دیہٕ ورسوندر
بِھوشتھ چڑاے چتر

سبٕھاہ وِبھوس یعنے عأش عشرتس منز اوس بانا سُر۔ کینہ
کال گژِھتھ زاپہٕ تس کوٚرِیس اُشانا داوس۔ سو اُس سبٕھاہ سوندر
زنِ ہٕتہٕ ترِبن بوٚنَ منز۔ (ترِن دُنیہَن منز) آس سو قُدرتَن اکس
تصویرِس منز گرٛمژ تہٕ ژرٛمژ۔

اوتار بھٹس پیٹھ چھُ سنسکرت کِین شأعرن منز خاص
کرِتھ کالِداسُن سبٕھاہ سوٚن تہٕ گوٚن اثر پیومُت۔ اَوے چھُ تمۍ
تشبیہہ تہٕ استعارِ وَرتأوِتھ اُشایہِ ہندِ حُسنُک تصویر یتھ پأٹھۍ
کھیوٚنچمُت مثلن:-

یگ دِش ششہٕ آنَن گژ گامِن
پٔن بیو دھر اَرجن وَج
بریہٕ کیش سُدھے ادھر ساکامِن
ورکامن سُر لیلان نج
کرتاوت گو رُدرس نشو

## بانا سُر گایت رِدِ کام
## انجلی بھینیت سورس مشو
## وِنت نِگدِس رچیت پنام

رِمگ دِش۔ ہرنس ہِش لیس اُچھ آسہٕ رشتہٕ آنن —

ژنٛدرس ہیوٚیَس سوندر بُتھ اوس۔ نٕچ گامن۔ ہتہٕ ہندی پاٹھی یوسہٕ نسی منز لِکان آس۔ ہِین ہیوٚ دَھر یَس سینہٕ کیٚہ موٚڈٕ تہٕ دِرِڈٕ آسی۔ اُرِجن وَج فولادکی پاٹھی بیٚنہٕ دٕری آسی۔ بَریہٕ کیٚش۔ موربِکھن ہندی پاٹھی یَس مس لٹھ اوس۔ سُدھے ادھر۔ یَندی دُرٕٹھ امرتکی پاٹھی میٹھ آسی۔ دِرکامن۔ یُسند حُسن سارِنے تبلاوان اوس یا یوسہٕ مدنس ژھانڈان واجنی آس یُسر پیلان مج۔ یوسہٕ دیوتاہَن ہنز لیلا کران آس۔

کرتاوت۔ کرتامتھ گوو۔ رُدرس نِشو۔ شنکرس نِش۔ بانا سُر رِد کام۔ بانا سُر منٛز کامن پوٗر کرنہٕ خاطر یا سوکھ سمیرا حاصل کرنہٕ خاطر۔ انجلی بھینیت۔ گلی گنڈِتھ۔ وِنت۔ وِنتی کُرنس لیتے زاہ پار کوٚرنس رچیت پنام۔ نمسکار کرِتھ کُرنس وِنتی تہٕ نِگدِس۔ ووٚنتس۔

اُشاہ ہندِس پرِمس منز مست اَنہٕ رُدھس نیلہٕ بانا سُرن فوج گیر کران چھُ تہٕ چھُ مست ہتہٕ ہندی پاٹھی فوجَس ستی لڑنہٕ خاطر ہتھیار وَرلے تیران تہٕ اُشا چھینہٕ پان ماران تہٕ تس لڑاے نہٕ کرنہٕ خاطر رُکاوان تہٕ چھس یتھ پاٹھی وَنان تہٕ لالہٕ زار کران:۔

چھونات از ناکر سمیت اِنے مارنے
کٹشنے پاش مُجرا پیاما گرٹھ مارنے
ژاک اشر ناکارِ تے کوچ کان دارنے
اپن یودھ کُجر پیاما گرٹھ مارنے

ہے اِنہ رُدھ ! لڑاپہ ہند آلو بوُزِتھ بہ تیر لڑاپہ خاطرِ تکیاز یُہند فوج (باناسوُرن) ماری ژرِیہ۔ بہ دِمہ ہٹس پھاُنسی ووٗنی۔ میانہ جگر کھانٹیا! مہ گرٹھ لڑاپہ۔ ژ کیاہ کرکھ اکِ ہتی یارِ ستِے۔ تمن چھ داریاہ ہتی یارِ تیر کمان۔ کوژ ( ) بیترِ۔ یمَن ستِے کُس ہیکہ لڑاے کرِتھ۔ ہیوٗٹاٹھیا مَتہ گرٹھتہ مارِ بہ مو کھ لڑاے کرِنہ۔

اَتھ منز چھُ 'پیاما گرٹھ مارنے' اَتھ پدس یعنے بندس چھِ ز معنے۔ یعنے یہ چھُ اَتھ شاعرن شلیش النکارس منز ووٗمُت۔ شلیش النکار گو وُ سہ یُتھ ز معنے آسَن اَتھ چھِ انگریزی پاٹھی وَنان ( PUN ) مثلن ا۔

پیاما گرٹھ مارنے۔ گو ہیوٗٹا ٹھیا۔ ژ ما گرٹھ مارِ بہ خاطرِ۔ بیاکھ مطلب چھُس یِتھ پاٹھی:۔ 'ما گرٹھ رنے' یعنے لڑاپہ مہ گرٹھ۔ یہ پد چھُ بانا سُرکتھاپہ منز سیٹھاہ تاری موٗند۔

یِیلہ اُشا بٔنس موٗنس اِنہ رُدھس رُکاوٹھ چھِنہ ہکان تہ لڑاپہ منز چھُ سہ باناسُرہ نِن سپاہن چھوکِ لہ کرِتھ یا مارِتھ واپس یوان تہ اُشا پہ ہندِس دِلس منز چھیہ خوشی ہنز لہر دوران۔ سو

چھِنہ وہرِژان تہٕ چھِیہٕ ہیٚنگ موٚخہٕ تار ژِٹھہٕ پنٕنِس دِلبرس تراوان تہٕ
کوٚسم ہُرِن ہیوٚن کوٗل زرِن منٛز تس نالہٕ مَتہٕ رٹان ۔ یوٚہے عشقہٕ نار
چھُ یتھ پدس منٛز شاعرن یتھہٕ پاٹھۍ بوومُت :-

اُتہٕ چترِ وۍ ژٹیتٕت گلہار مَتہٕ مُرٕ
دِتس آلویت برٕ تار یہ نتہٕ کرنے
بُجھ یگ نال بنیت تار شٹھو کُمبُرٕ ۔

اُتہٕ ییلہٕ سوٚنِس منٛز اَنہٕ رُدھس وُچھان چھِیہٕ تمۍ سُند روٗپ یعنے
تَمِنٛز شکل چھِیہٕ اُتہٕ اَمرِتہٕ ژٔرِس ہِش میٹھ باسان مثلن :-

بُے بور دَے زن اَمرِت گھٹا ،

اُتہٕ اَس محبوب ہندِن ژھایِن تہٕ گرایِن پتہٕ برونٛٹھ وُچھان ۔
تَہندۍ ژھایہٕ گیتۍ اَسِس ژوٚ پاری باسان ۔ اَنہٕ رُدھ اوس تیوٚت ۔
حسین یپارِ یُس نظر تراوان اوس تیٚپاری آے بمپوشے بمپوشس
پھولان باسان ۔ بمپوشس وُچھتھ چھُ انٛس شینٛہار ہیوان
تہٕ دِلس سکوٗن لبان ۔ ژندرمہٕ یتھ پاٹھۍ بمپوشن پھولراوان چھُ تیتھے
پاٹھۍ اَس تَمِنٛز نظر بمپوشن پھولراوان مثلن :-

کھلے اکھلے رژوٗ شوبھالے رچن کار دِشو کھلے اِکھلے ۔۔

اُتہٕ یہ ہند عاشق اَسِتھ تہٕ چھُ اَنہٕ رُدھ لڑایہٕ ہندِس مادانس منٛز
وُتن ہنٛدٕ فرض مانان تہٕ چھُ نتھی یار و ابار اَسِتھ تہٕ لڑاے کران ۔

لڑایہ ہُند آلو بوزِتھ چھُنہٕ اَنہٕ زُدھ ژھوپہٕ دم کرِتھ روزُن یُژھان۔ سہٕ چھُ سونچان زِ تِیلہٕ چھُ میون یادو کوٗس یعنے خاندانُک منز زلیوان فضوٗل تہٕ پریم کِس زالس منز۔ ولہٕ یُن تہٕ چھُنہٕ وُنی کینہہ مُناسب کیہنہ۔ اَمِچ باوتھ چھیہٕ یتھ پدس (VERSE) منز۔

دِھک میاَنِس یادو جِس

وننہٕ اچامچ کچان

یُدھ کرانمیت سوکھس

اُشے اتھ چھون ایہ تھان

راکھس دِیتھ یاتھ اَسی لڑایہ منز ژلان تہٕ کریکہٕ دِوان اَیکُ تصوٗیر چھُ یتھ پاٹھٕ :۔

چلے ناد رچیت ترٛاویت رَتھ گوڑے ترشیکش

شوٗ کورچ جانہٕ باندھ کرتے نانا شر بھیے کرا

بھڈے بھارو دین پرژوان گئے اَشین یُدھ پنا

یَیلہٕ ژاے وُنان گُمان مہاویر یندر نشے پنا

راکھس ژُلارتھ، گرٛی، کوژ، بیتر خوفناک ہتھیار ترٛاوِتھ تہٕ ژایہ جنگلکین گوبھَن منز۔ یَیلہٕ تم بنیہٕ لڑاے کرنہٕ آیہ تہٕ تمہ مہاویر یندرن یعنے بلہٕ ویرن مارِ تم بنیہٕ تہٕ۔

اکِ لڈِ چھُ امن پسند وزیر کُمبانڈ گھنڈی رازس یعنے بانا سورس نصیحت کران وُنان۔ ہے بانا سور! لڑاے کرنی چھیَنہٕ

جان کیہنہ تکیاز لڑایہ ییتہِ مژن لچھ بدٕ یہ گوناہ اِنسان۔ مگر اَتہٕ پننہِ خاطرٕ تہٕ لوکن ہند خاطرٕ وِناش منگھ۔ یعنی لوکن ہند مژن مگر کانچھہٕ زبہٕ ونہٕ ادر پدر کیہنہ۔ اَمہ کِتھ ہیز باوتھ چھیہٕ ییتھٕ پاٹھۍ:۔

شنیت ونو کھباندڑے بانس
اونت منگیت کیت وِناش
یودھ مہادُس اے پانس
چل ژٕل دلیا اپہ وژن مہ بھاش

بانا سُر کتھا یہٕ منز چھہِ شاعرن سنسکرتکو تہٕ کاشرِ چھندو ورتاوِ کٔرمتۍ۔ سنسکرت چھندن منز چھہِ۔ مالنی۔ مندا کرانتا۔ سرگدھرا۔ تہٕ میوٗر۔ شاردوٗل وکرٕی۔ درُت وِلمبت ۔ پرہرشنی۔ توٹک تہٕ مدھیا۔ پُشپتا گرا۔ ہرِنی بیترِ۔ کاشرِن چھندن منز چھہِ کھددو۔ چھرو۔ ڈکٹکا۔ کڈو کرٹیا۔ کھدو بہرس اسہن اَمہِ کنہِ کھدو ونان تکیاز یہ بہر چھہ تھد لوان پرنہٕ۔ اد تار بھبٹس پتہٕ ورتاوٕنہٕ یم بہر کائنہ تہٕ۔

لوّت تانۍ "بانا سُر کتھا یہٕ" ہند تعلق چھُ اَتھ منز چھہ اَسہ سنسکرتکو تتسم تہٕ ارد تتسم علاوٕ پراکرتکو تہٕ اپھبرنشس زبانۍ ہندۍ بیون بیون روٗپ میلان یم لسانیاتی زادی جارس تہٕ کاشرِ زبانۍ ہندِن الگ الگ دورن ہنز نشاندہی کران چھہ۔ اَمہِ علاوٕ چھہ اَتھ منز دیسی لفظ تہٕ استعمال یدہ کٔرمتۍ مثلن:۔ ٹنگ، پرلچھ، ٹنبج، سُچانی، شیوٗریت، پھروس بیترِ۔ کامہ زبانۍ ہندۍ

لفظ چھِ یِتھ پاٹھی :۔ کوٗر، پڑاڑ، کھاڑیت بیترِ۔ یِتھ پاٹھی چھیٚہ "باناسُگنھا" کاشرِس ادبس منز روٗمانی ادبٕچ مولادار تہٕ چھیٚہ لسانیاتی دورکین گوشن گاشراوان تہٕ چھیٚہ ہنز تابعدار ۔

# کتاب نامہ


1. KASHMIR UNDER THE SULTANS :

MOHIB-UL-HASAN

2. زین راجترنگنی : ایڈیٹر :۔ شری کنٹھ کول

3. ہرونش پران :۔ ایڈیٹر :۔ پنڈت شری رام شرما آچاریہ

4. STUDIES IN KASHMIRI : J.L KOUL

5. KSHAMENDRA'S LOKAPRAKASHA

EDITED BY PRO. J.D ZADOO

6. A COMPARATIVE STUDY OF KASHMIRI AND SANSKRIT LANGUAGES (UNPUBLISHED THESIS OF . DR. B.N. KALLA)

# مہجورنہٕ شاعری منز تغزُل

رحمٰن راہی

تغزُل چھُ سانہٕ ادبی تنقیدُک اکھ سٕتھٕے مُبہم اصطلاح تہٕ محض امکہٕ
تہُلہٕ کنہٕ ادبی تخلیقہٕ مُتعلق کانہہ سنجیدہٕ تہٕ صٔریح کتھ باتھ کرٕنۍ چھےٚ تقریبن
ناممکن سپدان۔ لوغوی اعتبارٕ چھُ تغزُلس شارٕ صنفو منز غزلےٚ سےٚ لوت
سٕتۍ واٹھ۔ ویسے تہٕ چھُ یہ اصطلاح لیسٕلہٕ پاٹھۍ غزلس مُتعلق بحثس
منزٕ ورتاونہٕ یوان آمُت۔ پۆز دِقت چھےٚ یہ زِ تغزُل کہٕ
حوالہٕ غزلہٕ چَن یمن خصوصیژن لکھ داد دِوان آمتۍ چھہٕ تمہٕ چھےٚ
غزلہٕ علاوٕ دۆیمین شارٕ صنفن منز تہٕ جایہٕ جایہٕ نظر گژھان ؛
مثالے اندروۆن، یانہٕ باوَتھ، تخیُلٕکہٕ توسُلہٕ جذبک تہٕ ویژارک
رَل، رَمز تہٕ ایما، ژھوپر، گجرٕ تہٕ سازُت بیترِ۔ کتھ چھنہٕ شاعری

تاہے محدوٗد۔ یہ قسمچہ بیشتر خصوٗصیژ ہیکو کھ بعضے نثری تخلیقن منز
تہٕ لبنہٕ۔ اوکنۍ چھُ امہٕ گاچہٕ بےٚ تخصص تنقیدک موٗل تہٕ مٕژ یہ آسان زٕ
مثالے ڈاکٹر یوسف حسین خان، ہوٚن صاحبؠ ذوق حضراتن ہنٛد باپتھ
تہٕ چھُ ادبی تنقید ابہام و تفہیم کِس اولمِس سوٚتھرس پیٹھ تہٕ یہ ڈٔلۍ نہٕ تہٕ لطرٕن
پٔنٛنۍ تے پسند یَن پینٛہٕ اَکِس حدس تام اَندرٕ روٗاسی (SUBJECTIVE
ڈایرس منز شرہ کان۔

فارسی، اُردوٗ تہٕ کأشر تنقیدکس توأریخس منز چھُ یُس سون
ہمکال شمس الرحمان فاروقی یمہٕ غزلہٕچن واقعی پھیرہاو خصوٗصیژن ہنٛز
نشاندہی کران تغزلکِس اصطلاحس واریاہ کالہٕ پتہٕ تمیک مخصوص
معنہٕ تہٕ پرزنتھ عطا کرمٕژ چھیہٕ، یہ ونتھ زِ لسانی تہٕ صوتی اعتبارٕ
کنۍ ژھ نیرل خصوٗصیژو علاوہ چھ غزلس اولمی تہٕ انتہی ترئیہ پرزناون
نشانہٕ: داخلیت، غار واقعیت تہٕ بلواسطگی۔ اما پوٚز اَسہٕ ژلہٕ نہٕ امہٕ
ٹاکارٕ بیانہٕ نتہٕ تہٕ ژٕڈ، تکیاز سون تفویض شدہ موضوع سوٗن چھُنہٕ کانہہ
میر تہٕ سوٗدا یا غالب تہٕ اقبال بلکہ کأشر زبأنۍ ہنٛد شاعر غلام احمد مہجور
زٕ یِنٛد کلامُک سیٹھاہ حصہٕ یوٚدوے ترٛژھن منظومن پیٹھ مشتمل
چھُ یمہٕ ظأہری شکلہٕ صوٗرژ کنۍ غزل ہشہٕ باسان چھیہٕ، مگر یِنٛدی واریاہ
غزل یا تہٕ عنوانہٕ ورأے نظمہٕ چھیہٕ یا یمہٕ ہنٛزٕ کنہ کلامہٕ، اشارٕ
اطوارٕ تہٕ تلمیزاو کنۍ غزلچ تہٕ لولہٕ وژنچ ہلہٕ مش باسان چھیہٕ، تہٕ

تس نش چھُنہٕ تِھہن شارن ہُند تعداد تیوٗت زیادٕ ییُتھ غزلُک منفرد رٗوح
سٔنتھ شر بیپتھ آسہِ۔

لولہٕ وژُن چھُ کاشر زبٲنی ہنز اکھ سیٹھاہ وین شار صنف
یوسہٕ بیٚنہٕ بہترین صوٗرژ منز مُشتمل چھیہ آسان گیتہٕ کِس جذبل مگر لوتوے
تہٕ نرم سازٕ نِش تہٕ جذباتن ہنز بےتکلف باوژ ییتھ تہٕ ییتھ منز نظمہٕ ہند
ہیوٗ موضوعہ تسلسُل، غزلہٕ ہِشتھ رمزیتھ تہٕ ایمابیتھ آسان چھیہ۔ یزر
چھُ یہ زِ مہجورَس نِش چھُ اَسہِ باس لگان زِ سُہ چھُ یتہٕ نِس پیشرو رسوٗل
میرَس نِش فیضان پرٲوِتھ گوڈنچہ لٹہٕ کاشرِس منز اکھ تیُتھ غزل تخلیق
کرنچ کوشش کران یُس زبٲنی ہنز جدلیژ تہٕ تخیُلکہ تحرکہ کنی اکہ
اندر رسوٗل میرس لتہٕ اکھ قدم برونہہ کُن باسہٕ ہے تہٕ بیٚیہ اندٕ گویا
مرزا سوداہ ہندِ کھوتہٕ زیادٕ میر تقی سُند ہم مزاز آسہٕ ہے۔

یم واقعات نظرِ تل تھاوِتھ ہیکہ مہجورنہٕ شاعریہ منز
تغزلہٕ کہٕ عنوانہٕ سٲنی کتھ باتھ شار صنفن ہند کُنہٕ تخصیصہٕ ورٲے
محض اکھ عموٗمی نوعیژ ہنزے کتھ باتھ اُستھ۔ ڈٔن گوو یہن
یہ کوشش کرنہٕ زِ مہجورنہٕ شاعریہ منز موجوٗد کیٚنژن ترژھن
خصوصیژن ہنز سپد نشاندہی یمہٕ غزلس منز تہٕ لیلہٕ باٹھ جاے
رٹان باسان چھیہ۔

کُنہٕ شارہٕ تجربس متعلق ییلہ داخلی تہٕ خارجی ہوون پھر
ہاوکُن ہنز ذکر پدان چھیہ تمہ ساعتہٕ چھُنہٕ مطلب کُنہٕ قسمکی

آب بند علاقہٕ قایم کرٕنۍ آسان تِکیازِ تجربچ جدلیاتی فطرتھ تہٕ تلِ تھاوِتھ
چھُنہٕ اَندرِ مِہ تہٕ نیبرِ مہچہ باہمی اثراندازی تہٕ اثرپذیری یِہ نکار کرُن ممکن۔
یتھ گوو کانٛہ شاعرس داخلی یا اَندرٕ وٲسی وَنہٕ تِلہٕ چھُ مراد آسان زِ یتھ
ہیوٗ شاعر چھُ کُنہٕ تہٕ تجربس خارجی چیزو یا حقیقتو بجایہٕ پننی ذاتہٕ
ہنٛدِ حوالہٕ زیبان پرکھان۔ مہجورس نِش چھِ اَسہِ دوشوٚنی ذٲژن ہنٛدی
تجربہٕ میلان۔ تِہنٛدِس کُلیاتس منٛز چھِ گروٗہ بٔندیہِ ہنٛدی زِ اصطلاح
نظرِ گژھان: کلام تہٕ پیام، یِم داخلی تہٕ خارجی وچھِنہٕ ترالیو موٚکوب
تِہنٛدِ ین تجربن ہنٛز حاوی کیفیژ ہنٛدی اشارٕ بنان چھ۔ "پیام" وٲلِس
حصس منٛز چھیہٕ زیادٕ پہن مہجورنی وطنی تہٕ سیاسی شاعری شامل، یێلہِ زن
"کلام" والہِ حصک غالب موضوع لولہٕ جذباتھ تہٕ وارداتھ چھِ تہٕ
بیئیہٕ شاعر ہنٛدِس احساسہٕ اٚنس منٛز قدرتہٕ کین کینژن مظہرن ہنٛدی عکس۔

لولہٕ جذباتن تہٕ وارداتن ستیٖ واٹھ تھاوَن واجِنہٕ مہجورنہٕ
شاعری ہنٛز زِ خصوصیتہٕ چھیہٕ گوڈنچی نظرِ توجہس لوٚچین لمان: یِدن
سادن لولہٕ جذبن ہنٛز ہاو باو تہٕ تنگری ورای باوتھ یتھ لفظن
تہٕ لہجہٕ نرمی لرِ لوٚر آسان چھیہٕ تہٕ وزنک تہٕ آہنگک لوتوے
سازِت۔ یِم دوشوے چیز چھ "کلام" مہجورس منٛز شامل بیشتر
غزلن بلکہ نظمن تام لولہٕ وژنک مزاز عطا کران۔ اَتھ ضمنس منٛز
چھیہٕ یہ کتھ خاص کرٕتھ توجہس لایق باسان زِ مہجور اوس پننہِ شاعری
کُنہٕ برنہٕ ینہٕ والہٕ چیز کھوتہٕ زیادٕ اکھ گیونہٕ ینہٕ وول چیز زانان۔

یژھ شاعرِیہ منز چھےٚ تجربٕچ کمٕ وٕڑاری جذباتٕچ نوعیت، زبانی ہنز اَنگنگری تہٕ بیٚہ تکلفی، لبہٕ لہجٕچ نرمی تہٕ سرصدٕہک ترنم نمایاں باسان۔ مہجورن عشق چھ بسا اوقات اکھ تازٕ بالیغ عشق باسان زِیتھ منز وٕڑارٕ تہٕ تخیلٕ کھوتہٕ زیادٕ چھٕہج باسیچ تہٕ اماہرٕچ فراوانی آسان چھےٚ، لیس لورٕکی پاٹھی پھولان تہٕ پوشکی پاٹھی سوسنان چھُ تہٕ بُلبلٕہ ہندی پاٹھی پچان تہٕ نالان چھُ۔ یُوہے وجہ چھُ زٕ مہجورنس لولہٕ بیاتس منز چھےٚ سوتڑ کتھ خال خاے میلان یوسہ بقولِ غالب غمکی سوزن پرورد کرمٕش آسان چھےٚ۔ یژھ شاعرِیہ منز ہرگاہ نہٕ غزلس ستی مخصوص غار واقعیٚژر تہٕ بلواسطگیہ ہنز حکمرانی باسان چھےٚ گمر تژھ کینہہ خصوصیٚژ چھےٚ ستمان یمن کُنُ انگریزی اصطلاح لرِیسزم یعنے نغمٔگیتیت اِشارٕ کران چھےٚ:

| | |
|---|---|
| از روز سانے | دلبر میانے |
| بوز نٕند بانے | دِلبر میانے |
| خان یارٕ آدِم | کھانٕس برٕناوِم |
| ہاوسہ چانے | دلبر میانے |
| ساتھاژ روز تو | دِلہٕ زار بوز تو |
| شُلہٕ پدمانے | دلبر میانے |
| بُلبلہٕ نٕند عذاب | لولُک اضطراب |

گُل گیاہ زانَے　　　دلبر میلَنے

لولہٕ ہوٗت میون پان　　　یوٗد گرٛژھہِ پرٛانان

لول ما پژلانَے　　　دلبر میانَے

اندرٕ وٲسی شاعرِیہ بایِتھ چھیٚیہٕ لفظن ہِنز کینہہ صوٗتی خصوٗصیژ خاص کرِتھ اہم باسان۔ چنانچہِ غزل گو شاعرن منز (یمن باسیٚ یہِ تم کنہٕ تہٕ زبانی رِتی والبتہٕ آسن) چھیٚیہٕ یِہ ترٛاے عام زِ تِتھین لفظن تہٕ ترکیبن گرٛژھہٕ گوڈٕ الواری دِنہٕ یِنہِ یِم ARTICULATION یعنے تلفیظہٕ کِنہِ سہل پاٹھی ادا سپدن والی آسن۔ مہجورس متعلق چھُ مشہور زِ سُہ اوس یِنہِ کانہہ تہٕ نغماتی تخلیق شایع کرنہٕ برونہہ گوڈٕ پانس خاص گیون والیٚن اَتھِ گیوناوان تہٕ ہرگاہ کُنہِ کانہہ گو بِبر باسان اوس سُہ اوس دوٗر کران۔ اَتھ کوٗششہِ دوران چھیٚیہٕ مہجورن پانس برونٛہہِ یمن شاعرن ہنز سنسکرت شعارِیہ تہٕ فارسی پسندِیہ لِشہِ اُدٕ لیٚتاہ پِلیٚس تہٕ تیٚتاہ دوٗل دوٗر ژٹھِتھ اکھ معتدِل، ملایم تہٕ میٹھ زبان ورتاوٕمژ۔ حالانکہِ شعوٗری سوٗتھرس پیٹھ اوس سُہ بعضے شوٗد تہٕ چھُ کاشُر لکھنچہِ گوڈٕ تہٕ گرژھان یتھ کنہِ سُہ سنسکرت تہٕ فارسی زبانَن ہندِ لوٗتمو نہانخانو لشہِ دوٗر لوٚیم کانہٕ بیٚیس شاعرٕ سندِ بالاوٕرٕ و تخیلہٕ بایِتھ زیاد کُشادٕ فضا تہٕ باوٕژ ہنز نِرلتایہِ بایِتھ زیادٕ اثر دار وسیلہٕ موٗہیا ہیکہٕ ہن کرِتھ۔ یہِ یُتھاز

دل میون تھوٚ ی تون منز پھوٗلدانَے　　　یہِ پلیوسوٗنبلستانَن منز

تہٕ لولہٕ وارِی داتھ "صاف تہٕ سر بَسر" بیان کرنک تٕنٛد شوق چھُ تہٕنٛدِ طرزِ بیانچہِ حاوی نوٗعیتس ہنٛز تخصیص کران۔

دلدار دما روز بہٕ عشقٕنی سفر وَنے
نٔژ پاٹھو وَنے، صاف ونے، سر بسر وَنے

تتھی کیٖتھ لولہٕ وَژٕن تہٕ غزل چھِ کلام مہجورٕکی وَسٕ تہٕ وُجہرٕ یمن منٛز تحریکٕ سٕنزِ، جذباتن ہنٛدِ بکہٕ تہٕ شوزٕر بیانٛچ بلاواسطگی یعنے پٔژرت تہٕ سرصَد ہیچ لطافت اکھ اکس سٟتی رَلٕ یِتھ دِلپذیر جذبل نغمن زنم دِوان چھ یِمو منٛز اکٕشرٕن منٛز اکِہ تازٕ بالیغ لولچ زنگ تہٕ تیٚہہ تہٕ تمہِ کٔے وُژٕن حد تہٕ محسوٗس یدان چھُ:

روز روز بوزِ میانٛی زار یَدٕ نو
لولہٕ چانہٕ چھُس بیمار یَدٕ نو
ژٕے میون غمخوار ژٕے میون ستمگار
ژٕے چھُکھ تہٕ ژٕے ہا بُلغار یَدٕ نو
نظرٕ چانہٕ سٟتی بیمار بلیس کیتھ
میانہٕ وِز لوگتھ بے آرٕ یَدٕ نو

---

شامن اَنیوم سالے، کوٗرمس میہٕ دل حوالے
پھیرکھ نہٕ دراد کالے، بٔنیہٕ آم لول، یِیہٕ کر

---

[۱] اتھ لفظس چھُ "عار" لیکھُن غلط۔

چانہٕ درشنہٕ اَتھ نشاطس لٔج پھُلے، پھوٚج شالہٕ مار
پوشہٕ مَتہٕ بیٚیہ ترٛٮِ۪زہے ڈل، سر لبَر آپرِ زہے

---

یوٚدشہ دِلبر مَرشہ ترأوِتھ سیوٚد میہٕ کُن کرِہے نظر
شہٕ اونَس زن ہی بہٕ پھولہٕ ہا، یاونس ژھوہ ماہ ہا

---

کامہٕ دِوکر سال ڈل، بوزُم شبَس ترِتیل بل
درشنَس آبَس اندر پمپوش لأگتھ بہٕ ژہ ہا

---

ہا گُلو توہہٕ ماسا وُچھِوَن یار میون
بُلبلو! تُہیٕ ژھارٮِ۪ تون دلدار میون

دُنی دِوان لوٚتھ، پرژھوم یِمبرزلن
"توہہٕ کیٚنہٕ ماسا آوشہ جودوگار میون؟"

"ہیہ پوشکِ پاکھٹی گزأرِم زندگی" تجربہٕ کہٕ اَمہٕ سٕنزہٕ باوِ جوٚدیلہٕ تہٕ مہجوٗرنِس حسنہٕ بیانَس تہٕ لولہٕ باوژ منز شبیہہ تہٕ استعارہٕ معنے آفرینیہ باپتھ پرواز نَکُن، ہوان چھِ نوٚی وچھن وَتھ (PERSPECTIVES) تہٕ نوٚ دِشاہہٕ چھیٚیہٕ دیدمان سپدان۔ مہجوٗرن چھُ پنہٕ نِس اوسلوٗبس منز گاہ گاہ جاے سٕثرن واجنہٕ بلواسطگیہ یعنے اَبیدٕ رِس کُن پانہٕ تہٕ اشارہٕ کوٚرمُت:

باغس اندرۍ نان چھُس احوالِ دِل گولابس
کوٚزانہٕ روبروتس وۍ نس میٚہ وار آسِیا

یِژهن وِزن چھُ تخیُل، صوٗرتِ حال تہٕ منظر چہِ بازآفرینیہٕ ہِنٛد
ذٔرِیہٕ نتھِن دُنیہٕن نقاب بُتھِ پیٹھٕ تُلان یِم زلوان تہٕ چھِ شاعرٕ سٕنٛز
ذاتُژ منٛز نگر تمہِ ذاتُژ نشہٕ بدوٗن چھُ تمن پنُن اکھ خودموختار وجوٗد
آسان۔ یِژهہ تشبیہہ چھِنہٕ صرف ڈرامائی جاے حرکژٕل آسان بلکہ
چھُ تمن منٛز کینژھا ڈٔلیلہِ چالہِ ہیوٗ طلِسماتھ تہٕ کینژھا اوٚسطوٗرن ہِنٛد
ہیوٗ کٔتاشُت ژھمبرِ پلہٕ وان:

واش پٔلہِ کوٚڈ تمیٚ زُلفِ پیچانن
گاش رۆد ژۆرِ دُردانن منٛز
مُشک دار واوژاو منٛز گُلستانن
جاے تمیٚ رٹ پرِستانن منٛز

---

واو ضُبحک سُلہِ اوس لاراں
تنبہ لیومُت کتام ژهاراں
خندٕ پوشو کرِس جایہ جایے

---

پھرِ پھرِ میٚہ وُچھو مارٕمتی سٕنٛز براٚنٛز لوشن کُن

گُل آسی خاموش، بُلبلو دوٚپ: "فِتنہٕ مہ وُزناو!"

واو سونتُک پوشہٕ وٚتھرن باغہٕ کین چھکراں ژوٚ پور
کامہٕ دِو ییہٕ شامہٕ پتہٕ، سُلہٕ باگراوِکھ اِشتہار

شامہٕ ژھایے واو گرایے پوشہٕ وٚتھرا پیوٚ پتھ
پان زِندے زالنُک ووٚت پونپرِس پرواہٕ چون

مہجوٗرنین بہترین لولہٕ تخلیقن منز چھُ اَکس تتھِس مَنشِس سُند تجربہ
پیش سپدان یُس تنہا زندگی بسر کران چھُ تہٕ خالِص جذباتی سوٚکھرِس پیٹھ:
اوٚش گوم جاری یام ژرٕنتَس بیوم سۄ جانان
بیوٚٹھ ناوِ اندر یانہٕ، میہٕ سیلاب اُنتھ گوو

ژرٕیہٕ روٚس آرولِ دوہ گذارِم کنڈین پیٹھ
ڈٔرِس ۂردِ برٕژہ نہ دردٕکے آمہٕ تاوے

تنہائی ہُند یہ عالم اگرچہ عاشقس مجبوٗبہٕ سنز چھُہَل نیزکی
ہندِ ترٕژرِ تہٕ مٔژرِ نِشہ دوٗرِ راوان چھُ مگر تتھ بدلہٕ چھُس تخیلُک
تحرِیک عطا کران ییمہٕ کِنہٕ بٔرکتہٕ تمس مجبوٗبہٕ سندِ جسمہٕ نِشہ

ڈ٘لِتھ پننہٕ الگ ہیٚن وجوٗدُک احساس سپدُن ہیوان چھُ۔

کامہٕ دِو کرِ ساسٕل ڈ٘ل لوٗزِم شبَس ترٕتیل بل
درشنَس آبَس اندر ہمپوش لاگِتھ پرٛاپہٕ لٕل

کُجا سہٕ جسمٲنی صوٗرتِ حال زِ کیچھ کٔٹھ اَچھ دارٕ روزٕے "پارٲوِتھ" یا "زٲرِ اوس تہٕ لرِ پان ساوس" تہٕ کُجا آبَس اندر ہمپوش لاگِتھ درشنَس پرٛاوُنُک تصور۔ یِی گو وجدٕکِس تخلیقی پرتوَس پینُک سلسلہٕ شروع سپدُن تہٕ لولہٕ وژنُک حقیقی غرض کُن قدم تراوُن ہیوٚن۔ اَتھ سلسلس منز چھُ حُسنَس متعلق مہجوٗرُن مخصوص واتینار (APPROACH) وُچھُن لایق۔ محبوبہٕ ہندِس حُسنَس تعریف کرٕنی چھُ غزلکِس موضوٗعس منز شٲمِل روٗدمُت۔ رسول میر ییلہٕ اَتھ موضوٗعس پننہٕ جذبٕچ شدت تہٕ بیانُک جوٗدتھ عطا کران چھُ آدم مرٕ چھِیہٕ یادیٚخ آتش بازی وُچھان شولان تہٕ مارٕی منترُک بہار پھوٚلِتھ لیوان:

چھُ شرٛاوَن ہیٚہٕ چھاوُن ناپہٕ اہار
سو یاوَن مٔژ چھیٚیہ پیرِتھ جامہٕ چھیٚتی یے

وَنجر بمہٕ نے شمشیر دارن، کمہٕ شیر سردارن
خنجر نستے پھش کیا تیز اوس، ڈٲشتھ گوو کھش مے

باسان چھُ مہجوٗرن اوس ژٕلوٚمُت زِ لوٚتامتھ ظٲہری حُسن بیان کرُنُک

معاملہ چھُ تتھٕ منٛز ہیٚنکہٕ پٔزٕ رسول میرس ستۍ مان کرٕنۍ تہٕ شاید چھُ سُہ توے رکھ پیٚٹھٕ نس غزلس منٛز سراپا نگاری یہٕ نٔنہٕ اُتھ واہر واہر ییٚتھ رٔٹان باسان تہٕ معشوقہٕ ہند نیٚبرٕ ی خولہٕ خط تہٕ وٕ ب ڈٕ جیہہ کھوتہٕ زیادٕ تتھ وہ دلسنس اَنٛ واٹس دُبوٗدرِس جلے شیٚران یُس حُسن وُچھتھ عاشقہٕ ہندس دِلس منٛز وہ تلان چھُ۔

دوٚتھ شور، یامتھ واد حُسنس موج تُلتھ گوو
اظہارتی کوٗر زُلفچے تھتھ ایہٕ دٕنے کیاہ؟

پوشہٕ ٹوٗری رشکہٕ بٔری تھکھ ارسہ پاٹھی گنڈ مُہری تھکھ
اَبہٕ وٕنہٕ داہنہٕ کرٕی تھکھ آواہر واہر وارے

مہجورنہٕ اَمہٕ پتہٕ مرشارچ اکا ییتھ چھیہٕ پٔنہٕ دِلاویزی کِنہٕ غالبنہٕ رمز آفرینی ژُنٛس پاوان ؏

گُل کھِلے، غنچے چٹکنے لگے اور صُبح ہوئی
سر خوشِ خواب ہے وہ نرگسِ مخمور ہنوز

نیٚبرٕ واٹسی تجربہٕ، اَندرٕ واٹسی واٹرٕی داتکی پاٹھی ژیٚنیٚن ہٕ پہٕ تتھ اَندرم نیٚبر کرٕنۍ کُنہٕ باسک تشبیہہ (FELT IMAGE) ہندی پاٹھی یا حرکژل صوٗرتِ حالہ چہٕ شکل پیش کرٕن، تتھ گژھہ سرگرم تخیُّل آیت آسُن۔

مہجورِ ییلہٕ پننہٕ الٕتھ صلاحیژ کامہٕ ہیوان چھُ سُہ چھُ یژھ ہش کامیأبی پراوان!

پھرِ پھرِ میٲنہِ وُچھوٗو مارٕمتی ہینز برأنژ لوشن کُن
گُل آسی خاموش، بُلبُلو دوٚپ: "فتنہٕ مہ وُنہٕ ناوا!"

یژ کال کھٹِ کھٹِ تھوٗو میٲنہِ دِلکُ حال لوٗکن نش
افسانہٕ ؤنی ؤنی ہوٗش روٗوم، راز ننیتھ گوٚو

شامن انیوم سالے، کورمس میٲنہِ دل حوالے
پھیرِتھ سُہ دراو کالے، ییٚہ آم لول، ییٚہ کرَ؟

ژٕلہٕ لارِ وُچھکھ، حال وَنہٕ ہے، وارٕ وُچھے رٕوے
گلہٕ زٕلو میٲنہِ گیم اوٚش وٚوتھم دراے، وَنے کیاہ؟

تغزلہٕ چہٕ داخلیژ یعنے اندرٕ وٲسی ہنز الٕکھ کارفرمأیی چھیٚہ یتہٕ
آسان زٕ ییٚہ ژِ اشیاہٕ حقایق چھ شخصاوِرکس تہٕ تعلیلکس اثرس تحت
آدمی رنگ رٕچھ ہنہٕ طور طریقہٕ پانہٕ ناوان باسان۔ اوٚبرٕ ژھایہٕ پان کھٹن
واجنہٕ تہٕ اوٚبرٕ ہٹہٕ تلہٕ نیرنہٕ بایتھ وُتاولی کرن واجنہٕ وُزٕلہٕ ہند حال بوٗزِو
مہجورنہٕ زٕلوٕ تہٕ کتھ گژھہِ واضح:

شامہ ژھایہ اوٗبرٕ دار جامہٕ ڈٲلی ڈٲلیے
واریُوٚ پیٚتھ چھکھ پھیرتھ گژھان
بیٚیہ چھکھ مالیُن گژھان ژٲلی ژٲلیے
نوٗرٕ وٗزٕ نلیے! پوٗرٕ ہاو پان
جان نَے یہ عالم زونتھ رنگہٕ ڈلیے!
پھیری پھیری کیازِ چھکھ یور کُن وُچھان؟
دزٕ یہ کُس لوٗب چھےٚ کراں مسوٗڈلیے؟
نوٗرٕ وٗزٕ نلیے! پوٗرٕ ہاو پان
تھٕ رے بیٚٹھی نارٕ مشعٔلی ڈلیے!
گاش ہیتھ کُس چھہن ژیری ژھاران؟
ژھیٚیہ ژھارٕ ماچھکھ گُندان ہاژلیے؟
نوٗرٕ وٗزٕ نلیے! پوٗرٕ ہاو پان

شاعَر ییلہ لفظن ہندِس بیٚٹھ سوٗتھرس ییرِ ونِن مفہوٗمَن ہندِ توٗوزُنہٕ بجایہ بیانکہٕ اُسید تہٕ کرٕ اُتھ رٔڑتی معنے آفرِینہٕ ہُند اعجاز ہاوان چھُ، شاعری چھیہ سلسلہٕ درسلسلہٕ تہٕ آفاقہٕ پٮ۪تہٕ آفاق معنے تہٕ صوتی زیرٕ بمہٕ چین نتہٕ ساسہٕ کیفیژن زنم دِوان۔ کاشِر لولہٕ شاعری منز چھیہ زبانٕ ہنز یہ معنے آفرِین جدیاتھ شاذے تہٕ نادرے نظرِ گژھان۔ مہجوٗرنہٕ فنکاری اہمیژ ہنز ڈلیل چھیہ یہ کتھ زٕ تسنز

شاعری چھنہٕ اَمہٕ اعجازی قوّتہٕ نشہٕ مُلے محروم ۔ تمہٕ دپن کینژن شارن
کاشرِ یہٕ شاعر یہٕ ہُند او بروے ونُن چھُنہٕ شاید مبالغہٕ :

پوشہٕ ٹۄری رشکہٕ برٕی تھٕکھ ، رُسہٕ پاٹھی گنڈمژ زٕری تھٕکھ
اَسہٕ وِہٕ دہانہٕ کرٕی تھٕکھ آوارٕ دارٕ وارٕ ے

اۄش گوم جاری یام ژٕ تِس پیوم سۄ جانان
بیوٚٹھ ناوِ اَندر پانہٕ ، میہٕ سٕہلاب اُتھ گوو

ہۄہرٕ تہٕ چھٕندر یمہٕ مُسول وَناں چھیہٕ واوس
داما نہٕ میون یٔمی چھوٚل تس زانہہ قرار آسیا

امارٕ چانے پھرٕ میہٕ ورق لولہٕ کِتابَن
برٕی برٕی ہاتھاوِہم لولہٕ چے المارٕ گو لابو

ژٕلہٕ لارٕ وُچھکھ حال وَنہٕ ہے ، وارٕ وُچھے رٕ ہ
گلہٕ ژٕلو میہٕ کیٚم ، اۄش وۄتھمُ ددرایہٕ ، وَنٕے کیاہ ؟

آخری شارس منز چھُ " ژٕلہٕ لارٕ وُچھکھ " اکھ تیُتھ وَنُت
(EXPRESSION) یتھ کُنہٕ وُنیکام ظون گوٚمُت چھُ ۔ اکھ شنو

تہٕ عاشق اُکھ کُن تراوِتھ وچھو معشوقہٕ ہسند ن مجبوٗریَن ہُند عالم!
فارسی تہٕ اُردوٗ غزلک اکھ سیٹھہے موٗمتاز نشانہٕ چھ سُہ
STAND POINT یعنے سُہ نظرگاہ ییٚتیٚن بقولِ شمس الرحمان فاروقی شاعر
پننہٕ پانہٕ چہٕ تنہا خٔتیٚر لُشہٕ تھوٚد وُتھتھ یا تہٕ کانہہ وبژارٕ وُچھن ترٲے
پانہٕ ناوان چھُ، یا چھُ سماجہٕ کِس اکِس رُکنہٕ ہسند ہتیٚر کُنہٕ تجربس روبروسپدِتھ
تتھ تجربس مُتعلق پننہٕ ذاتی ردِ عمل فنی طور بازیابی کران۔ یوٚہے چھُ سُہ مقام
ییٚتیٚن احساسہٕ کِس سوٚتھرِس تلی تلی اکھ داخشوٗرانہٕ تل ہیٚتر (UNDER CURRENT)
وجوٗدس منز لوان چھیہٕ یوسہٕ موضوعہٕ کِنی غزلہٕ کِس اقلیمس نوٚ جہت عطا کران
چھیہٕ۔ مہجوٗر چھُ شاید سون گوڈنیک شاعر یُس لشہ اکہٕ غارسری وبژارک
تہٕ اکہٕ سماجی نظرگاہُک باس لگان چھُ، بامے سُہ باس کوتاہ تہٕ لیوٚژ تہٕ
محدوٗد آسیتن۔ ییٚمہ مہجوٗرن اکہٕ لِٹہٕ یہٕ وونمُت اوس زِ مہجوٗر لاگِتھ آو
بیٚیہٕ دوبارٕ رسول میٖر" سُہ چھُ کینہہ دِق گرِیھتھ زنہٕ رسول میرس
لُش سیر ہیوٚ سپدِتھ ونان زِ۔

بُلبُل چھُ براں چاوِ حُسنس، واو چھُ مُشکس
مہجوٗرٕ زٕ یہٕ نش بیٚیہٕ تہٕ کینتھا زھارِ گولالو

مہجوٗرنی اکھ نظم چھیہٕ "ییٚمبرزل" ییٚمہ چہٕ وبژارٕ نبرلتایہٕ مُتعلق میہ
پننہٕ ہنس بیٚنس اکِس مضموٗنس منز ہنا تفصیلہٕ سان کتھ کرِمٕژ چھیہٕ۔
تمہٕ قبیلکی یِم شارٕ تہٕ چھِ نوٚ جہس لایق:

یُس راجہ چمنُک باجہٕ وایاں تُس چھِ جانا وار
سُہ تہٕ کیاہ زِ ژٔٹھ جامہٕ پریشان دِنتھ گوو
کوہ تہٕ بال اُلہٕ راوی، وُن گرزہٕ ناوی دردکی آہون
نالہٕ دواں سُے صدا جوین تہٕ آرن آسہٕ ما
گُل ہردِ ہران، سونتہٕ بیُیہ دُبارہٕ کراں دور
مرِ مرِ چھیہ پھیراں زندگی، وسواس مرنُک تراو
پابندِ چمن گُل چھُ تَوے گنڈی چھِ تمِس لأری
آزاد بُلبُل باشہٕ کراں پوشہٕ ڈلن منز
تھدِ پایہٕ انسان کونہٕ بیہاں ستی نا کارن
منز باگ کنڈن گُل چھُ تَس کتھ پاٹھی قرار آو
پھوٗج بہارس منز یِمہٕ زَل، کارتکہٕ پھوٗل کوٗزنگ پوش
وَنتہٕ وہ ڈیکیاہ راوہٕ رووہ ہرون تہٕ سونتن کیاہ سنبول؟

مہجور چھ سون گوڈنیک شاعر یُس سماجی تہٕ سیاسی معاملہٕ پننہٕ نِس ذاتی سوتھرس پیٹھ ژیتھ تمن اکہٕ حقیقی لہرُک یعنے نغماتی باتُک یا وُن ترشرِ تِمچ ڈھل موسیقی تہٕ ترمیک وانجہ وُدھ رقص عطا کران چھُ۔ امچ اکھ رژ مثال چھیہ "گٹہٕ ژج گاش آو، گاہ ترووُ لانن۔ سنگرمالن پیوو پراگاش"۔ یِمہٕ کس تعمیرس منز۔ لولہٕ وژُن، نظم تہٕ غزل ترێشوٕنی شاہ صنفن ہنز کارفرمائی محسوس یدان چھیہ تہٕ ییتھ کشیرِ ہنز آزادی یہ تہند استقبالیہ وَنتھ ہیکو:

گرٕٹزٕج گاش آو گاہ ترووالٕنَ     سنگرمالَن پیو پرٛاگاش

سنگرمالن، کوہَن تہٕ بالَن     سنگرمالن پیو پرٛاگاش

باغکی ریتزٕل وارِلین گالَن     بُلبُلہٕ غمَ تراو کڈٕ یکھَن واش

ییتہِ یور چونے مُذہب پالَن     سنگرمالن پیو پرٛاگاش

ہرُدک طوٗفاں لوشہِ تھرزٕالَن     سونتھ ییہِ دوہہٕ اکہِ تلُہٕ پرَخاش

ٹُسے پھولِتَن لیُس دِیہِ جنجالَن     سنگرمالَن پیو پرٛاگاش

گلُالہٕ لولچہِ مشالہِ زالَن     تمہِ نوٗرٕ روشَن گرٛشہِ آکاش

ییمبرزٕل شَمکُ مَس پھرِ پیالَن     سنگرمالَن پیو پرٛاگاش

گلِ آفتابَن موہرٕ لرٕز تھالَن     لولکہِ اَسمانہٕ ہیتھ آو راش

اسبند زولُس اُمی گلُ لالَن     سنگرمالن پیو پرٛاگاش

ڈاکٹر رشید نازکی

# مہجورنہ شاعری منز کٲشرِ تہٕ کٲشریت

مہجور چھُ کٔشیرِ ہند گوڈنیُک کٲشرُ شاعر یٚمہِ کٔشیرِ اکِس حساس تہٕ دید آگاہ شاعرِ سُندی پأٹھۍ وُچھمٕژ چھیٚ۔ یہٕ چھُ پوٚز زِ تمَس برونٛہٕ کنیٚن شاعرن ہندِس کلامس منز تہٕ چھُ کٔشیرِ ہندِ عکس نظرِ گژھان، مگر یِم عکس چھِ بہرحال غار شعوری اندازس منز تہنزِ شاعری اندر اَمہٕ کنہِ آمتۍ زِ یہٕ شاعری چھیٚ اکِ خاص ماحولُک پٲداوار۔ مگر مہجور چھُ گوڈنیُک کٲشرُ شاعر یہندِس کلامس منز کٔشیرِ ہندِس فطری حُسنَس سِتۍ سِتۍ کٔشیرِ ہندِس ماحولس سماجس تہٕ تواریخی بجرس اکھ نمایاں کردار چھُ۔ مہجور چھُ اتھ حیثیژس منز گوڈنیُک تہٕ وُنیکتام آخری کٲشرُ شاعر، یُس کٔشیرِ منٛز منٛز گومُت

چھُ۔ یُس کاشُر آسنس پیٹھ فخر چھُ تہٕ یُس کٲشِر ہندِس پرتھ گرٕ چیزس اُکس حساس عاشقہٕ سٕنز نظرِ وُچھان چھُ۔ غالبن چھُ پننس مجبوبس تعریف کران کران دوٚنمُت زِ

گلت را نوائز گست را تماشا
تو داری بہارے کہ عالم ندارد

غالبہٕ سُند یہ دعوا چھُ شاعرانہٕ چابکدستی تہٕ تخیلچ بلند پروازی تام لامثال شعر۔ لیکن اگر کٲشُر مہجورٕ سٕنز مجبوب زانون تیٚلہِ چھِہ پیٚزی پاٹھی یہ کتھ کروِن چھےٚ پوشن چھُ جانادارن، پوشن، کوہن آرن تہٕ پانژادرن حتیٰ اکہٕ گگراین تہٕ وُزمن ستی ملاقات کران نظرِ گژھان بلکہ چھُ تمن تہٕ کتھ کرناوان تہٕ حال باوناوان، مثالے نی تون تہٕنز نظم پیمبرزل اتہٕ چھُ شاعر پیمبرزلہٕ اُتھی تمی سُند احوال وَنہٕ ناوان زِ پوشہٕ موٚت بہار پننہٕ بردنیٹھے آیس تافلس ژھینہٕ گژھتھ یوٚت واژِنس تہٕ حاران گیس تہٕ کیازِ بہار، شبنم صُبحک گرایہٕ مارُون عطرکار داو سارِی چھُ وَنہٕ پننے۔ اکھ اکھ نازنین مہمان چھُ جشنِ بہارس منز شامل گژھنہٕ لِوان تہٕ تہندے پیچ پرژھان خبر ما چھکھ زِ پیٚلِسہٕ افسرِ گُل (بہار) یِیہ بہٕ آسہٕ تمہٕ ساعتہٕ موٚجودے۔ بُلبُل چھُم چھنڈی کرِی کرِی یاوُن رائے بہار سنز خبر پرژھان لس کرِہا ژھل بَل زِ پکان چھُ، مگر پننِس دِلس کیا وَنہٕ یُس یہ خبر چھےٚ زِ یوٚت تام سہٕ لیوٚت واتہٕ بہٕ آسہٕ غمناک اُچھو وُچھی وُچھی لوسمُت۔

بہارن سوزنس شیچھ ہتھ دوان منزل ژٹھ آیس

بہارس چھُم نہٕ ییٚتہٕ روزُن بہٕ ہارس شراوس وۄنہٕ کیا
لِوان یِم نازِ مین مہمان پرِ ژھاں چھِم پوشہٕ مۄت بیہ کر
بنفش باٚنلس ہتہٕ ٹیکہٕ بڑنے سوٚنبلس وۄنہٕ کیا
پریشاں دل بہٕ چھس بُلبُل ونان چھُم وۄن نبر تورچ
بہانا کانہہٕ تمس وۄنہٕ ہا مگر پنُنس دِلس وۄنہٕ کیا
یہ چھُ پزِ ی پاٹھی رُتہٕ مقام ییتھین غالبہٕ پُند "گلُت" راتواہ بلبلت آتماشا
صحیح باسان چھُ۔ ییٚتِھن چھیٚہ یہ کیتھہٕ تہٕ قابلِ توجہ زِ کٲشرِ منز چھیٚہ یِمبرزل
پھولانے گند بہارس منز تہٕ ییلہٕ گریکہٕ وۄن سونتھ گرایہٕ ماران چھُ یِمبرزلہٕ
چھیٚہ آسان موتنٕ نیندر بیمرٕ۔ موسیح یہ حدبندی چھیٚہ کٲشرِ یِمبرزلہٕ الگ
کڈان تہٕ ییتھ کُنہٕ علامتی اندازس منز محاکاتن ہندی مختلف گوشہٕ پھولراوتھ
کٲشرِ یِمبرزلِ بےنور بہٕ چمن وۄچھ وۄن گاش تہٕ عطاکران تہٕ معصوم وُچھن
پیٚٹھ دردناک افسانہٕ تہٕ شیران۔ یِژھینے نظمن منز چھُ رنگ تہٕ مُشکُک
تحریک فطری نظارن رفتار تہٕ گفتار بخشان تہٕ یمے چھُ تِم مقام ییتھن مہجورنی
شاعری پزِ ستارِ کھ تہٕ اُلف لالہٕ ہندی افسانہٕ ہی باسان چھُ۔
مہجورسٕندن یِژھن نظمن منز چھیٚہ وۄن ہار، "باغِ نشاطہٕ کے گلو،"
"وِتھ"، "گُلشن وطن چھُ سونے"، "کر بُلبلو دیدارِ گُل"، "بُلبُلہٕ ہندی افسانے بوزگولالو"
"سنگرمالن بیٚود پرہٕ اگاش"، "بہار"، "نورِ وُزمُل" ہشہٕ نظمہٕ یا مسلسل غزلہٕ شامل۔
یِژھن نظمن منز چھُ مہجورنِ برانین کامن ہندی پاٹھی زِ یہٕ زبانی رُوس
مناظرِ فطرتن منز انسانی رُوح تہٕ انسانی ذہن یاد کرتھ پنٕنی کُتھ تمن

ڈٕنی ہِش تہٕ تہنٛز کُنٛھ پانہٕ لوٗز ہِش۔ یِہ ژھَن تمام نظمن منٛز چھ مہجوٗر سٕنٛز فنکُ طلسم قٲیِٕس پانٕس ستۍ سیٹھاہ دوٗر تام پکناوان تہٕ اعلیٰ تیس یقینک درجہ دیاوان۔

مہجوٗر سُند دوٗیُم رنگ چھُ کٲشُر زنانہٕ ہنٛز زلو محبوٗبس ناد لاینک شالیتہٕ انداز۔ یتھ منٛز کٲشرِ زنانہٕ ہُند سرٕاپا تہنٛز نفسیٲتی کیفیت تہند محبت کرنک سلیقہٕ تہٕ تہند ہجر و وصالچہ کیفیژ ژھالہٕ ماران چھیہٕ۔ یہٕ چھُ صحیح زِ یہٕ انداز چھ مہجوٗرس برونٛہ محموٗد گامیؔن، رسوٗل میرؔن تہٕ بییہ شاعرو تہٕ ورتوومُت۔ مگر مہجوٗرنس اُتھ زنانہٕ کردارس منٛز چھُنہٕ محموٗد گامیؔن شوٗر محشر تہٕ نہ رسوٗل میرؔن درزوٗن لولہٕ کنٛگ۔ مہجوٗرنس زنانہٕ کردارس چھُ لولہٕ نارگ سوٗت سوٗت جوش تہٕ پازھینہٕ بجایہٕ ساوہٕ ہُند اندازِ گفتار تہٕ تہٕ اسلوٗبِ محبت تہٕ۔ یتھی گیت چھ مہجوٗرن زیادہ پہن زنانہ صنفِ سخن یعنی روٗف یا وژنس منٛز ورتاوی متی۔ حالانکہ اِستثنا تہٕ چھہٕ۔ تہٕ زن گوو زِ غزلن ہندی کیہنہ شار تہٕ چھ اُتھ داٮ۪رس منٛز پوان۔ وُچھتو یمہ کیہنہ مثالہٕ یم بہر حال بیٚش یا اَنتاد پیٚٹھ نہٕ آسہِ چھ

ہارِی منٛد چھم چانی لولہٕ بیماری
لگہٕ لو بال یارِی پارِی یے

ناگرا ے ژوٗلے ناگہٕ سبزآری — لارس پتہٕ آری آری یے

ہی مال ؤ جنس تہند اماری — لگہٕ یو ہال پاری پاری یے

رمز سان غمزٕ تہٕ تیر شکاری — ییٚنس دِتی نم داری داری یے

کیاسنہٕ چھس میانی کیناواری — لگہٕ یو بال پاری پاری یے

قند تے نابد آلہٕ سپاری — تھاوس پچندٕ بٔری یاری یے

یہٕ نابہٕ کرس بندٕ برداری — لگہٕ یو بال پاری پاری یے

لولہٕ چانہٕ راتس کرٕ مےٚ بیداری — لوٗہس کونگ ژاری ژاری یے

زٕوٕنہٕ نیرٕ ڈچھنے میانی گلکاری — لگہٕ یو بال پاری پاری یے

ناگراے، آب، ناگہ سبزار، ہی مال، قند، نابد، آلہٕ، سپاری، کونگ، زٕوٕنہٕ راتھ تہٕ گلکاری ہندی یم تمام تصورات چھہ کاشرِ تہٕ تہٕ کاشرِ زنانہٕ ہندِس طریقہٕ محبتس ستیٚ اکھ تواریخی واٹھ تہٕ تھاوان۔ یمہٕ کاشرِ زنانہٕ ورٲے بیٚیہٕ کانسہِ زنانہٕ ستیٚ معاشرتہٕ ماحولہٕ کِنٕ سیٹھاہ کم واٹھ گژھوان چھہٕ۔ یتھ ہے بیاکھ مثال چھیہٕ ے

کیٚسے ہاوٕ یاوُن بٲلی یے

بالہٕ یار نیرتھ گوم بٲلی بٲلی
کیٚسے ہاوٕ یاوُن بٲلی یے
کرٕ کیاہ بالہٕ پان کوٗرنم ؤبٲلی
کیٚسے ہاوٕ ماوُن، بٲلی یے

سوڻہ سُند کھوس تے روپہ ہنز تھاکی
کتھ کرِڅ چھے یَمبر زاٰلی یے
پھولہ وڻہ باغہ منز دراٰیکھ خاٰلی
کیہ ہاوِ یاوُن باٰلی یے

راٰئز ناگرایَس سوزان ڈاٰلی
اصلس واتہ ہی ماٰلی یے
شکہ پیوٚو تولَس گوو پاتاٰلی
کیہ ہاوِ یاوُن باٰلی یے

سِنیاس ژھارنہ نیر گوپاٰلی
لوبِگ لاگ کرنہ واٰلی یے
ہر موکھ وُچھہن پھیر پانژاٰلی
کیہ ہاوِ یاوُن باٰلی یے

زوٗنہ ڈبہ میانہ پیری کُتی جواٰلی
گیوٚنا بُوزم قواٰلی یے
ترآوِ تھاٰلی ژجہ اڈِ رتہ کاٰلی
کیہ ہاوِ یاوُن باٰلی یے

بالہٕ بالہٕ نیرُون محبوب، یِیمبرزلہٕ ہُند سوٗنہٕ سُند کھوس تہٕ روٗپہٕ سُنز تھالہٕ،
پھولہٕ وِنی باغ، ناگرائے ہی مال ہُند اوسطوٗر، ہرموکھ، ذُفرہٕ ڈب
تہٕ کٲتیٚج آلہٕ یوٚدوٕے مختلف کیفیتن زُوز بخشان چھُ، مگر یتہٕ
اصلیتُک اعتبار چھُ یِم ساری کاشُر تہٕ فقط کاشُر ماحول تہٕ اندی پکھی
اظہار وِہٕ تہٕ لاوان، یِتیٚہ فطری نظارتام شاعرس ستی سرگوشی کران
نظر گژھان چھِ۔ تہٕ یِتیٚہ شاعرس کتی جِبن ستی ولیہٕ توٗن چھُ یِیمبرزلہٕ
ہُندِ اتھ غم خٲری چھیہٕ۔ پاتالہٕ ناگراے ہند طلسُک علم چھُ یِم ساری
ورگہٕ اظہار چھُ شاعر سُند تیتھ طلسمی اقلیم خلق کران، یُس محض تہندے
اقلیم چھُ۔ مگر شاعر چھُ یتہٕ باوُزبلہٕ کہٕ زورہٕ اتھ طلسماتی شہرس یتینن
قارِین تہٕ دوٗرتام ستی پکہٕ ناوان تہٕ امہٕ شہرکی دِہی بدلہٕ وِنی نظارہٕ
ہاوان۔

مہجوٗر ہِند رُفیک انداز تہٕ چھُ پرانہٕ کاشُر زنانہٕ ہُندُے
انداز محبت پیش کران، یِیمِک ڈیکہٕ لوٗن مہجوٗر ہِندِس نوٗزکہٕ نسوانی
کِردارس گاہے سوٚرگس سیر کرناوان چھُ تہٕ گاہے خاکس ستی بلہٕ ناوان
چھُ یِم چھِ ہجر تہٕ وصلکہٕ زیٚدِ۔ مہجوٗر سُندِ یہٕ زنانہٕ کردار چھُنہٕ کُنہٕ جایہٕ
وارفتار پاٹھی وصل آبادِ باسان، بلکہٕ چھُ لوٗس عبادت زاہتھ زَے
تہٕ اوبروے رٕچھان تہٕ مہجوٗرکہٕ ہندی نغمہٕ، تیتھہٕ پاٹھی گیوان یمہٕ کاشُر
زنانہٕ ستی یاتی مخصوص باسان چھُ۔ مثالے یہٕ رُوٗف۔

از روز سانے دلبر میانے
بوز نُند بانے دلبر میانے

خان پٲرٲوِم کھاسی برناوِم
ہوسہ چانے دلبر میانے

لولہ ہوٚت میون پان
یوٚد گرٕٛڈھ پزاران
لول ما پرانے دلبر میانے

شبنمن موختہ ہار
دیرِ چانہِ گوٚر تیار
کمہ شوٗزٕ شانے دلبر میانے

یِتھین جذبن تہٕ ترنُم ریز شارن ہندِس آہنگس منز چھُ امہِ کاشُر تمدُن دُچھنہٕ تہٕ کھوٗرِ گٔتہٕ گیوٗر کران باسان۔ از روز سانے چھُ دعوتُک تہٕ طریقیُس سورُے کینہہ وٕنتھ تہٕ کہنی چھُنہٕ وَنان۔ خان پٲرٲوِنی کھاسی برناوِنی۔ تہٕ یہ معصوم مگر مولل جذبہٕ زِ شبنمن چھیہٕ چانہِ دیر شوٗزٕ شانہٕ موختہٕ ہار

گژھ مٹ چھہ کاشر مزاج عکاسی کران۔

امہ قسمٕکۍ شار ییتن لوٗلس پیٹھ ہیتھ ہیر۔ اکس نازل مسولہٕ نۍ کران آسن چھہ تمدنکہ تمہ دورٕکۍ یادگار ییلہٕ مس بلہٕ خاندر کرٕنۍ ہتے کرنس برابر اوس۔ یتھۍ شار چھہ ہیوٗرہ شاعری منز عام تہ ییلہ پاٹھۍ کاشر زنانہٕ ہند شعور ہیتھ بوٗنٹھ پکان۔

دوٗرِ دوٗرے وُچھم میہٕ دِلبر لوٗبُنٹھ مکنس چھم نہ وار

ژوٗرِ ژوٗرے دار دُچھہن کیا قدم کھٹھراونا

لوٗہرٕ تہ چھندریام شہ مسول وُنان چھیہٕ واوس

دامانہٕ میون ییمۍ چھوٗل تس زانہہ قرار آسیا

لوٗگمُت تمس چھہ یرسیٖ کمۍ تام میون دوٗنس

نتہ وَنتہ بے سبب تس پیٚتمن خمار آسیا

دُنتھ لولہٕ گفتار بُتہِ عار انہ ہے

ژےٚ ڈیشتھ میہٕ زلوٗژن کلاں ٹاٹھِ یارو

یوٚدسہ دلبر مرشہٕ تراٚدتھ سیوٚد میہٕ کنٕ کرہے نظر

شہر اونس زن ہی بہٕ پھولہٕ ہا یاونس ژھوٚہ مارہا

ژلہ لارِ ڈُچھکھ حال وَنہٕ ہے وارٕ ڈُچھ ہے روے
گژھ لو میٚہ گیم اوٚش وڈٕھم ذدراہ وَنے کیا

کامہٕ دِوکرٕ سالِ ڈل بۄزم شبُس تٔر تیلِ بُل
درشنس آبُس اندر پمپوشس لاگِتھ پرارہٕ ہا

یِتھین شارن منٛز چھنہٕ فقط کاشُر زنانہٕ ہُند زخمی عاشقانہ
مزاز وَنہٕ یِوان بلکہِ چھ تشبیہہ استعارہٕ تہٕ باقی شاعرانہ وصف
تہٕ کاشُر آوتھ اَسہِ برونٛہہ کُن یِوان۔ مثالے چھندریامہٕ مسول ،
ڈوٗل دامانہٕ چھلُن ، شرادیچ ہی پھولنی ، ڈل سال، تیل بل، ڈل تہٕ
پمپوش بیترِ۔ یہ چھُ کاشُر زنانہٕ ہُند سہ حیابند نفسیات یُس میانی
کنی برزشن کھنہٕ کارِ فردپوش دستار والین ، مہرآجی سیرین ہندِ
خلوکھ زۄقن تہٕ آینہٕ زانپانٕ یتہٕ سہٕ رونخصت گوو مہجورٕ سُند
مردانہٕ لہجہ تہٕ یِلہٕ کاشُر زنانہٕ ہُند اَمیچ تخلیق کران چھُ۔ تتھ منٛز تہٕ چھ
کاشُر مہرنہٕ کٹھِ چھِ مُعطرداوِ گرایِن تہٕ کاشُر سنگاردانگ مُشک
ژھٹہٕ ماران۔ مہجور سُند کاشُر گاجہِ احساس جمال چھُ یمن ایجن لِتیکس
ریوایتس سِتۍ واٹھ دِتھ یِرن والی ہندِ باپتھ یمن زیادے قابلِ قبول
بلکہ مجلسکس حدس تام دلاویز بناوان۔

پوشہ وَنہ باغچ پوشہ گونٛدری یے
گرٕسی کوٗری نازٕنین سوٗنٛدٕری یے

سورُنٛچ ہی مالی تاٲفچ پرٕی یے
گرٕسی کوٗری نازٕنین سوٗنٛدٕری یے

آزاد وَنہ چی پوشے تھرٕی یے
مُشکہ ہیتی لوٗری کُنی بٕری یے

سَتہ رنٛگ بخشی کُمی رنٛگرٕنی یے
گرٕسی کوٗری نازٕنین سوٗنٛدٕری یے

یا ہوٗ پَران نیری کوتری یے
باغن پھیر رَنٛگہ ژرٕی یے

ناگہ سبزار چ باغہ ببری یے
گرٕسی کوٗری نازٕنین سوٗنٛدٕری یے

روشہ روشہ درایکھ باغہ أنٛدرٕی یے
پوشوٗ کُن ژریہ ما برٕی یے

بُلبُل کرٕی تھکھ گُلن تے زرٕی یے
گرٕسی کوٗری نازٕنین سوٗنٛدٕری یے

کینژَن لُکن ہُنٛد خیال آسہ زِ مہجوٗر ہنٛدِ لوٗلُک یہ اندازٕ
چھُ بورژوای ییٚنہ چھینہ عقیدٕ کینہہ وِرٕشہ ناوٕنی مگر یہ چھُم وَنُن

نہ یہ چھیہٕ شاعرَس منٛز مثالی گرٕیسی کوٗر، یوٗسہٕ فطرتن کھوٗنہٕ ہلوٗمژ چھیہٕ۔
ییمہٕ پوشہٕ سوٗنزٕ لَن منٛز کاڈ کوٗڈ مُٹ چھُ تہٕ ییمہٕ ہنٛز لولہٕ گفتارٕ وُن ہارَن
نِشہٕ ہیوٗ چھمُت چھُ۔ مہجوٗرٕنی یہٕ مثالی کردار چھ انٹی پورژوا زور تہٕ کیاژ
سُہ چھُ امہٕ کردارٕچ خصوٗصیت یتھٕ کٔنی تہٕ نیشہٕ ناوان۔

ژٕ یٕتہٕ خوجہٕ بایَن چھا برابٔری یے
ژٕ یٕ گُلَن رستہٕ چھیٔ دلبٔری یے
خوجہٕ بایہٕ ترٛوٚپرن دارٕ تہٕ برٔ یے
گرٕیسی کوٗرٕ نازنین سوٗندٔری یے

"یاوُن رائیٕ چھیٔنہٕ میاٗنی ملے" چھیہٕ مہجوٗرَس منٛز بیاکھ اکھ اہم نظم
یتھ منٛز سُہ کاشرٕ زنانہٕ ہنٛز عظمت باوتھ کاشرِس توارِخس تہٕ کاشرِن
اسطوٗرن مدد ہیوان چھُ۔ اَتھ نظمہٕ منٛز چھُ کاشرٕ زنانہٕ ہنٛد لفیات
تہٕ کاشرٕ سماجکی تم وِہرٕ تہٕ نظر گژھان۔ یم وُنہٕ تہٕ ساٗنِس سماجس منٛز رٲیج
چھِ۔ یوٗدوے تیٛہہٕ ہمیشہٕ چھکھ نظم چھیہٕ ڈرامٲیی اندازس منٛز یتھہٕ کٔنی
شروٗع گژھان۔

کرٕ کیا وٚنیے لانہٕ بنٕ نیائیس
یاوُن رائیٕ چھیٔنہٕ میاٗنی ماے
تہٕ یتھ کٔنی بروٗنہہ پکان

پرژھ نے تہٕ گارِ تے زُنمَس آیَس

زِنہٕ میانہٕ میانِہ من نچُھ دِلَس گرائے

یورِ کور آیَس کَتھ کرِتھ زایَس

یاوَن رایَس چھہٕ میانیٚ مائے

رَحمکہٕ مارَمتہٕ رَچھنے آیَس

قُدرتَن بخشُنمَ کھسہٕ وُن آے

سنختیوٚ ترآوِس صدموٚ درایَس

یاوَن رایَس چھہٕ میانیٚ مائے

دردِل موج پتھن آہسم دایُس

دوٚیمَ ہیتھ رتُن بن وازِ بائے

کسبوٚ تہٕ ہونرِ و نشہٕ دوٚریایَس

یاوِن رایَس چھہٕ میانیٚ مائے

راچھ اوس میانِن حُسنہٕ سرمایَس

شرمہٕ مُند سایانہٕ صبرک قلاے

ژورِ رُود دورِ اُتھ سنگین قلایَس

یاوَن رایَس چھہٕ میانیٚ مائے

کتام وہ پرس بخشِنہٕ آیَس

میانِو معلوٗم کرِنہٕ میانیٚ رائے

نی کوٗرُم منظوٗر تَن دِژِم نہٕ نیایَس"

مہجورؔ سُند بیاکھ اِظہار چھُ کاشرٮ۪ن جایَن تہٕ مقامَن ہندی ناو
یٔنہٕ شاعری منز شاعرانہٕ سیاق و سباقہٕ سان ورتاونہٕ۔ اَتھ اگر الگ
سام ہیمو مضمونن زیٹھ واریاہ لیکن اَتھ سارنی چھُ معلوم زِ نشاط،
شالمار، ہندوور، برگاہ، پرنگ، برنگ، کوٹہار، نٲبہٕ ناگ، مانسبل
کونگ وٹن، تارسر مارسر، موختہٕ پوکھر تہٕ تیٖتھی ہِی واریاہن جایَن ہندی
ناو کیٛتھ کٕنۍ تہٕ کمہٕ شاعرانہٕ صداقتہٕ سان چھِ مہجورَن استعمال کرِی متۍ۔

مہجورٕ سٕندِن واریاہن شارن منز چھُ تِہند تواریخی تفکُر
پیٚیہ پتہٕ لگان تہٕ مانُن چھُ پیوان زِ کاشرِ شاعرو منز چھُ تِمہٕ اَزِیک
تام کانہہ شاعر کشمیرِ ہندِ تواریخُک سُہ ادراک اوسمُت
یُس مہجورس اوس شہادتہٕ زٕنگی کرٕ بہ فقط اکھ باتھ پیش۔

"دِلوہا باغوا لو بہارُک شان پیدا کر
دُبارٕ عالمس منز کاشرِن ہند ناو گرٕ روشن
زٕ للہ دتہٕ تہٕ تازی بٹ مبارک خان پیدا کر

راز للہ دتس نِشہٕ چھِ ساری پرٕدی متۍ لیکھی متۍ کاشرۍ واقف ،
بہ چھُ کشیرِ ہُند سُہ باعظمت بادشاہ اوس مُت یمۍ یٕنہٕ عہدِ عرب
ہندی پیٚی در پیٚی حملہٕ ناکام بنٲوی تہٕ چینیَن نِشہٕ اکھ سفارت
سوٗز تاآنکہٕ چینی تہٕ کاشرِ کرِن اَتھ نٔوس خطس مشترک باٹھ
مقابلہٕ۔ تازی بٹس متعلق چھُ کاشرِ تواریخکۍ رمزشناس محمد یوسف ٹینگ

ھاَبن کلیات مہجورٕ کس حوالس منز لیوکھمُت"

"تازٕ بٹ اکھ مشہوٗر کاشُر جرنیل ییٚمہ ۱۴۸۰ء منز پنجابہٕ کِس گورنر

تاتار خانس سیالکوٹہٕ نِشہٕ شکست دِیُت تہٕ پنجاب کورُن کشیرِ ماتحت

سیتھےٚ کنٛی چھُ سیدہ مبارک خان بیہقی زُکن ہندس مشہوٗر جرنیل ییٚمی موغلن

سیتۍ زبردس جنگ کوٚر تہٕ کشیر آزاد تھاونٕچ کرِن پوٗرٕ پوٗر کوشش

آخرس گوو یوسُف شاہ ژُکس سیتۍ سُتہٕ جلا وطن۔

بہودُر شیر دِل گنٛزراونے بیٚیہ کوبلی ترکی

زٕ رحمان میر ہیٚو کانٛژھا دوٚیم کپتان پیدا کر

ٹینگ صاَب چھُ رحمان میرس متعلق لیکھان۔ جنرل عبدالرحمان میر

ساکنہ بارہمولہ کشمیر۔ اکھ کاشُر لیٚش والنٹیر بھرتی پیٚد تہٕ ترکی گو۔ تہٕ

پیٚد فوجس منز بھرتی۔ جرمن جنگس منز ہاوِن سیٹھاہ بہودری ییٚمہِ کنٛی

پیٚتہٕ ترکیو بنوو فوجی جنرل۔ لڑاے ختم پیٚد تھ سوز ترکیوٚ بیٚنہٕ طرفہٕ

کوبلُ سفیر بیٚیہ دیُتہس "بے" خطاب ۱۹۲۰ء منز گوو ترکس

منز ییٚمہِ عالمہ۔

یمن فرمانِ شاہی اُزتہٕ بیٚیہ چانٛہن اشارن پیٹھ

زٕ یتھ پٔنٕنس زمانس منز دوٚیم زٕ یہ بھان پیدا کر

زٕ بانس متعلق چھُ مہجورٕ سُندے نوٹ یُس ٹینگ صاَبن نقل

کوٚرمُت چھُ۔ "اکھ کاشُر بٹہٕ ییٚمی غریبی مو کھ بٔنُن ملک ترووٗ تہٕ

پَنٕنہٕ لیاقتہٕ کِنۍ بنیوو محمد شاہ نُند وزیر۔

بێیَن مُلکَن اندر اَدٕ گاٹہٕ جارِگ سکہٕ بہناوکھ
ژٕ سیٹھہٕ مُلکس اَندر نندہٕ رام ہیُو دیوان پیداکر

ٹینگ صابُن نوٹ چھُ نندٕ رامس متعلق یتھ کِنۍ۔
نندہٕ رام ٹکوٗ یُس افغان وقتس منز کوٗبل گوو تہٕ تَمہٕ پتہٕ یوٗت مقبوٗل زِ پٔتہٕ ناوُک ضرب کوٗرُن جاری یتھ یہٕ مصر لیکھتھ اوس۔

سیم از بہرِ ضرب از نندہ رام

یِتھے پأٹھۍ چھہٕ مہجوٗر صابن غنی، صرفی، کلہن، یوٗسف دلارام تہٕ بێیہٕ واریاہ کأشر تأریخی کِردار پَنٕنہٕ شاعری منز ورتأوی متۍ میأنۍ کِنۍ چھِنہٕ یتھ موختصر مقالس منز مہجوٗرنہٕ کٔشیرِ ستۍ والہانہٕ عشقچ ساری دٔلیل درج گنجأیش تہٕ کیازِ اگر أسی اَمہٕ پتہٕ مہجوٗر سنز وطنی تہٕ انقلأبی شأعری کُن یِکوٗ تُہ بَنہِ بجایہٕ خوٗد اکھ مقالہ۔ مےٚ دِتۍ محض کینہہ اشارہٕ ممکن چھُ کانہہ نوجوان کرِ توجہ تہٕ مہجوٗر تہٕ کٔشیر عنوانس لیکھ پننۍ ایم، فِل ڈِسرٹیشن۔ مےٚ چھُ فقط یہ عرض کرُن زِ مہجوٗر چھُ کٔشیر پیٹھ تِتھے پأٹھۍ فدا یتھ کِنۍ بُلبُل پوشَن پیٹھ وارفتار چھُ۔ تُس چھِیہٕ کٔشیر مندٕ پدٕ پدٕ رچ مارے۔ کأشرِ تیچ بٔہہ تہٕ کٔشیر باگہٕ ینگ فخر تہٕ۔ یوٗہے وجہ چھُ زِ اگر لُکن چھُ مہجوٗر یاد پیتھے کٔشیر یاد پِوان تہٕ کٔشیر مُند ظوٗن ڈیکلتھے مہجوٗر یاد پیوان۔

برابر تیتھے کُنۍ ییتھ کُنۍ ہیر رانجھا لاٚل مجلوٗن تہٕ باقے لولہٕ جوٗرٕ چھہٕ پرٛزناونہٕ یِوان۔
اصل کتھ چھےٚ یہ زِ مہجوٗرن سٕنز شاعری ہُند کلُہم وسیلہٕ
اظہار چھُ کٲشُرٕ اندٕ رٕ پکہٕ زٕبان تہٕ کٲشرِ چھیٚنہٕ تہنز شاعری ہُند
منظر نامہٕ تہٕ۔

# مہجورنہٕ شاعری منز

## کاشُریت

### حسرت حسین

کرٕن سرخم ژٕ یٕ کُن اہلِ ادب ایران وشیراز کی

مہجورنہٕ شاعرانہٕ زندگی ہُند ابتدائی پڑاو چھُ تسندِ پنجاب کہِ سفرٕ ستی شروع گژھان، یتہِ تٔمی کینژن اہم شخصیژن سٕتی منز مولوی عبداللہ صاحب بسمل، مولانا شبلی نعمانی، علامہ اقبال۔ مُنشی محمد الدین فوق سُند تعارف تہٕ تبادلہٕ سپدیو۔ یُہے بنیوو مہجور سنزِ زندگی ہُندٕ اہم ترین پڑاو یُس برونہہ کُن اکھ پوختہٕ ذہن بنتھ ووتلیوو ؏

سُے نجدٕ ون چھُم کوہِ طوٗر

مہجورنہٕ شاعری منز کاشُریت سٕرٕ کھرٕ کرنہٕ برونہہ چھُ یہِ ضروری زٕ تِمنزِ ابتدائی دورچہِ شاعری (ییتھ سٕ کلام مہجور ناو دِوان چھُ) کُن یِیہِ اشارٕ کرنہٕ۔ یِنزٕ چھُ یہِ زِ ابتدائی شاعری ہُند اکھ ژٕ ڈر حصہٕ چھُ رلوائِژن لور آسنٕکہٕ ستی ستی رلوٲتی ساںچس منزٕ بارسس یوان۔ ییتھ پیٹھ رسول میرنہٕ تہٕ حبہ خوتوٗن ہندین رومان پرور وژنن ہُند اکھ خاص اثر

موجود چھُ یمیک اعتراف اَمہِ دورک مہجورَ یمہٕ آیہ کران چھُ سہ

اَتھ دردٕ صوٗرٕژ پرٕدٕ تلِتھ گووٕ رسول میر

مہجور لالتھ آو ینیہ دُبارٕ اُتی روز

امی آپز چھُ جبہ خوتو نہٕ ہُند مخصوص رنگ تہٕ کلام مہجورکین ابتدائی باتن پیٹھ برابر چھاوتھ چنانچہ بیشتر تجربہ چھ یک رنگی تہٕ ہم مزازٕ آسنک اکھ ٹھوس ثبوت بنتھ ووتلان۔

ستزٕ تھے ہے وُچھو تیلہٕ چھُ مہجور اَمہِ علاوٕ تہٕ مہجورُنے پیٹھن وارہین بیش رون ہُند گرویدہ۔ مگر یتھ کُس جواب چھُ زِ مہجورُنے چھُ سون سُہ گوڈنیک پایہ بوڈ شاعر یُس نہ صرف پرانین رلوایژن اُکس نوٚس ساچس منز تراوان چھُ بلکہ چھُ نوین تحریکن تہٕ تجربن لوٚختہ پرمانو میزان کرتھ عصری آگہی ہُند وصل بخشان۔ یوٚہے چھُ سُہ منزل یُس مہجورَس رلوایت شکن آہنس ہم پلہٕ رلوایت سازی ہُند افتخار بخشان چھُ۔

مہجورَنہِ شاعری ہُند اہم ترین دور چھُ لگ بگ سنہٕ ۱۹۳۱ء پیٹھٕ بارٕ نس پوان۔ اَتھ ساری سے چھُ سُہ "پیام مہجور" ناو دِوان۔ یہے چھے سو شاعری یتھ منز شاعر بحیثیت اکھ تھزٕ سوچن تراوہٕ ہُند کاشر بنتھ ووتلان چھُ۔ یہ اوس سُہ وق ییلہٕ کشیر ہُند سیاسی فضا بدلن ہیوٚتمُت تہٕ عوامس منز بیداری ہیژن ینہ۔ جاگیرداری ہُند ظلم اوس طیس بیٹھ لگھ آسی اکہٕ نوٚو آبہ سونچنہٕ خاطرٕ تیار سیدان تہٕ یہندین جذباتن زلو دِنہٕ وول شاعر

(مہجور) اوس وۄنۍ شعوٗری طور آزادس لرٕ لوٚر یکبتھ اکھ سُے فضا قایم کرنِ وول یٮ۪مکۍ لچھِ کاشرۍ مُحتاج تہٕ مایِل آسی۔ چنانچہٕ ۱، گلشن وطن چھ سونےٚ ۲، دۄلو ہا باغوانو ۳، یاوٕن رأیس چھٕنہٕ میانۍ ماے ۴، گرٮ۪سے کوٗر، ہٮ۪نٕ باغ ۵، نیاے ترٛاوِو ماے تھاوِو ۶، باغوانا مہربانا ۷، نوٚ کٔشیر ۸، نیرو نیرو کأشریو بیتر چھہِ کأشرن ہندِ اجتمأعی سونچ عکأسی کران۔

کأشرن ہنز بےٚ صدا آوازِ تأثیر بخشنٕک یُس اہم رول مہجورن ادا کوٚر سُہ چھُ واقعی اکھ کارنامہٕ ننزِ کانہہ STATEMENT ہ

ولِو پوشن کمہ تلان چھاوان کمہ باغٕک بہار
بےٚ خبر امہٕ رازٕ نشہِ چھکھ شوروشر بسیار کر

پوشہٕ لنجہِ بیٹھ آدٕہن چھےٚ والہٕ نےٚ اتھ زالہٕ نےٚ
کألی تراوٕن باغ آسی وٕن ژٕ یہٕ کیا انکار چھےٚ

مہجورس آس کٔشیر ہنز بدحألی تہٕ بےٚ حألی وُچھتھ دأغ رٕتھ چوان۔ تٔسند بُنیأدی مقصد اوس کأشرٕ بحیثیتِ اکھ رُت تہٕ ڈیکہٕ بوٚڈ کأشرٕ وچھنٕک تٔسند کأشرِیت چھُ دۄد چھُ مسلم ہیوٚند چھُ شکر ہیوٚ وۄنٕکۍ وراثتی دلبوہار رٕژھرتھ تھاونٕک تعنوق۔

دوٗربینی تہٕ حاس کأشرٕ آسنہٕ کِنۍ اُس مہجورس پننۍ سوٚ کلہم پتھ کالیُک توأریخ اُچھِن بروٚنہہ کنہٕ یتھ بیٹھ کأشرن فخر رودمُت اوس سہ

دُبارِ عالمس منز کاشرٕن ہُند ناو گژھہِ روشن

ژٕ اللّٰہ ادت تہٕ تازٕ بٹہٕ مبارک خان پیدا کر

وطن پرستی، قومیت تہٕ انسان دوستی چھِیہٕ مہجورَس نِشہٕ تیٚشر سرٕ وج ز

خاپے کاہنہ قارٕی چھُ اَمِچہِ خریدارٕی نِشہٕ مچھِ روزان ؎

محبت پننہِ وطنک پوٗرآسُن شوٗبہِ انسانس

ژٕ یِمان منزٕ یَس واتھ یتھے ایکان پَیدا کر

شاعر چھُنہٕ وطن پرستی تہٕ بلہٕ ژارٕ کی باتھ وُنتھ چھ اَپرٕن واکس جذباتَن

انان، بلکہِ چھُ تَس اکس خاص ضابطس تہٕ ضمانتَس تحت پکنچ تلقین کران ؎

دشمنن نِگین سزا دِین بدلہٕ ہیوٗن چھُنہٕ کاہنہ کمال

تیُتھ سلوٗک کر ژٕ تَس یُتھ لولہٕ ساں ہیٚیہٕ چیون ناو

تلقین کرنُک یہِ جذبہٕ چھُ اکثر دِلدہی، دلاسہٕ تہٕ دعاے خیر ہوِنہِ کلماتن

ہُند اظہار بان ؎

گُل ہردِ ہَران، سونتہٕ بَتیہِ دُبارٕ کران دور

مرِی مرِ چھیہٕ پھیران زندگی وسواس مرنُک تراو

نہٕ چھم کینہہ زیرٕکی ہاوٕنی نہٕ چھم ناماوٗری پاوٕنی

رفیقن ادر دِین پنٕنہ نِیٚن دِلگ او حال باوُن چھم

چھ باغس جانور بولان مگر آواز چھکھ بیوٚن بیوٚن

پہندس آلوس یارب اثر یکسان پیدا کر

"گُلشن وطن چھُ سونُے" چھیہٕ مہجورنی اکھ نفیس تہٕ بوزوَے
بصیرت افروز نظم۔ نظمہِ ہنز خاصیت چھیہٕ یہ زِ اَتھ اندر چھُ گوڈٕ شاعر
کُشیرِ ہندین پوشن تہٕ پتہٕ کُشیرِ ہنزن تمن پُر فضا تواریخی جاین ہنز زیٹھہٕ وَن
دِوان یِہنز کو چھِ منز ہر ہمیشہِ کاشرِ سکوُن تہٕ اطمینان لوٚب۔ پتہٕ پاٹھی
چھُ شاعر نوٚ کُشیر وُنِتھ تہٕ اکِ نَتہٕ بییہِ آہ کُشیرِ ہندِ حُسنِ جمالک جادِوان
دوہ تلاوان۔ اَمہِ قسمچہِ نظمہٕ وُنِتھ چھُ شاعر اکِ طرفہِ کاشرِن پننہٕ مارہ مندِ ثقافتی
وراثچ زیٹھہٕ وَن دِوان (زِ کُشیر چھیہٕ پرٕزی سبز گوہرا) تہٕ بییہِ طرفہِ اولادِ صالح
بنِتھ اَتھ مُشترکہِ میراثس رَچھ راوٹ کرنٕچ تلقین کران۔ نظم پرٕتھ چھُ بیمہِ
کتھِ ہُند برٚ پوٚر مُشاہدٕ سپدان زِ یہٕ وول وَق اَنہِ تبدیٖت رُت تہٕ جان
زِ کاٚنٹھ مازہٕ مازس، گنڈٕ کرن باغچ چوکیدارِی ۔۔ ار کھلس بہٕ دیودارک
پےوَند، سنگرمالن بہٕ سون، تار سر مار سر بہٕ امرتسر، توپہ مادان بہٕ
صوٗرتِ بندر۔ کوٚنگہ دٔنۍ لگہِ کارخانا بیترِ زِ کاشرِ سُند قسمت تراوِ
آفتابکی پاٹھی گاہ۔ یہ سورُے جذبہٕ چھُ محض شاعرِ سُندِ کاشُر آنکُ
تہٕ کاشُرِیت پھانچھلاونکُ اکھ غار معمولی اعتراف تہٕ یَمکُ احساس
تَسندِس ضمیرس منزٕ موجود چھُ۔

"یاوَن رایَس چھیہٕ میانی مارے" وَژن نما نظم چھیہٕ کاشرِ حاس

شرم دار زنانہٕ ہنز آواز۔ نظمہِ منز چھیہٕ تمن ظلمن تہٕ ستائیشن ازحد زیو دِنچ کوشش کرنہٕ آمٕژ یمہٕ تس قرنہٕ وادن ینہٕ سیزرہٕ پزربہٕ تہٕ حساس سادگی کنہٕ وقتہٕ وقتہٕ تلنی پییہ۔ یہ چھ مہجور سٕند کمال زِ سہٕ چھ ساہن نسوانی زاوی جارن تمہٕ آیہٕ وکھنے گران زِ عقل چھیہٕ یہ ڈپڈز تہٕ راوان۔ سنزہ تھہے وچھو تہٕ مہجور سٕند سیٹھہ ہیوٚ نازک جذبہٕ چھ نہٕ صرف تہنز ذاتی شاعری بلکہِ کلہم کاشر شاعری طرحدار بناوان ؎

راچھ اوس میانس حُبہٕ سرمائس<br>
شرمہٕ ہند سایابانہٕ صبرک قلاے<br>
ژور دور اتھ سنگین قلائس<br>
یاوُن رائس چھنہٕ میانی ماے<br>
کس تام وۄپرس بخشنہٕ آئس<br>
میانہو معلوم کرٕنہٕ میانی راے<br>
تی کورُم منظور تن وزمہٕ ہیائس<br>
یاوُن رائس چھنہٕ میانی ماے<br>
للہ مژ ییلہٕ منز بازر درائس<br>
شاہ ہمدانن وچھ میانی زھاے<br>
مردس بردنٹھ کنہ پردہ سان آئس<br>
یاوُن رائس چھنہٕ میانی ماے

"گریس کوٗر" تہٕ چھیٚہ مہجوٗر سٕنز اکھ نمائندٕ نظم۔ نظمہِ ہُند کلیُم تجزیہ یوٚدوے گریس کورِ ہٕندین مُختلف گوٗنَن پیٹھ ذٕرِتھ چھُ مگر تیوٗت کرِتھ چھیہ نظم ماے تہٕ بلزارِچ اکھ رٕژ ژینہ وَن۔ نظم وُنِتھ چھُ شاعر گریس کورِ ہٕ بلتھے طبقن سِتی والبتہٕ زنانن درمیان سو تفاوتھ ختم کرنی یِژھان یوس سماجی بندی شوٗکنی اُکس تھر رٕ بیٚکس لوٗزر بخشان چھیٚہ۔ مہجوٗر چھُنہ قطعن تہٕ یِمہِ کتھِ ہُند قایل زِ اکھ کُن تہٕ مُنتزکہِ کاشریت اُستھ کیا گژھو اُسی شہر گام حدبندی ین ہٕندی شکار۔ تَس اوس اکوے شمع تہٕ رٕ اوس سنگ مرمرکس تھدِس دلوارس منز باگ سٕنز گوہرگ ژ تمناہ ییٚتھ کُن علامہ اقبالن گوڈے اشار کوٗرمُت اوس ؎

آہ یہ قوم نجیب وچرب دست وتر دماغ

ییٚتیتھ چھیٚہ اکھ کتھ وَنٕنۍ ضروری زِ مہجوٗر چھُنہ کاشر تک جذبہ بیان کران کران چھرا ہیوٗہس منز گِلہ لایان، بلکہ چھُ دِلہِ جایہ یمَن جذباتن انتہایی ہکہ تہٕ عبہ سان زٕ لو دِوان تہٕ اکثر چھُ شاعر پانہٕ سے کُن مُخاطب یَندِتھ اُمہِ قسمکی جذبات ژھانژہ ناوان۔ یُس تَنِدِ کاشر آنگ اکھ ثبوتھ تہٕ نیرل اصوٗل بُنان چھُ۔

بہ تہٕ پیٚتھے اوٗس تہٕ اوٗس وقتہٕ اکہ با اختیار
دِن گواہی میانہٕ کنہٕ یم پرانی کنہٕ دیوار میانی

میٚ تہٕ پاد کرِیاے واریاہ یوسُف تہٕ دلارام

کیہہ اَند مزارَن رٕوٗدی کیہنہ شرٕوٗ پرازبن منز

یہ کتھ چھےٚ اَہہ زِ یٚیتہٕ مہجوٗرنی ہمعصر اقبالن رتی بیشتر جاین

اُنی کاٗنی استفادٕ کران چھہِ، تتہٕ چھُ مہجوٗرُن یہ اتفاق محض وطن پرستی

قومیت تہٕ راوٕمژ وراثت ژھانڈنس تام پتھ محدوٗد روزان۔ یٚیتہٕ

علامہ رح کاشرِ ن منز بدحالی پیٹھ یٚیمہٕ آیہ پننی فرمان نظماوان چھُ ؎

آج وہ کشمیر ہے محکوم و مجبور و فقیر

کل جسے اہلِ نظر کہتے تھے ایرانِ صغیر

تتہٕ چھُ کاشرِ نیکُ غمخوار مہجوٗر یٚیمہٕ آیہ پننہ بدحالی ہندٕ اوحال بیان

کران ؎

دھرم تےٚ مذہب ایمانداری

بُتھ کالہٕ اوس یٚیتہٕ جاری یے

تتھ بدل از چھہِ یٚیتہٕ زوراواری

کاشرٕ زوٗنی بوز میاٗنی زاری یے

مہجوٗرس منز اکھ نادر خصوصیت چھےٚ یہ زِ پننہ شاعری

منز مقامی رنگ تہٕ مجموٗعی تاثر برنس رتی رتی چھہِ کُنہ تہٕ جایہ تُند

شاعرانہ باوٕژ بل رُژھ گرژھان حقیقت چھےٚ یہ زِ امہٕ قسمٕچ دُطرفانہ

صلاحیت چھیہٕ مہجورٕس کم مایہِ گی تہٕ کم پایہٕ گی نشہٕ مچھ بھاونک اعجاز۔
آزاد چھُ مہجورٕ بابتھ یہ صلاحیت یتھہٕ آیہٕ قلمبند کران۔

مہجور کی شاعری سرتاپا جذباتی مناظر کی مصوری
ہے اور ایسی مصوری کہ آپ اپنی نظیر باوجود اس کے
اس پر مقامیت کا رنگ چڑھا ہوا ہے اور اس
خصوصیت میں بھی لاجواب ہے ہم اس خصوصیت
کو مہجور کی خدا داد شاعری کا لازمہ خیال کرتے ہیں۔

چھُکھ نہٕ ژھے باغس اندر تنہا کلین کھُسی رِوان
رنٛز چھےٚ مہجورٕ نالان تس تہٕ چھےٚ آزار چھےٚ

چھینہٕ عاشہٕ متین یتھ رلان داد ی لہ غمگین
متنز پوشہٕ چمن جاے توے ژٹ نہٕ گُلاس

یہ چھُ مہجورٕ سند یوٚہے بے پناہ محبت یُس تس بیری بیری
کٲشرِ تہٕ کٲشر نیٚتس اندی اندی گتھ کرناوان چھُ تہٕ کٲشرٕ ہند
وارڈس ورتھ (WORDS WORTH) ہیوٚ امتیاز بخش
ناو پراوناوان چھُ۔ شاعر چھُ گوڈنچہ پھر معروٗتہٕ خودساختہٕ

کاشرِس ذہنی طور بیدار کرِتھ نہ صرف مُنزِ یچھ راہنمائی کران بلکہ اَتھس تھپھ کرِتھ مُنزلِ مقصودس تام واتہ ناوان، یُس تِہنز جود و بیانی ہند اہم کارنامہ چھُ۔ بحوالہِ شیراز مہجورؔ نمبر "کشمیریت کی ترجمانی اور مہجورؔ" صفحہ نمبر۔

"یہ امر اپنی جگہ مُسلّم ہے کہ مہجورؔ اپنے ہر اظہار میں
کشمیریت کے سچے پرستار رہے اور وہ تاویلات
کی پرواہ کئے بغیر اپنے محسوسات کو شعر کا جامہ
پہناتے رہے"۔

مہجورِ سِنز شاعری ہنز روانی میچھر تہ بے پھریک اظہار چھُ یہ ڈیزِ تہ تِہندِس ہمعصر کاشرِس الہ کلس چھیلِن وانِہ تراوتھ بخشان۔ اکِ طرفہ آس سیاسی بیداری ہنز آواز ماسٹر محمد عبداللہؔ (شیرِ کشمیر) تہ بیٚیہ پاسہ شیرین کلام شاعر کاشرِن ہندِن ژھومتین جذبن اثر تہ تاثیرُک ادراک۔ یُوہے اوس سُہ لوٗکُ تہ نادر وقت یَیلہ پرانہِ کشیرِ ہنز بدحالی ختم گیہ تہ نوِ کشیرِ ہند خاب شرمندہ تعبیر سپُد۔ یکہ ہندِن ڈُدیمتین دِلَن آو بامُن۔ سنگرمالَن بیوٚو پرٛاگاش تہ انقلابُک آفتاب سپُد مُنوّر۔

الغرض کشیرِ بناونس تہ کاشرِ قوم بیدار کرنس منز یُس اہم کردار مہجورَن ادا کوٚر سُہ چھُ واقعی اکھ کارنامہ آسہِ نُس تِتھ مِہ کُلہم کاشرِس تواریخس منز اکھ عظمتُک بہتر نوٚمونہ۔ بحوالہ کُلیات مہجورؔ صفحہ نمبر ۸۱۔

"مہجورؔ اوس اکھ باشعور تہٕ خود آگاہ تہٕ نظرباز
کاشُر تہٕ تمی سُند یہٕ شعور چھُ تٔمسٕنز شاعری منز
جایہ جایہ پرزلان تہٕ ژھیپہٕ ژھور کران"۔
بہر حال مہجور ہٕنز شاعری منز کاشُریت ژھانڈٕن گوو
یِیانہٕ اسی کرو تٔمسٕندِس تتھ دورِس تہٕ حساس جذبس پٲروی یُس تس
کاشرِن شاعرن منز اکھ ممتاز مقام بخشان چھُ۔
شاعرِ رنگین نواہے دیدۂ بینائے قوم

پرٛوفیسر مرغوب بانہالی

# مہجورٕن "تذکرٕہ شعرائے کشمیر"

## پوٚت منظر

بوزن والین ہندین دِلن منز آس مُختلف سوالو یژھ ہِش

نِہج رٕٹنہٕ ہیٚزمژ:-

۱۔ مہجورَس ہے بحیثیتِ شاعر پٔنُن اکھ مقام چھُ۔ یم کتھ چھِ

تَس بحیثیتِ مورخ اہم بناوُن یژھان؟

۲۔ مہجورُن تاریخی شعور ہے تہندِس کلامَس منز تہٕ پرزلان چھُ تذکرٕہ

شعرائے لیکھنہٕ یا اڈلیوک ترٛاونہٕ سببہٕ پزیاسہٕ مُجرم زانُن؟

۳۔ مہجورس آسا کُنہِ ہندِس فارسی شاعرن ہند تذکرٕہ لیکھنٕچ تحریک

علامہ اقبال رحنے دِژمژ تہٕ ہرگاہ سہٕ ایچ تحریک دیہ ہے نہٕ مہجور یا

محمد الدین فوق ہیکہٕ ہن ناپایہٕ تیژھ کانہہ منصوبہٕ دردست نِنکھ پھیٹے؟

۴۔ مہجورن کوٚرا دٕمبر امہٕ تذکرُک ناو علمی خاندانن منز

محض بطورِ اکھ مفروضہٕ یا عوامی حلقن منز محض بطور اکھ رعب داب استعمال کیہٕ گوناگون ذاتی پریشانیو باوجود کرٕن اَمہِ خاطرٕ پرٕ پرٕ پاٹھی کانہہ سنجیدٕ تہٕ قابلِ قدر کوشش ؟

۵. مہجورن ہے کاشرِ شاعری پیٹھ فارسیتک اثر کم کرنک دعویٰ کورمُت چھ تیلہِ کیازِ دیُت نہٕ تمہٕ گوڈٕ انوارِ عبدالاحد آزادٕنی پاٹھی کشیرِ ہندین کاشرین شاعرن ہند تذکرٕ لیکھنس کُن عبدالاحد آزادٕنی پاٹھی کانہہ توجہ ؟

یمن تہٕ بییَن واریاہن سوالن منز اوس تمن لوزن والین ہند ذہن آورنہٕ آمُت ۔ یم کشمیر یونیورسٹی ہندِ کاشرِ شعبہٕ کس ترٕ واہمِس سالانہٕ سیمنارس ییٚن ۲۲ مارچ تا ۲۴ مارچ ۱۹۸۸ء منعقد سپدٕن واجنین شین مقالہٕ مجلسن ہندس اختتامس پیٹھ تہٕ زبردست وابستگی سان بحثابحثی منز دلچسپی سان شامل آسی ۔ چنانچہ ییلہِ شیٚیمہ مقالہٕ محفل ختم سپدِتھ کشیرِ ہندین نامور کاشرین تہٕ اردوٗ شاعرن ہند مشاعرٕ منعقد سپدنس صرف کینہہ منٹ بلہِ آسی تہٕ ییلہِ غلام نبی خیال صاٗبن بحثس یہِ وٕنِتھ نوٚو موڑ دیتمُت اوس زِ مہجورس کُن منسوب تذکرۂ شعراٗ چھ تسندُ محض اکھ مفروضہٕ تہٕ ییلہِ اَتھ بیانس پُشتی کران حسرت گڈھ صاٗبن سید حسام الدین راشدی سندِس کینہہ کال بروٚنٹھ پاکستانس منز چھاپ سپدیمتِس اَمی عنوانہٕ کس تذکرس منز درج تتھ عبارتس کُن لوزن والین ہند توجہ پھیریہ تھ منز مہجورس کُن مخاطب

زانہٕ پیٚہ وول واضح پاٹھۍ محمد الدین فوقس کُن منسوب چھُ ۔ بیٚیہ چھ ساری زانان
زِ محمد الدین فوق چھُ باضابطہٕ مورخ اوسمُت چنانچہ چھ تٔمۍ "تاریخ اقوام کشیر"
"تاریخ اقوام پونچھ" تہٕ "تاریخ بڈشاہی" کٲمی مشہور۔ مگر تامُتھ کوٚر بشیر عارف صٲبن
اکھ چشم دید نٲنتھ اَمہِ کتھہِ ہُند انکشاف زِ میٚہ چھُ مہجور صٲبنِس گرس منز اَکھ خطک
اکھ متن وُچھمُت یتھ منز مہجور صٲبنِ مرشد "رحیم صاب صفاپوری" یَس
متعلق مہجورنہٕ تالیف حیاتِ رحیمیُک ذکر تہٕ علامہ اقبالن کوٚرمُت چھُ بحث
اوس یمن ودہٕ تُل کرٕنۍ منز ہیٚنہٕ آمُت ۔ صدرِ محفل سرداند کول پریمی صاب
اوس میانٛی مداخلت پٔرٕ ھاٚنی چنانچہ کوٚر میٚہ تہندِس پرٛھنس تحت یہ اعلان
زِ فارسی شاعرن ہُند تذکرٕ مہجورس کُن منسوب سپدُن چھُنہٕ مفروضہٕ بلکہ اکھ
ٹھوس پزر تہٕ اَمیُک اصلی مخطوط چھُ ونہٕ اکہِ امانتہٕ رنگہٕ میٚہ نِش موجود۔ اَتھ منز
چھُ مہجور صٲبن اُکس ہتس نفرن کاشرین فارسی شاعرن ہُند احوال دٲیِر نکھ خاکہ
مرتب کرنہٕ علاوٕ کینژن بیٚیہ دستیاب سپدن وول تحقیقی مواد باضابطہ پاٹھۍ
جمع کوٚرمُت ۔ وُنۍ گوو یتھس خاکس منز رنگ بھرنہٕ خٲطرٕ بیٚمہ یکسوئی تہٕ یِمن
وسٲیلن ہُند بہم آسُن ضروری چھُ تِم چھِنہٕ سانٮ اُمس معنوی اہرس مگر آدی
غریبس میسر آسی مِتۍ۔ اَمی وقتہٕ کوٚر مہجور صٲبنہٕ ہم عصر تہٕ اکہِ لحاظہٕ تِہندی رقیب
مگر شاگرد مرزا عارف صٲبن سیمنارس منز موجود قدرٕ بِن شتھن ادبین تہٕ
ادب نوازن برونٹھ کنہٕ یہ انکشاف زِ میٚہ چھُ کالگ بتہٕ ہیوٗ یہ پزر ژٲمتس
زِ مہجورن تہٕ آزادن اوس باہمی مشورٕ ستۍ اَمہِ کتھہِ ہُند فاصلہٕ کوٚرمُت زِ
مہجور لیکھہِ کشیرِ ہندین فارسی گو شاعرن ہُند تذکرٕ بیلہِ زن آزاد کاشرین

شاعرن ہُند تذکرٕ لیکھ ۔ لہٰذا چھنہٕ یہِ سوچُن صحیح زِ مہجورَ کیا اوس امیک ناو
بطورِ اکھ مفروضہٕ ورتاوان ۔ یِی وَنان گوو سیمنارچ اَمہِ نشستہٕ ہُند دَق
ختم تہٕ تذکرُک تذکرٕ چھُ اَمہِ برونٹھ کُن یِمہِ آیہِ پیش لیوان کرنہٕ یہِ اوسے
دراصل بطورِ اکھ تعارفی تبصرٕ اَتھ سیمنارس منز شامِل مہجورَ صد سالہٕ تقریباتن دوران
پیش کرنہٕ خاطر بلکہ چھُ اَمہِ تبصرٕ اندر سہٕ حصہٕ حذف لیوان کرنہٕ یُس بطورِ تمہید
پیٹھ کَنہٕ چِھ کتھن پیٹھ مشتمل اوس۔ پیرزادہ غلام احمد مہجورَ چھُ سہٕ گوڈنیُک
شاعر یُس پننِس تواریخس تہٕ ثقافتس جان پاٹھی واقف آسنک باس پننِس
کلامس منز دِوان چھُ ۔ کاشرِ شاعری پیٹھ یُس کال تام صوفیانہٕ رجحان غالب
روزنہٕ پتہٕ چھُ لوٚہے گوڈٕ تمہٕ لاتعلقی ختم کران یوسہٕ عام کاشرِ شاعر حضرت
شیخ العالمؒ پتہٕ پننِس وطنہِ عزیزس درپیش حالاتن نسبت ورتاوان رُودی
تہٕ لامحدود بچ کتھ کران خود شناسی تہٕ محدود۔ بجاے کتھ کران خود فراموشی منز
ووتلان تہٕ لوٚڈان رُودی۔ مہجورس اوس اَمہِ کتھِ ہُند احساس زِ شاعر گژھِ بحیثیت
اکھ فن کار علامہ اقبالنین لفظن منز دیدۂ بینائے قوم تہٕ آسُن ۔ تَسُند فن گژھِ
گُل وُلیل یا باغ تہٕ باغوان ہِوین علامتی کردارن ہندِس پردس منز پننہِ اجتماعی
زندگی ہنز ترجمانی تہٕ پننہِ اندری پوٚکھچہِ عکاسی ہُند حق تہٕ ادا کرُن ۔ چنانچہِ
اوس کشیرِ پیٹھ مُسلط ژورن ہتن وریین ہندین ناسازگار حالاتن دوران
غنی کشمیری ہوٚو کینٛژ فارسی شاعرو پزنہٕ پاٹھی یہِ حق پوٚرٕ فن کاری سان
ادا کوٚرمُت ۔ چنانچہِ ییٚتہٕ حضرت صرفی تہٕ اکِس مرحلس پیٹھ اَمہِ قسمچہِ حق
ادایی ہُند ثبوت دِوان وَنان چھُ ۔

تہٕ چھُ غنی کشمیری اَمہِ رنگہٕ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ باحِس آسنک باس دِوان

مثالے یِتھی شعرو منز ؎

روزی ملامے شود آخر نصیب دیگراں

طالع برگشتہ ہمچو آسیا داریم ما

کدام باز ندانم درآشیاں بندی است

کہ ہست حکم پرکاہ بالِ مرغاں را

یِتھنے باشعور تہٕ باہوش کاشرِ شاعرن ہُند تخلیق کوٗرمُت موٗلُل سرمایہ اوس

عظیم فرزندِ کشمیر علامہ اقبالس نظرِ تل یِلہِ تِمی اکہِ اندازٕ موجوب اکی عبارتکی خط

معموٗلی تفاوتہٕ سان پنُنین دوٚن ہم عصر باشعور تہٕ باہوش کاشرِ شاعرن

لیکھی۔ یہ توقع تھٲوِتھ زِ دوشوٕے منٛز یُسی اکِس توفیق میلہِ تہٕ حالات ساتھ دِنی

سُہ اکھ کرِ منظور تہٕ تھہندس اَتھ تحفظ ثقافت کِس موٗلس مشورس قدر۔ بیہکہٕ

دلوٗتہٕ سان دوشوٕے زِ مہجورن تہٕ توقی دوشوٕے کرُ زبِہٕس برادر علامہ اقبالنس اَتھ

مشورس ذاتی مشکلاتو باوجود قدر کٔرِتھ حتی المقدوٗر کوشش۔ یہ چھیہٕ بیاکھ

کتھ زِ دوشوٕے منٛز ہیوکُنہٕ اکھ تہٕ اَتھ عظیم کامہِ پزٕنہٕ پاٹھی تشکیل دِتھ مکمل کرِتھ

گیوو یوٗدٕ منصوبہ۔ ووٚن گود میہ پزٕ اَمہِ رنگہٕ یِنہٕ پانہٕ تمن دوٚن ہُند

ثقافتی وارث تہٕ مجموعہ زانُن، تہٕ کیازِ اللہ تعالیٰ ہٕن کٔرمیہ یہ کام مِنا باعمل

اَنینچ صورت تہٕ صلاحیت عطا۔ چنانچہ کوٚر میہ مہجور صابنہٕ بیاضِ نظمِ منصوبک

نصف حصہ ازبر وونٹھ داہ باہ وُری پتہٕ پی ایچ ڈی مقالچہ شکلہِ منٛز کشمیر

میں فارسی ادب کی تاریخ۔ شہمیری دور"۔ عنوانس تحت مکمل۔ تیلہِ اوس

مینٛہ مہجورؔ صابنٛ دعوا محض ہوائی دعوا باسان، مگر کینٛہ دہ بروٚنٛٹھ ییلہٕ ابدال
صابن مینٛہ مشورہ دیت مینٛہ سپُد یقین زِ مہجورؔ صاب چھُ سنجیدگی سان اَتھ
موضوعس پیٹھ کام کرِتھ علامہ اقبالسٕ یا تِہندِس روٗحس تہٕ روح کٔشیرس خوش
کرُن یژھان مگر حالاتو دِیُکھ نہٕ ساتھ بہرحال میانہٕ تحقیقُک مشخص دوراُس
۱۳۲۹ھ پیٹھہٕ ۱۵۵۵ھ تام پھہلتھ تہٕ یِمن دہن ہتن شُرہن وٕریَن دوران
گُزریمتین شاعرن علاوٕ کرُ مینٛہ اَمہٕ زیٹھہٕ دورٕکین نثرنگارن متعلق تہٕ دستیاب
موادس ترتیب دِنچ کوشش یُس میانہٕ پی، ایچ، ڈی مقالچہٕ شکلہٕ منٛز کٔشیر لاگیٚچ
کانہہ صوٗرت پادٕ سپدنس پیٹھ چھاپ ہیکہٕ سپدِتھ۔

میانہٕ تحقیقی مقالہٕ برعکس کیا چھُ مہجورؔ صابنہٕ پیش نظر پروجیکٹُک خاکہٕ اوسمُت تیمٕک
عکس چھُ تِمی دہن ہتن پانژن لیدرِ رنگٕکین پٹواری کاغذ باسوٚنین (سایزٕ ۷" × ۱۰") ورقن
پیٹھ ترِٛن حصن منٛز ترتیب دِنک سنٛز کورمُت آسان۔ گوڈنکہِ حصہٕ خاطرٕ
چھِن ۲۳ ورق دوٚیمہِ حصہٕ خاطرٕ ۱۲۵ ورق تہٕ ترٛیمہِ حصہٕ خاطرٕ ۲۷ ورق وقف
آسان تھاوی متِی۔ یِنٛہ اَتھ چھِن اَمہٕ مسوٗدکس پرتھ حصس پیٹھ کینٛہ لفظ
یِتھ آیہٕ ڈیکہٕ ٹِکہٕ بناوی متِی :۔

| | | | |
|---|---|---|---|
| تذکرۂ شعرائے کشمیر | ابتدائی ۹۲۲ھ لغایت ۱۰۰۲ھ | قاضی حمید مورخ سے شیخ صرفی تک | |
| (دورِ اول) | (۸۱، سال) | (۱۷، اصحاب) | |

| | | |
|---|---|---|
| تذکرہ شعرائے کشمیر | ابتدائی ۱۰۰۳ھ لغایت ۱۲۲۸ھ | فطری سے لیکر مُلا صدرالدین تک |
| (دورِ دوم) | (۲۲۵، سال) | (۱۴۰، اصحاب) |

تذکرہ شعرائے کشمیر ابتدای ۱۲۲۰ الغایت ۱۳۱۲ھ کبیری سی لیکر مہدی دیکہ تک

۱۳۲ اصحاب

دورِ سوئم (۸۳ سال)

بیین لفظن منز ونوٚ زِ ہیکو زِ صابن چھ صرف اَمہِ پروگرامُک خاکہ مُرتب

آسان کورُمت۔ چنانچہ چھ ۲۱۰ صفحو منز اَکس ہتس ژُونژن ہن ۱۵۲ صفحن پیٹھ مختلف

شاعرن ہندین نادن تحت اُردوٚ پاٹھی پننہٕ مطالعُک ماحصل درج تہٕ کورُمت۔

اکثر صفحہ چھ خالی تھونہٕ آمتی۔ امااپوٚز پریتھ دٕ چھنس صفحس پیٹھ اَکس شاعرُند ناو

درج کرتھ چھ تس کتھی زٕ صفحہٕ وقف تھونہٕ آمتی۔ شاعرن ہند فہرست چھنہٕ پوٚر

تحقیقہٕ سان ترتیب دِنہٕ آمُت امااپوٚز حتی المقدور چھ تاریخ اعظمی (واقعات کشمیر)

کس ترتیبس نِکھہٕ روزنُک کوشش کرنہٕ آمُت۔ تسنز پیش نظر ناوٕ ترتیب چھیہ یِمہ

آیہٕ ترین حِصَن منز باگرِتھ درج۔

دورِ اول: ۱، مُلا احمد بٹہ شاہی ۲، قاضی حمید ۳، سید محمد امین اویسی

۴، حُسین شاہ چک ۵، یوسف شاہ چک ۶، مُلا نامی

اول ۷، مُلا نامی ثانی ۸، میر علی ہمدانی ۹، طالب اصفہانی

۱۰، مرزا علی خان ۱۱، محمد امین مُستغنی ۱۲، بابا داوٗد خاکی

۱۳، مُلا احمد ۱۴، مُلا میری ۱۵، میر بابا حیدر تولہ مولی

۱۶، علی رینہ ۱۷، شیخ یعقوب صرفی۔

دورِ دوم ۱، فطری ۲، بدیعی ۳، فروغی ۴، مہری مشہدی

۵، مُشتری ۶، گلشن شیرازی۔ ۷، روشنی ۸، مُلا فصیحی

۹، مُلا فہمی ۱۰، میرم بزاز ۱۱، طغرائی مشہدی ۱۲، ملا ابوالقاسم
۱۳، مظہری ۱۴، خواجہ حبیب اللہ نوشہری ۱۵، شاہ نعمت اللہ
قادری ۱۶، خواجہ علی اکبر ۱۷، اوجی ۱۸، مُلا علی بوسک ۱۹، قدسی
۲۰، ذہنی ۲۱، نصیب الدین غازی ۲۲، نصیر الدین نصرت
۲۳، ملک حیدر چاڈورہ ۲۴، مُلا حسین خباز ۲۵، سلیم ۲۶، خواجہ محمد
خلیل غازی ۲۷، ندیم ۲۸، کلیم ۲۹، مُلا محمد عارف ۳۰، میر الٰہی
۳۱، ہاشم دیوانی ۳۲، عنایت خان احسن ۳۳، منشی محمد رفیع
۳۴، قاضی محمد عارف ۳۵، عنایت اللہ آشنا ۳۶، غلام رسول استغنا
۳۷، محسن فانی ۳۸، غنی کاشمیری ۳۹، خواجہ معین الدین نقشبندی
۴۰، اخوند ملا طیب ۴۱، حبیب اللہ دیوانی ۴۲، ملا نازک
۴۳، زین الدین پال ۴۴، بابا داؤد مشکواتی ۴۵، میاں محمد امین
دار ۴۶، نور اللہ والہ ۴۷، مُلا بینش ۴۸، حاجی حیدر ۴۹،
مولانا ابوالفتح کلو ۵۰، لالہ ملک شہید ۵۱، کامران بیگ گویا
۵۲، حاجی اسلم سالم ۵۳، محمد زمان نافع ۵۴، عبد الغفور غازی
۵۵، مُلا احمد بن عبد الصبور ۵۶، ملا محسن کھشو ۵۷، خواجہ اسحاق
نادچو مالک ۵۸، حاجی مغنی ۵۹، مرزا داراب جویا ۶۰، شیخ محمد داؤد
رفیقی ۶۱، مُلا عنایت اللہ شال ۶۲، حبی راوہو ۶۳، نور اللہ دیوانی
۶۴، میر نور الدین شارق ۶۵، مُلا فایق ۶۶، مُلا ثابت ۶۷،
قلندر بیگ ۶۸، آذری ۶۹، میر کمال الدین ۷۰، شیخ مراد ٹینگ

۷۱، مرزا کمال الدین کامل واکمل ۷۲، مرزا عبد الغنی بیگ قبول ۷۳، مرزا گرامی

فرزند قبول ۷۴، محمد رضای مشتاق ۷۵، عبد الحکیم ساطع ۷۶،

مرزا ارجمند فرزند قبول ۷۷، امان اللہ شہد ۷۸، شاہ رضا چشم

۷۹، محمد امین دانا ۸۰، مرزا فرہاد بیگ فرید ۸۱، محمد اسحاق ۸۲،

خواجہ امان اللہ ۸۳، محمد عاقل ۸۴، مُلا اشرف ویری ۸۵،

مُلا یوسف ۸۶، محمد رفیع مانجی ۸۷، عبد الغفور نامی ۸۸، مرزا بیگ

۸۹، حکیم رحمت اللہ ۹۰، محمد فاروق ۹۱، شریف الدین خان فرحت

۹۲، محمد حیات ہاری ۹۳، محمد اشرف یکتا ۹۴، لطف اللہ بیگ صہبا

۹۵، میر محمد معروف ۹۶، شیخ رجب اندواری ۹۷، شاہ یعقوب

۹۸، محمد اعظم دیدہ مری ۹۹، محمد یحیٰ حیا ۱۰۰، ملا عبد الرشید بیتوا

۱۰۱، محمد رضا کنٹھ رضا ۱۰۲، شیخ عبد الوہاب نوری ۱۰۳، امیر عنایت

اللہ کنٹھ ۱۰۴، عبد الوہاب شائق ۱۰۵، شاہ صادق قلندر ۱۰۶،

خواجہ عبد الغفور ۱۰۷، عطا اللہ مُہا ۱۰۸، مُلا عبد الغنی ناتھ ۱۰۹،

اسد اللہ شگون ۱۱۰، محمد جان بیگ سامی ۱۱۱، مولانا حسام الدین

۱۱۲، مُلا محمد توفیق ۱۱۳، مرزا محتشم خان فدا ۱۱۴، بابا کرم اللہ

۱۱۵، میر احسن اللہ المعروف فصاحت خان ارضی ۱۱۶، حبیب اللہ

دلیو ۱۱۷، محمد علی خان متین ۱۱۸، مُلا محمود دالا ۱۱۹، رحمت اللہ غمگین

۱۲۰، ملا حسن عشقی ۱۲۱، مرزا قلندر ۱۲۲، عصام الدین ۱۲۳، محوی

۱۲۴، عبد الوہاب ہمت ۱۲۵، محمد کاظم ۱۲۶، محمد رضا ۱۲۷،

رحمت اللہ بانڈے نوید ۱۲۸، ملا محمد فرزند توفیق ۱۲۹، خواجہ بہاالدین ۱۳۰، فاخر ۱۳۱، ملا راجح ۱۳۲، محمد اکبر رفیق ۱۳۳، میر غلام شاہ آزاد ۱۳۴، سعداللہ شاہ آباد ۱۳۵، محمد فاروق ۱۳۶، شیخ شرف الدین زہگیر ۱۳۷، ہدایت اللہ متو ۱۳۸، ملا محمد سعید گندرو ۱۳۹، مولوی قوام الدین ۱۴۰، میر عبداللہ بیہقی ۱۴۱، مولانا صدرالدین خانیاری۔

دور سوئم :- ۱، کبیری ۲، مرزا ربیع بیگ خان ۳، شیخ الہام لاری ۴، ملا نظام الدین مغنی ۵، ملا حیدر رشلو ۶، قاضی جمال الدین جمیل علی کدل ۷، خواجہ شاہ نیاز نقشبندی ۸، ملا بہاوالدین متو ۹، حاجی نظام نوراہی[۱۲۰] ۱۰، بابا کمال ریشی چرار ۱۱، ملا حمید اللہ اسلام آبادی ۱۲، شیخ طیب رفیقی ۱۳، ملا عبیداللہ ۱۴، خواجہ غلام رسول نقشبندی مقبل ۱۵، ملا حبیب اللہ دار ۱۶، ملا مصطفےٰ خان بحتور ۱۷، مرزا مجرم ۱۸، اخوند بابا ولی زہگیر ۱۹، شیخ احمد تارہ بلی ۲۰، محمد شاہ فصیح ۲۱، شیخ محمد نعیم تارہ بلی ۲۲، خواجہ حسن زہگیر ۲۳، اسداللہ راجہ نحوی ۲۴، یٰسین خان بیروہ ۲۵، میر سید سعید اندرابی ۲۶، خواجہ امیر الدین پکھلی وال ۲۷، بابا محمد کاظم صفاپوری ۲۸، غلام رسول شیوا گامرو ۲۹، خواجہ محمد شاہ زوری ۳۰، مرزا احمد بجرم مقبل ۳۱ خواجہ حسن کول شعری ۳۲۔

---

[۱۲۰] یمو علاوہ چھ مستغرق نادن منز مولانا حسن شاہ مورخ کھویہامی پتہ مرزا شاہ حسین شاہ ثاقب تھوپہ آمتی۔

## میر عبدالغنی رتنی پوری ۳۳، مہدہ شاہ دیکہ (۱۳۱۳ھ)

اَتھ ترتیبس منز یوٗدوٚے تقدیم و تاخیر چھ کیٚنہہ غلطی ٹاکارٕ
چھیہٕ مگر باسان چھُ زِ مہجوٗر صابس چھیہٕ اَتھ نظر ثٲنی کرنٕچ راے آمٕژ۔ یتھے
پاٹھی چھیہٕ تہنز یہ دوربندی تہٕ تیژٕے اَڈٕلیٚچ باسان یژھ تہنز پننس
زمانس تام فارسی گو شاعرن ہنز گرٛنز ناممکل چھیہٕ۔ تقدیم و تاخیر چہ غلطی
ہنز اکھ مثال چھیہٕ طالب اصفہانی حضرت میر سید علی ہمدانیؒ سندیم عصر
بناوِتھ شامل سپدُن دوربندی منز چھُ صدی واد، صنفہٕ واد یا سلطنتہٕ وادٕ
تقسیم کرنہٕ بجایہ مبہم پاٹھی تریہ دور مقرر کرنہٕ آمتی تہٕ ہیکہٕہٕن تم کٲشیری دور،
چک دور، مغل دور، پٹھان دور، سکھ دور تہٕ ڈوگرٕ دور ناوَن تحت
پانٕسٕن سٕمکن دوٕرن منز پننس تذکرس باگرِتھ بہرحال تیٚمنز دوربندی
نظرانداز کرنٕچ گنجایش چھیہٕ ییمہ لحاظ باسان زِ سُہ اوس یژھان تذکرہ لیکھُن
نہٕ زِ ادبی تاریخ۔ اما پوز تذکرِ خاطرٕ روزِہے تس ابجدی ترتیب قایم
کرٕنی بہتر۔ یوہے شاید اَمہِ وجہ کنہِ تمن ذہنس منز چھینہ آمٕژ تہٕ کیازِ
تس تہٕ آزادس یُس نمونہ بروٚنٹھ کنہِ اوس سُہ اوس مولانا شبلی نعمانی سُند
شعرالعجم۔ ییمیُک اظہار تمن کینٕژن خطن منز تہٕ سپدُمُت چھُ ییم
مختلف دوستن ہند طرفہٕ تمن سوزنہٕ آمٕتی یوان۔ ییتہٕ لٕس چھیہٕ اَتھ سلسلس
منز اکھ زٕ مثالہٕ پیش کرنہٕ لازمی باسان۔ ییم مثالہٕ ییتہٕ تمہٕ وقتُک
سخن فہمی ہُند بیٚیہ ادبی محفلن ہُند آینہٕ ہاوان چھیہٕ تہٕ مہجوٗر صابنہٕ تحقیقی
مواد جمع کرنک طریقہٕ تہٕ بروٚنٹھ کُن انان چھیہٕ تتہٕ چھیہٕ ییمہ مثالہٕ راجپور

ہند وارکِس جاگیردار شیر علی خان ہندِس دیوان خانس منز منعقد سپدن واجنین تمن ادبی محفلن ہندِس خاص پوٗت منظرس منز بِنیہِ تہِ کینہہ کتھ یاد پاوان یمن منز مولانا شمس الدین بحیثیتِ صدر شیر علی خان بحیثیت میزبان تہٕ تٔمسند رشتہ دار زبردست خان بحیثیتِ سیکرٹری شٲمل چھُ آسان ۔ راجپور پیٹھے چھُ مولانا شمس الدین تِتھی خط ہیٚوٗرس لیکھان ۔

( ۷۸۶ از توقف راجپور دولتخانہ راجہ اکبر علی خان صاحب جاگیر تحصیل ہندوارہ مورخہ ۱۶ جمیدالثانی ۱۳۶۱ھ

مکرمی ام السلام علیکم

قبل بریں اوراق کہ بدست جناب بہاء الدین صاحب ابلاغ خدمت کردہ ام مہربانی فرمودہ اگر فارغ النقل باشند از جناب احقر بنام محمد سعادت صاحب مورخ سرینگر ارسال فرمائید تاکید تصور فرمایند ۔ این وقت از مطالعہ چند تواریخ و بیاض شمہٕ از کیفیت چند اسامی مشاہیر شعرا بدست رسیدہ حسب سابقہ ارسال نمایم ۔ خط و کتابت بر پتہ صدر باشد ۔ )

اَمہِ پتہٕ چھُ مختلف تذکرٕ وبیٹھ تارنہٕ آمُت یمن دہن شاعرن ہند مختصر حال درج ۔ ۱ ملا مظہری ۲ نجمی ۳ نگہت ۴ ندیم ۵ ساطع ۶ صُبحی ۷ کوکب ۸ ماہری ۹ نادر ۱۰ احسن ۔

خطٕچ عبارت چھیہٕ یمن لفظن پیٹھ اندٕ واتان ۔

" کیفیت نامہ معلوم نمے شود بازہم آنچہ در تلاش بہم شود

پیش خدمت کردم و می کنم انشاء اللہ۔ بوقتِ مراجعت بہمین غرض از راہ بارہمولہ خواہم آمد۔ متعاقب لفافۂ دیگر نیز بخدمت ابلاغ شود۔ انتظارِ جواب است۔ از طرفِ جناب شیر علی خان صاحب جاگیردار کہ نادیدہ دوستِ جناب است۔ تسلیمات"

رقیمہ۔ شمس الدین عفی عنہ

رجب ۲۱

السلام علیکم۔

قبل بریں یک قطعہ کارڈ ابلاغ خدمت نمودہ ام۔ فہرستِ مرتبہ نفرستادند۔ در فراہمی مضمونِ متعلقہ کوشانم۔ شعراءؔ مندرجہ تاریخ اعظمیؔ و خزانۂ عامرہ و نتائجُ الافکار نظر انداز کردم۔ کہ ہر سہ نزدِ ایشاں موجود باشند۔ اگر زیرِ نظر نیستند برجواب آں تحقیق (چھان بین) کردہ شود.....

یتہٕ کتھہِ کُن پیٹھ کنہٕ اِشارٕ کرُنہٕ آو زِ مہجورٕ صابُن فہرست چھُ نامکمل خاص کرِتھ چھُنہٕ تمہ اَتھ منز ہم عصر فارسی گو شاعرن ہُند تذکرٕ کرُن مناسب زونمُت۔ لہٰذا چھُنہٕ یہ نَنان زِ مولانا شمس الدین چھا حیرت پاندانی کنہٕ رتن پورُک شمس الدینِ غمگین کنہٕ راجپوریکیُ اکھ بڈ ادبی صلاحیت وول عالم۔ بہرحال تہند خطِ عبارت چھیہ یتہٕ ہاوان زِ مہجورٕ صابنی پاٹھی اَسی مولانا شمس صابس کُن مواد چہِ فراہمی خاطرٕ محمد شاہ سعادت تہٕ رجوع کران پیٹھ چھیہ یہ کتھ نہٕ نَنان زِ تمہٕ وقتہٕ چھہِ کشیر ہندس ادبی سرمایس

تہٕ شعری میراثس جمع کرنس پتہٕ نوتس، مھجورس تہٕ آزادس علاوٕ محمد شاہ سعادت ہوک بیتہٕ تہٕ کیہہ تارٔیخی بصیرژ وٲلی عالم سرگرم۔ یہ اوس علامہ اقبالنہٕ ہتی عبارژ سان دارہہن باشعور کاشرٕ ادبین سوزمتہٕ خطک اعجاز کینہ تہٕ شاہ نانیک فصلِ گُل اَتھ بیٹھ تژ او علامہ اقبالنہٕ خطک متن تہٕ گاشس۔ تمہٕ خطُک اکھ حصہ ییتہٕ نس درج کرتہٕ برونٹھ چھ راجپورکس اکس گمنام مگر اہم ادبی مرکزس تھٲپتہٕ ییمتی کیہتہ خطن ہندِ تبصرکہ بدولتہٕ محفوظ تھونی لازمی باسان یِم خطوط پیش کرُن چھُ مےٚ اہم دستاویزہ پیش کرنس برابر باسان۔ گوڈٕ چھُ مولانا شمس الدین نس اکس فارسی خطس پیٹھ کنہٕ شیر علی خانن ییتہٕ اَتھ لیوکھمت یہ اردو خط پیش:

" از حقیر شیر علی اسلام علیکم قبول ہو۔

آپ کے مکتوبات دیکھ کر میرے دل میں گاہ گاہ کچھ کچھ عرض کرنیکا شوق پیدا ہوگیا ہے۔ آپ خود دیکھ لیں گے کہ آپ کی کس حد تک سمع خراشی ہوتی رہے گی۔ اس وقت میں ذرا تیار نہیں۔ البتہ آپ کے اُن الفاظ نے اس وقت یہ عرض کرنے پر مجبور کیا کہ آپ نے میرے (علم و فن وغیرہ کے بارے میں) جو تحریر فرمایا ہے اُس پر مجھ کو حد سے بڑھ کر ہنسی آتی ہے۔ واقعی آپ نے ایک حبشی یا زنگی کو کافور نام رکھا ہے۔ ورنہ میرے مکرم! برعکس آپ کے خیال کے میں اپنے تئیں ننگ قوم و ملت تصور کرتا ہوں حقیقت بھی ایسی ہی ہے آپ کا فرمانا بغیر حسن ظن کے اور کچھ نہیں ہے۔

میرے دل میں آپ کی مُلاقات کی چاہت بھی اس وقت
اضطراب کے درجہ پر پہنچی ہوئی معلوم ہوتی ہے۔ ممکن ہے
ہفتہ عشرہ تک میں آپ کو . . . ۔ (بصورتِ) خط عرض کروں
گا۔ جو مشتمل بر مضامینِ تنقید و تبصرہ اشعارِ شُعرائے مُختلف
ہوگا انشاء اللہ۔ باقی رہا یہ کہ آپ ضرور مہجور ہیں۔ لیکن میں اپنے
آئینہ دل میں مولانا شمس کے آنے کے بعد ایک بناوٹی صورت
کو ہر وقت جاگزین پاتا ہوں۔ فرطِ حیرانی سے پایا جاتا ہے
کہ کُل نظارہ مہجور ہے ؎

دِل کے آئینہ میں ہے تصویر یار
جب ذرا گردن جُھکائی دیکھ لی

دستخط شیر علی خان

اَمہ پتہ چھ مُختلف شاعرن ہندس کلامس پیٹھ تنقید و تبصرٕ والی شعر
مہجور صابس بنیہ اکہ تفصیلی خطچہ شکلہِ منز سوزنہ یوان۔ لہاذا چھ مہجورنہِ وقتک
آنہٕ ہاوُنہ خاطرٕ تہ کُشر ہندین مُختلف علاقن منز فارسی تہ اُردو زانن والین
ہُند عکس ہاوُنہ خاطرٕ تمن خطن ہُند اندراج (طوالتک خیال مُترٲوِتھ)
یِتہ نِس پیش کرُن ضروری باسان:۔

میرے مکرم دوست۔ منشی صاحب غلام احمد مہجور
اسلام علیکم
میں کچھ عرض نہیں کرسکتا ہوں کہ آپ کے پاس خطوط

کیوں نہیں پہنچے۔ وجہ معلوم نہیں ہو سکی۔ آپ کی خدمت میں ۲، فروری اور ۴، فروری روئیدادِ مجلس مشاعرہ و مناظرہ ابلاغِ خدمت کیا گیا تھا۔ جس میں چند شعرائے کشمیر کا کلام شامل تھا۔ آپ نے جو خط مولانا شمس کو لکھا ہے اس کے مطالعہ سے معلوم ہوا کہ آپ کے پاس سوائے ایک روئیداد کے کوئی نہیں پہنچا ہے۔ اسواسطے ضرورت لاحق ہوئی کہ آپ کی سمع خراشی کروں۔ قبل اس کے کہ میں کچھ روئیداد مناظرہ عرض کروں آپ کو اپنے چند ہم خیالان کی طرف توجہ دلانا چاہتا ہوں۔ میرے پیارے نادیدہ دوست میرا دل تڑپ رہا ہے کہ میں آپ کو کب دیکھوں۔ آپ کے مستحسن اور قابلِ قدر ارادہ کو میں تہِ دل سے خیر مقدم کہنے پر تیار ہوں۔ اور اپنے دلِ حزین میں آپ کے مقاصد کو جانشین کرتا ہوں۔ اور ساتھ ہی فخر سے میری آرزو ہے کہ میں بھی مہندی لہو لگا کر شہیدوں میں جا ملوں یعنے آپ کے خریداروں کی لسٹ میں اپنا نام درج کرا دوں ؎ گر قبول افتد زہے عز و شرف۔ اس کے علاوہ بفرطِ محبت مشورتاً یہ کہنے سے باز نہ رہوں گا کہ آپ اپنے قابلِ تعریف شغل میں شعرا العجم کا طرز ملحوظ رکھیں۔ شعرائے کشمیر کے کلام کو باہر کے اہلِ فن حضرات کے کلام کے ساتھ مقابلہ کرتے ہوئے تبصرہ و تنقید سے کام لیا

کریں امید ہے کہ اس سے آپ کا کلام زیادہ دلچسپ ہوگا۔
حالانکہ اس کا (آپکے کلام کا) ہر فقرہ خود بخود حد سے دلکش ہے۔
اللہ تعالےٰ آپ جیسے افرادِ قوم کو عمر دراز عطا کرے جو قوم کی
زندگی کا باعث ہوں۔

میں دل و جان سے مولانا شمسؔ کا مشکور ہوں جس نے مجھکو آپ
سے انٹراڈیوس کرایا۔ میں نے آپ کو علاوہ رودادِ مناظرہ کے (جو
از جانب سیکرٹری انجمن شاعرہ عزیزی زبردست خان تھا) از جانب
خود ایک خط بھی ابلاغ کیا تھا۔ غالباً وہ بھی آپ کے مطالعے سے نہیں گذرا
ہے۔ بہ تحریک مولانا شمس میں نے دو شعرائے کشمیر کا نمونہ کلام اور کچھ مختصر
حال انہیں عرض کیا تھا۔ افسوس ہے کہ وہ بھی آپ کو نہیں ملا ہے۔ خیر میں
تحقیق کر رہا ہوں کہ وہ ڈاک آپ کو کیوں نہیں ملی۔ میرے خیال میں
ہمارے ڈاک قلیوں کی غفلت ہے۔ خیر اس وقت میں سوائے روداد
مناظرہ کے اور کچھ نہیں لکھوں گا۔ جواب آنے پر جو کچھ میرے پاس
پہنچا ہوگا میں پیش کروں گا۔ سردست م، فزدری جو یہاں مجلس مناظرہ
ہوا (متعلق شعرائے کشمیر) اُس سے اقتباس کر کے چند ایک شعر کا تبصرہ
و تنقید عرض کرتا ہوں۔ غنیؔ کہتا ہے ؎

آشیاں گم کردۂ چوں من گرفتارش مباد
سخت بے رحم است می ترسم کہ آزادم کند

اسی مضمون پر کلیم فرماتا ہے ؎

